ج

# جنگ اور امن

(دوسرا حصہ)




ٹالسٹائے

ترجمہ

مظفر عازم

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔ سری نگر

عالمی ادب سلسلہ نمبر: ۲


اَصل : ٹالسٹائے

تُرجمہٕ : مُظفر عازم

نأشِر : جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی۔ سری نگر

چھاپ : جے کے آفسٹ پرنٹرس۔ دہلی۔

کِتابت : ولی محمد میر۔ محمود آبادی۔ رکھشالنہ

تیداد :

موٗل :


WORLD CLASSICAL LITRATURE

SERIES NO : 2

"JANG TE AMAN"

KASHMIRI TRANSLATION OF TOLSTOY'S NOVEL

"WAR AND PEACE" BY MUZAFFAR AAZIM.


Published by the :-

J & K ACADEMY OF ART CULTURE

AND LANGUAGES SRINAGAR.

2ND EDITION = 1984

# عَرضِ ناشر

جنگ تہٕ امن ہُکہِ کاشرِ ترجمٕچ دوٚیِم باگ گژھ چھپنے حاضر۔ انگریزی پاٹھی تہٕ بیٚین زبانَن ہٕنٛزِ سٕتی اسہِ رسوٗخ چھُ، چھپیٚے یہٕ کِتاب ساس ڈوڈ ساس صفحن بیٹھ مُشتمِل ییم ژٕ وی رِس تہٕ نکس ٹاییپس مَنٛز لیکھِتھ چھِ۔ سون یہٕ دوٚیِم جلد چھُ دوٚن سٕتن ہتن صفحن اندر ژٕ ٹلیِنہٕ تہٕ ژٕ سِنہٕ۔ امہِ الاوہٕ آس جلدٕچ ڈنٛڈی تہٕ ٹیبہٕ ہنٛز تیٚژٕ دوٚہ ویسران۔ خوٗدا ییٚنہٕ یوٚژھ دوٚیمہ وَری یہٕ کِس اندرس تانی آسہِ عالمی فِکٕشنک یہٕ کٔرانکھ کاشرِ زبانہِ ہنٛزِ واجہِ اندرٕ سرِ ثوبوٗت نایاب۔ یہٕ ن والی ژھینہٕ بینٛہٕ جِلدَس بھیٚشر دِوان دِوان زِ سون ترجمہٕ کار چھُ عظیم روٗسی مُصنِّف ہٕندِس مزاجَس تہٕ وَتَن تراوِ زیادے اثر مُتٲثر گوٚمُت۔ تہٕ بینہِ جِلدٕ چ یہٕ شوٗنک روانی چھِیٚ امی آگرٕ نِشہِ وُزان۔ ناولہٕ کین کرِدارَن تہٕ چھُ کأشُر مزاجٕ تہٕ کأشرِ زبانہِ ہُنٛد آہنٛگ۔ گوڈنکِس جلدَس منٛز آسی تِم کأشرِ پاٹھی ژٕنَن تہٕ پَرٕ ژھی لازمی ہوی آمِتی تہٕ نوٚے آسی تہٕ کھلہٕ ڈُلہٕ پاٹھی مٕزرٕ تہٕ یوان۔ ییٚنہٕ حِصَس منٛز چھُ یہٕ کاف وارٕ وارٕ کُملان تہٕ گِندٕ باشِن منٛز تبدیل گژھان۔ ہیٚتہٕ گوٚ یہٕ جِلدٕ یِران یِران کأژِ لٕٹہِ بٔروٗنت زِ کینٛہہ کرِدار چھِ کأشُر پوشاکھ لٲگِتھ ژٕنَن تہٕ اسہِ

وَنِدی۔ اَتھ بنیہٕ بہٕ وِچھٕ ہِشہٕ تِہٕنٛزٕ رٔوسی چھِ اَکِہ قومہٕ کِہ حُسنی بٔیتہٕ مِزازٕ تہٕ فِکرہٕ چیو
تٕرٲیو کِنی یوٗنانہٕ ہٕوورآے سارے مغربہٕ منٛزٕ اَسِہ نَنہٕ دیکھہٕ۔ مگر ہیٚشاٲ کِنہٕ
چھُ امہِ کھوتہٕ بوٚڈ وجہ یہٕ زِ طالسطائی سُنٛد یہ شاہکار چھُ جغرافیٲیی
دوٚسہٕ دیوار ژٕہناوِتھ اِنسانَن ہٕنٛزٕ اِنسانی بیٚنٛز اُبھاران۔ سہٕ اوس یاپہٕ اَتھ
سٔرس وآتِتھ نہٕ توٗرے چھُن وُنہٕ نِمتُن زِ" کاوٕ گاٹُلی چھِ کاکِل کٔرِتھ یِمَن'
'ژٕمن' دوٚیمَن ہٕنٛزِ کَتھہِ تہٕ وٕشٕ ہِشہٕ کران۔ تِہندی کِنہٕ چھِ ظاہرانہٕ اِنسانَن
ہٕنٛزٕ پٔرکَنہٕ کالہٕ یِکاہ بَدلان۔"
جنگ تہٕ امن چھُ اَکھ عظیم تارِیخی زَلزلہ کُس یوٚت منظرس منٛزٕ بیکھہٕ
آمُت مگر طالسطائی سُنٛد آفتاب نُما قَلَمچ زیٛٹھ چھٕ واقعاتَن اِنکِشاف
بناوان۔ تہٕ توٗرے چھُ بہٕ رٔوسی لکَن ہُنٛد رٔوحانی تہٕ جسمانی مزاحمتُک
تیٚتھُے شاندار، جاندار، تہٕ بَھربکہٕ بَھرٕ بکھٕ کَرِو ن تصویر پیش کران یُتھ تہٕ
ہیٚتہٕ بَتہٕ تواریخی کِتابہٕ ہیکن کٔرِتھ۔ تہٕ یِہَے چھُ طالسطایی سُنٛد فنچ
کامرٲنی۔ نیپولیَن تہٕ روٗس کِہ کھوٗلہِ سُند راز چھُ طالسطایی دوٚن
قومَن۔ تہٕ تہٕ بُلی کِہ دوٚن سوچِہ تَرٲیَن تہٕ دوٚن قومی مِزازَن ہٕندِس
تصادمس منٛزٕ ژھاران۔ تہٕ پننہِ فنچہِ زیٛٹھہٕ ہیتہ چھُ سہٕ شعوٗر، تہٕ
لاشعوٗرکی ہٕتہٕ پٔدی گُہلی روٗشن کران۔ کاشرین باسہِ یہٕ امہِ کِنی نہٕ شادِ
ڈیبوٗن نہٕ کِیازِ تِموٗ تہٕ چھِ تارِیخکی یِیی تَتھی اَنٛدازس منٛزٕ بیٚنہٕ آوی ہَتی،
ییٚتِکِ تیٚشتان رٔوسی ہیرو کٹُزوف چھُ۔ صبر تہٕ قومی پَتیچ توٗ ژھ
رُژھر آوِتھ چھُ کاشرو تہٕ طالسطایی سُنٛدی ہموطنَن ہٕندی پاٹھی
بَنِن شِلہِ رُژھر ومُت نہٕ خاٗر۔ کَتھ چھےٚ آوِج تہٕ مُہلتھ کم۔ یہٕ آسی
کاشرین ہٕنٛزٕ اَتھ ناوِلس سٕتی برابری ژھانڈنچ اَکھ کوٗشِش۔

بہٕ چھُس تمہٕ دوہ ہیٚس دٔنی دِوان ییٚلہِ بہٕ سوٗرُے چھاپ گژھتھ بیٚہ کُنہِ کآشرِ یوٗنیورسٹی منٛز نِصابہٕچ کِتاب۔ نہٕ گوو ہرگِز زِ اَسہِ پیٚیہِ طالسطائیس "شعر مرا بہ مدرسہ کہ بُرد" ہِش پآٹھ کرٕنی۔

بہٕ ناول چھُ لوٚتہٕ لوٚتہٕ رٕوٚدِ کیٚ پآٹھۍ سٕمنہٕ وُن تہٕ سنزٕ وُن۔ اسہِ آستہٕ پیٚیِر بہٕ سانِہ زبآنۍ ہندِ بٔڈِ تآرُن تہٕ شُرٕو یہ امیٚچ وسعتِ منٛز۔ اَدٕ ییٚرَن اَتھ کآشرِ منٛز اَندرٕ نوٚوۍ یامَن تہٕ طالسطائی وُنہٕ مہجوٗرس سٕنٛزِ زبوٗ نہار اَنٛز آوِ نفع ع

دآن پوشو چوشہِ ییتھ وۄن زلوو باغ
دِرگہٕ زٕ نمس آو لوٚلکہ نار ہیتھون

محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

شہید گنج سرینگر
۱۰ر دسمبر ۱۹۷۴ء

# د

## ا

سنہٕ ۱۸۰۶ اکِس گوڈنکِس دوہَس منٛز ڈراو نِکولا یے روستوف چھُٹی ہیتھ گرٕ۔ ڈینی سوف تہٕ ڈراو گرُ وُرونیزِ۔ روستوفَن کوٚر تٔمِس پانَس سٟتی یَنٛن گرٕ ماسکو نیٖنہٕ خاطرٕ زور۔ ییٚلہِ ڈینی سوف اُمِس سٟتی یا جِیس اَکِس پڑاوِ سرابہِ منٛز سمکھیوو ییٚتہِ ہیٚتھ ماسکو تانٛی دوہٕ نٛ اَکے پڑاوِ اوس۔ تٔمی جِیبہِ اُمِس سٟتی بوٚتلہِ نار تہٕ ماسکو سڑکہِ پٔٹھٕ ہیٚٹھٕ کھینٛنہٕ تہِ گٔژھن روستوفَس سٟتی ڈاکہِ بیٚتہٕ بَگہِ ہٟندِس ٹُھفرِس ہیٚتھ شوٚ نگِتھ مَسٕ نٔیٚدرٕ۔ روستوف اوس ماسکو نَزدیکھ نَز دیکھ واتنان تہٕ ہنہِ ہنہِ وارٕ بےٚ تاب گژھان۔

"جَلِ واتو اَسی؟ تُو نٛ واتو؟ واے ہیم کوچہِ، ہیم کانٛدروان، ہیم بوچِن ہِندی ژامٛگی تہٕ ہیم سِشہٕ بَگہِ۔" روستوف اوس سوچان، ییٚلہِ تِمو شہرکِس گذٕرَس ہیٚتھ کاکذ ہاوی تہٕ ژاے شہرَس منٛزٕ۔

"ڈینی سوف! اَسی ہا واتی۔ نیٚنٛدرٕ ژِھپیا؟" سُہ اوس وَنان تہٕ پانَس اوس، یِژرٕ ونہٕ ڈُکن دِرسہِ دِوان زَنتہٕ تٔمہِ سٟتی سشہٕ بگی گیٚنٛہٕ تیز پیٚہَن لَمہِ ہے۔ ڈینی سوفَن کرٕ نہٕ حرکتھا کیٚنٛہہ —

"یہ گوسہٕ چھوٗکھ کوٚنہٕ بینتھن سٕتۍ بگرِ وول زہار آسان اوسس۔ ہُہ کیا
چھُ زہار پانہٕ تہٕ۔ سُے گرٕ چھُس وُنہٕ۔ ہُہ کیا چھُے ہُہ وان بینہٕ اُسیٚ ژوچر
آہسی ہیوان یکرٕ تیز ییہن۔"

"کُس ہیتھ مکانہٕ چھُ؟" کو چوانن پرٛژھ۔

"ہُہ کیا ہُہ بوڈ مکانہٕ۔ ہتھ کوٚنس بیٹھ۔ ژٕ ہیٚ کیا چھُے نہٕ وٗنی لوان۔
یہ گوسون مکانہٕ۔" روستوف گو ونان "یہ کیا گوسون مکانہٕ۔"

"ڈیسی سوف! ڈیسی سوف! اُسی ہاواتو اکس منٹس مشراوو۔"

ڈیسی سوفن تُل کلہٕ تھوٚد ییہن۔ ژاکھراکرٕن تہٕ وٚنُن یہ کیٚنہٕ۔

"دِمتری!" روستوفن وٚن نوکرس۔ "ہُہ گاش چھُنا۔ یہ کیا سائے
گو سانہٕ مکانک۔"

"اٰں ہزی۔ یہ چھُ تُھہندِس پانہٕ بیٚہن کمرک۔"

"وُنہٕ چھُنہٕ ہیم شوٗنگی ہتہٕ۔ تیا؟ ژٕ کیشا ونان۔"

"خیال تھاوی زہٕ۔ ییہٕ میٚون نوٚ چوغہٕ مشٕنہٕ گژھی۔" روستوفن وٚن
پینہٕ ہنن بھِٹہٕ وِنن گوتژھن بیٹھ اوٚ نچ ڈالیتھ۔

"یکھ یکھ" تُمی وِژ کو چوانس کرٕ کھ۔ "ہے ووہتہ سائے ووہ وٚنی وانیتا۔"
تُمی وٚن ڈیسی سوفس ییتس وُنہٕ زوہ لیہٕ آسہٕ گژھان۔

"تیز کر۔ ژٕ ہیٚ میلہٕ نے ووہ کا خاطرِ ترٛژ ہیٚ روپہٕ ہندی
روٗپل، تیز کر۔" روستوفن وِژ کرٕ کھ بیٚلہِ زٕن ووہ نی گرٕتا دِمتریٚ ژہیٚ
مکانہٕ آسی۔ رٕودی ہنی۔ تس اوس پاسان گرٕی چھنہٕ حرکتھے کران۔

آخرکار کھیپرسٕتۍ مگہ دٕ چھٕن کٕن تہٕ ژایہ آنگنس منز۔ روستوفن پرٛزٕنا وو
پشیچ زنیٚہ۔ کھوٚ ژٕمت پلستر، ہیر تہٕ ژانگی تار۔ ژلہٕ وُنہٕ سٕتۍ بگرِ

بیٚٹھ ژھین وۄتھ تہٕ سید یٚو بڑانڈس کُن۔ مکانہٕ اوس نیوٗتا ہیٚے غرض یاٗ تھٕ وۄڑِنی زَن تنۍ ظۄ ہٕے اوس تہٕ زِ آمُت کُس چھُہ۔ وۄنِس منٛزٕ اوس تہٕ کئنٛہہ۔ "خۄدایہٕ اسارِ نے چھاخاٗرِ ے!" روستوفن سوٗنٛچ تہٕ رنٛزِ ہے کھنٛجہ گے بیٚ تس وَہ ۄسِتھ۔ یپہٕ گوسہ ہیٚبہ دوران دوران وۄٹہٕ منٛزری تہٕ لوٗگ ورہ دارہ ہیٚیرِ کھسنہٕ۔ دَرواژٕ چ سوے کھنٛچہ یئٚمٹیک مَل وِزِ وِزِ کنٛوٹہٕ ژٕکھ کھالان اوس۔ اٗس تِھنٛکے کُنی پھیران۔ ہاٗلس منٛزٕ اٗس کُنی موم بَتی دزان۔

وۄڈہٕ میہلو اوس ہنٛنِز ڈُنگرچہ بیٚٹھ شوٗنگِتھ۔

بیٛژوکوفی، سہٕ اَڈِ دوٛر نوکر بیٚیمی کُنی ژٕنی اَکھ ریڈٕ اوس بیٚوٗکمت ٹُلِتھ۔ اوس دَجِہ یوٗٹھ لاٗگتھ بِہِتھ۔ دروازٕ آو مُژراونہٕ تہٕ تیٚمی دژٕ نظر۔ اوٗنام اوس سہٕ لاپروا تہٕ نیٚنٛدرہ ہوٚت مگر وۄنی گۄڈٕن وۄتھ تہٕ بیٚتہٕ وۄنِسبٕو۔

"میہربان خۄدایا! لوٗکُٹ کنٛوٹ۔" تیٚمی دژٕ لوٗکُٹھ اٗغہٕ وُچھتھ کرِتھ۔

"نیتہِ چھا پوٗز، میانہِ ٹاٹھیا!" تہٕ بیٛژوکوفی، یُس یَدبانوٗ سیتی تنٛان اوس، لوٗگ کُنی وۄٹہٕ دیوان خان برٕس کُن۔ ظاہرا اٗسی سندِ رنٛچ شینٛچھ بیٚتھ گژھنہِ۔ مگر شاید بدلو وتیٚمی وتی خیال تہٕ کیاژِ سہٕ آو والیس تہٕ نیٚرووُن لوکٹِس آغس پھیکِس سیتی کلٕہ۔

"خاٗرِ ے چھا؟" روستوفن وۄنٛن اُمس ہیٚنٛن اَنتھہٕ مۄکلاوِتھ۔

"حمدُ خۄدایس کُن، اَہہٕ حمدُ خۄدایس کُن۔ وُنی مۄ کلے کال کھیتھ۔"

گۄڈٕ وُچھِتھ ہیٚتھ یہٕ وارٕ، میانہِ لالہٕ!"

"مورِسے کیٚتہٕ چھا بلکل ٹھیکھ یاٗ ٹھۍ؟"

"حمدُ خۄدایس کُن، اَہہٕ حمدُ خۄدایس کُن۔"

روستوفن ژھٕن ڈٖہنی سوف بلکل مُشتھ رٲوِتھ۔ فرکوٹھ ژھٕنن گنڈِتھ، تہٕ تُھنہٕ زَن تٔمی سِنٛدِ بینک کٲنٛسرِ بٔرد نٕھٹے پَے لگِہ ہیے تہٕ سُہ دوربوٹینڈ بہ بیٹھی بجہِ بیٹھکِ مَنٛز۔ اَتہِ اوس کیٛہہ گاشس۔ سورُے اوس پرٲنی چالِہ۔ تٔمی ناسہِ میزِ، تٔمی بیٹھِ کلَو تراوِتھ شمع دانہٕ۔ مگر لوکٹ آغا اوس اوٚ تام کٔمی تانِ وُچھمت۔ سُہ اوس وُنہِ دیوان خان اژاپنے زیاکِ طرفہٕ آو دروازٕکِنۍ گُستانٕ داوِ گژابہٕ سِنٛدی پٲٹھی کلہِ وآے تہٕ لوٚگ اُمس بیٹھہٕ تہٕ مُنتی کرٕنۍ۔ بٔبیہ دروازٕکِنۍ آو بیاکھ بٔبیہ کِنۍ بیاکھ تہٕ ووٚہ ژٔ آسواَنہٕ صرف مُنتی، میٹھی کرٕکرٕ تہٕ خوشی ہُشداوِش۔ تِس اوس نہٕ بورنے یوان زِ پاپہ کُس چھُ، نٔناشہِ کو سہ چھِنے تہٕ پیٹی پاکُس چھُ۔ ساری آسی یکہٕ وٕتہٕ چکہٕ دوان، کنٛتھ کران تہٕ میٹھی کران۔ صرفِ آسِس تہٕ موج اتھین، تہٕ اوسُس یاد۔

"ہتے نالوٚگ تہٕ پتھیے ...... نکولنکا .... جگرا۔"

"سون گوٚبر ..... جگرٕ .. کولیا .. چھُنا بدلیومُت .... ہنو

شمع ہا .... چاے ہا!"

"ہتے تہٕ کرمیوٹھ۔"

"میانہِ ٹاٹھِ ...... ہتے تہٕ۔"

سوتیا، نتاشہ، پیٹیا، آنامہیلوتا، ویرا تہٕ بُڈ کنوٹ۔ ساری اُسی اُمِس نالہٕ مٔتی کران۔ نوکر تہٕ دایہ آیہ کمرس مَنٛز ژٔسمتھ۔ تِیمن آسہٕ خوشی سیٹھی اکرِ دکہٕ ژُلان ہیری ہیری۔

بیٹھی پاگواُمس زنگن الوند۔

"ہتے تہٕ" سُہ اوس کرِکرِ دِوان۔

نتاشِن لوٚمُس پانس کُن تہٕ کوٚرُن تُھس بوسہٕ ورشن۔ اَمہ پتہٕ

دڑایہِ پیٹھ بیٚہن ، جاکھٹس تھاوِنس نفیچہ کرِتھ تہٕ تِہُنٛدِین اَتھن ژھاو جِہٕ ہیٚندی پاٹھو وٕہ ٹہٕ ۔ تٔمِس آسہٕ خوشی ستی چکہٕ نیرِتھ ژلان ۔

بیٚیہِ طرفہٕ آسہٕ تٔمِس اَندی اَندی اَچھ ییمَن منز خوشی ہِندی بھبری نا نیان آسی تہٕ بیٚیہِ اَندہٕ آسی وُٹھ ییم مِیٹھی منگان آسی ۔

سونیا تہٕ آسی قرمزی بناتھ ہِشی گاہ ژھٹان ۔ اَمِس آسہٕ تَرِ الانز گِتھرٕ سوٚ آس وِسان تہٕ تِمن اَچھن تھلہِ تھلہِ وُچھان ییمَن سوٚ ییٚڑ کال پرارہ ییمٕژ آس ۔ کیٚنہہ تانی ستراہ وٕرِش سونیا آس مارٕ منز، بٮ۪یہِ تہٕ وٕنکِس ییلہِ سوٚ خوشی ستی پھولان تہٕ وٕلسان آس ۔

سوٚ روز تٔمِس مُدِ گٔژھِتھ، اَچھ آس تہٕ ہیکان تُلِتھ ۔ وُٹھن ییٹھ اوسُس اَسُن پھولان تہٕ ستاہ زیٚٹھ آسن ۔ سُہ تہٕ اوس اوٚرہٕ شُکر گزار اَچھو اَمِس وُچھان، مگر وُنہٕ اوس سُہ کَس تانی پراران، اوٚرہٕ یور نظرٕ دِوان ۔ یٔدکنٕو ٹیس آس تہٕ وُنہِ ژامرٕ، وُنی گو دَروازس ییٹھ تکُن ۔ ییمہِ قدمٕ آسی تِمہِ نیٚبرٕ وٕتھان زِ ییمہِ آسی تہٕ اَمی سٕنزِ ماجہِ ہِندی قدم باسان ۔

مگر یہِ آس سوے توٚو یوشاکھ لاگِتھ یُس تٔمِس وُنہِ اوس تہٕ کیاز یہِ اوس تٔمی سٕندِ گژھ صحت پیٹہٕ بناونہٕ آمُت ۔ سارِ وٕے ترٕ ووشہ ییلہِ تہٕ سُہ دوٚر یو ماجہِ نِش ۔ ییلہِ ییمہِ سمکھے تمہٕ ترٕ ووٲمِس سیٚنس ستی بالَن تہٕ لَگِس وَدن ہِکی ۔ سوٚ آس تہٕ کلے ہیکان تُلِتھ تہٕ آس اَمِس رِسالہٕ فوجی سٕندِ جاکٹھ کِس ترٕ تس گوٚٹس ستی ننِتھ دباوان ۔ ڈٮ۪ہنی سوف اوس کمرس منز ژامُت تہٕ وُچھمُت اوس تہٕ کانسی سُہ اوس ییمَن وُچھان تہٕ اَچھن پھش پھش دِوان ۔

"وُسیلی ڈٮ۪ہنی سوف ۔ تُہندس تیٚچوی سٕندِ دوس" تٔمی کرٕ

وُڈِکنوٹس سٟتی پانٕے زانہٕ، تُس سوٗی اُچھوٗ اَمس کُن وُچھان اوس۔

"خوٗش آمدید! بہٕ زانہٕ ژٕ، بہٕ زانہٕ ژٕ" کنوٹن وون ڈٕہتی سوفس میٛٹھہٕ تہٕ نالہٕ مٔتی کران۔ "نکولِنکا اوس لیکھان۔ نتاشا! ویرا! ہیٚتہٕ سآ یکیا چھچھُو ڈٕہتی سوف۔"

ہیٚے خوش خوشحال تہٕ وۄسہٕ آمتی ہیتھو آے ڈٕہتی سوفس وَلِتہٕ۔
"ڈوٹھِ ڈٕہتی سوف!" نتاشن دِژ کرٕکھ تہٕ خوٗشی سٟتی بانہٕ نشہٕ بےٚ خبر گٔژھِتھ تٔمۍ اَمس مٔتی تہٕ میٛٹھی کرٕنہٕ۔ نتاشہ وُٹھ سٟتی گیٚیہٕ سآری کِتھی نانی ہی۔ ڈٕہتی سوف تہٕ وۄزلیوو مگر تٔمۍ لٕملاوی وُٹھ۔ نتاشس روٗتن اَتھہٕ تہٕ کوٗرنس میٛوٹھ۔ ڈٕہتی سوف سوٗز کھ اَکس کمرس منز یُس تٔمس کیٛت تھاونہٕ آو۔ تہٕ روستوف ہٕہندی سآری گرٕ بأژ سمے بیٛٹھ نکولنکا ہس اَندی اَندی دیوان خانس منز۔
بُڈکنوٹس بیٹھ اَمس نش، اَتھس تھآونس زوٗرٕ تھپہٕ کٔرِتھ تہٕ اَتھ روز میٛٹھی کران۔ باقٕے آسی اَمس اَندی اَندی گٔتھ ماران۔ اَمی سٟتیٚ اکس اکس حرکژ، اکس اکس نظرِ تہٕ اکس اکس کتھہِ پیٛاران تہٕ ژہس تہٕ آسی تہٕ پینہٕ ماہرٕ شرٕ اُچھہ اورٕ یورٕ ڈالان۔ اَمی سُند بوے تہٕ بیٛنہٕ آسی اَتھ اَکس سٟتی ژُوان زِ بےٚ نتہٕ بےٚ بیٛہس نکھہٕ تہٕ بےٚ نتہٕ بےٚ اَتس چاے یا رُمال یا پایپ۔

روستوف اوس ہیٛہنز ماے وُچھتھ بیٛوولان۔ مگر ملاقاتک گوڈنیک ژِرِشہٕ اوس تیوٗت جوشہٕ ہوٗت زِ بہٕ خوٗشی اَس تہٕ ووٗنی نتھ نش کہیں۔ تٔمس اوس اَمہِ کھوٗ تہٕ کیا تام زیادٕ توقع۔
سفر پتہٕ دۄیمہِ دۄہہ شوٗنگ سہٕ دہ بجن تانۍ۔

سٕنتھ واٹس کمرس منزٕ آسی جولنہٕ، شمشیرٕ، کرٕنلہٕ، ٹھانہٕ ڈکتی ٹرنک تہٕ مألہ بوٹھ۔ زٕ بوٹھ ہیمن زیںچھ ہیچھ دار کھوٚرِ آسہٕ، آسے صاف کرِتھ لبہٕ سٕنتی تھاوِتہٕ۔ نوکرٕ وأنی آبہٕ نار، سٕنتیو خاطرٕ گرم آب تہٕ برش دِتھ بلو۔ کمرس منزٕ اوس مردٕ مُشکھ تہٕ تماکی دہن۔

"ہے! اگرٕ شکا! پاپپ۔" وساکا ڈینی سوفن ودن ہو کھِ متہٕ ہٹہ۔"

"روستوف! ووتھ ووذ۔"

روستوفَن مُنزرٕ آدی ٹارٕی ہیم اکھ اکس سٕنتی لارِتھ گمتی آسی۔ تہٕ تُلُن وُشنہٕ شاندٕ ہیٹھٕ مس پریشان کلہٕ۔

"کیاز؟ زیرٕ گو؟"

"زیرٕ گو۔ دہ ہیٹرن بجہٕ۔" نتاشن دیُت جواب۔ دوٚ ہیمہٕ کمرٕ منزٕ اوس مایہٕ دار سکاٹن ہُشد کھرٕ کھرٕ تہٕ کورین ہُشد اُشن کنن گژھ ہان۔ دروازٕ اوس آمُت اڈٕ ووٚتھ تھاوِتہٕ، اپارٕی ہیٹیہٕ بنیلین ریبن، کژہٕ ہنس مستس تہٕ اسہٕ ووٚنِ مُچھنن ہیٹھ نظر۔ نتاشہٕ آس سو نیانہٕ ہیٹی با ہیتھ وُچھنہٕ آمژٕ نِہ ہیٕ ووٚ تھاکِنہٕ نہ۔

"نکولِنکا ووتھ ووذ۔" نتاشنی آواز آیہٕ دروازٕ ہیٹھٕ ہیٹیہٕ۔

"جل!" ہیٹس کانس آسہٕ ہیٹی پاہن شمشیرٕ وُچھہٕ منزٕ نس اوس تمی مارٕ منزٕ ہیمن منیشو مُت ٹیس فوجی بوسے وُچھنہٕ ووہ نلال چھُ۔ تمی کوٚز تہٕ پروانی زِ میشاسن بیٹنِ ماپرٕ تہٕ مرُدن کُن وُتھُن یوٚتانی تہٕ تم وارٕ پاٹھی بلو لاگن تہٕ مُنزرو وُن ہیٹھ ندس کمرس اندر۔

"یہ چھا چاٹی شمشیر؟" تمی دژ کرٕ کھ۔

کورِ ژجہٕ۔ ڈینی سوفن تھاوِ ہیٹنہٕ والہٕ زنگہٕ ورنس تل کھٹِتھ تہٕ

کھوژِ منٛز بُتھِ لۄگ تِمو اُچھو بیٚنہِ نِس دوسنِس کُن وُچھنہِ ۔ تَمِ نتہٕ دپان اوسُس ژےٚ کرنہٕ کیٚنہٕ ۔ بِٹی یا ژاو دَروازٕ اندر تہٕ دروازٕ گو بند ۔ نبر اوس کھِت کھِت گژھان ۔

"نِکو لنکا ! نیر گوٚن لاگِتھ ۔" نتاشن دِژنس کٔرکھ ۔

"یہِ چھا چانی شمشیر ؟" بِٹی یاہَن پرٛژھنَس "کِنہٕ چانی ؟" یُس بیور نا ظیمہٕ سان گبھشامِس ربشل ڈیٚبنی سو فس کُن ۔

روستوفن کٔر جلدی ، ہوز بۄٹھ تہٕ گوٚن لوگُن نہٕ دژاو ۔ نتاشن اوس میٚنخل کھورِ دار بوٗٹک اکھ کھورِ لوگمُت تہٕ بیشا کھ آس لاگان ۔ سونیا آس نژن ڈالہٕ دِوان ۔ تِمِس اوس سِکایتِ بھیو کہٕ ڈوٚن ہیوٗ گومُت تہٕ آس بیچھر بیٚہان ژیہٕ ژاو اور ۔ بیمہٕ آسہٕ دوہ شِیوٚ سے ہوِی نوٚی نیلی فرِے اکھ لاگِتھ ۔ دوہ شِیوٚ سے آسہٕ تازٕ ، گو لاگٕز تہٕ بھولہٕ وِنہٕ بُتھِ ۔ سونیا ژ ج ۔ نتاشن کٔر اُمِس نَرِ تھپھ ، نیوٚن کمرِس منٛز تہٕ لگی کتھہٕ کرنہِ ۔ تِم اسی نہٕ تِم مومولی سوال پرٛژھنَس تہٕ تِمَن جواب دِنَس کنٛہ واتان بیٚمن عہ ستی بیٚنہٕ بوت دِلچسپی ہیٚکہِ ہےٚ آسِتھ ۔ نتاشہِ آس تِمی سِنٛزِ اکِس اکِس کتھہِ تہِ تہٕ پتہِ اکِس اکِس کتھہِ ہیٚتھ تہِ اسان ۔ امہِ سببہٕ نہٕ زِ تِم کتھہٕ آسہٕ کیٚنہٕ اسہِ وِنہٕ آسان ۔ امہِ سببہٕ زِ سو آس دِلہٕ خوش تہٕ پننی خوشی آس نہٕ ہیکان حدٕ رٹِتھ ۔ بیٚہنے خوشی آس بیٚمن اسن کھنگائن منٛز بیٚھی کھٹی نیرانی ۔

" واہ ! کمال ! یہِ چھُہ بڈٕ شاندار ،" سو آس گرہِ گرہِ وَنان ۔ بولہٕ افنایہِ کِس دِشتنِس نا پیٚس اوس روستوفس باسان زِ وُہرِ ڈوڈی وُہرِ چھُ ازٕ گوڈٕ بچہِ لکٕ میٚون بُتھ موصوٗم اسنہِ عہ ستی بھیو لان ۔ گرِ نیرتہٕ بیٚٹھ اوس نہٕ تِمی اکہِ لٹہِ تہٕ وُبٹھ کُمار کوٗر مُنت ۔

"نہ - یوٗرُک بوزٕ۔" سو آسِس وَنان "زٕ چھُکھ مرد بنیوٗمُت۔ بِہ چھس نہٕ وٕنڑان کُنہِ زِ زٕ چھُکھ میٛوٗن بوٗ سے۔" تمہِ لوٗگ اُسِس گونٛڑ صِہ اَنھِژ "میٛنۍ چھےٚ بِہ دُ چھُنک سِنٛز شوق زِ توٚہی مردٕ کیٛتھۍ زٕ ذاتھ چھوٚ آسان، اسی ہیٛوی؟ کینٛہ نہٕ؟"

"سونیا کیاہ زٕ تُ ژ؟" روٗستوفَن وُوٚن۔

"ہاں! سو چھےٚ زیٛٹھ ڈلیٖل! ژٕ کیاہ وَنکھ سونیا بِہ؟ یتےٚ کیٚہہ کینٛژٕ ہنٛزٕ۔"

"بِہ وَنان چھِہ۔"

"ہیٛنے کیٚہہ ؤنۍ زٕ وسِس۔ دُ چھوٚ، ہیٛنٛز وَنے بِہ کیاہ زٕ؟"

"مگر تِہ کیاہ زٕ؟"

"ادساٗنہٕ بوز۔ ژٕ سٕے چھےٚ خیٖرزٕ سونیا چھےٚ میٛنۍ وسِس۔ ژنٛژھ وسِس زِ تمۍ سِنٛدِ خاطرٕ چھےٚ میٛنۍ اَکِ دہ ہہ تُرزا آجمٕژ۔ دُ چھ، بوزوو ژ۔ تمہِ کھول پنٛنہِ خاشک نوٚر کھوٚد تہٕ ہووٗن پنٛنہِ نوٗزکھ، زبیچھِ، نرم ترِ بیٛٹھ، کھو تہٕ وَٹہٕ ہیٛور بیٛہکِس اَکھ دہ زُل آکھ (تتھ جایہِ یو سہٕ ڈانس کَرن دِز تِہ تُنٛزِ چھےٚ آسان) بِہ زٕ آج میٛنۍ تمِس پنُن محبتھ ہاوِنہٕ خاطرٕ سیٛود تُرٕ راوم نارس منٛز سلے تہٕ لاٗجمس۔"

روستوف رُوٗد پیہٕ نِس تیبلہِ کِس پیٛرِن کمرِس منٛز سوفَس بیٛٹھ بیٛہتھ، یتھ یوہ کیٛنٛژ نکوٚ یہ تڑاوِتھ آسی، نتاشنہِ وہ سہ آمٕژ اُچھ دُچھان ہیوٗتمِس شہ گرہ تہٕ شہ یوہ کیچار یادُس کاٗنسہِ ہنٛدِ خاطرٕ کاشہٕ ماسنے چھیٚنہٕ تھاوان مگر اُمی سٕنٛدِ خاطرٕ اوس زندٕگی ہنٛزٕ بجہ بجہ خوشی وُزناوان۔ تژٕ سلیبہِ سٕنٛتی تُرزا اٚلِتھ پنُن بول تیٛہتاوُن باسیوو ہہٕ اُمِس کینٛہہ عجیب۔

تٔمس توٗر امیٖک مانے فِکرِ تہٕ تٔمس باسیوو نہٕ بہٕ ہیوٚہ مولی

"ادسا، تٔس یِتھے چھا؟"

آں، یِژھہٕ دٔہسہٕ چھیٚ آسی۔ یِژھہٕ نخ وہسہٕ۔ بہٕ گوٚبلی۔۔۔۔ ہنا سلے۔ مگر دٔہسہٕ چھیٚ آسی ہر ہمیشہٕ خاطرٕ۔ سو ہیٚلِ کانٛہہ سِتی محبتھ کرِ، سو کرِ ہمیشہ خاطرٕ۔ بہٕ زانہٕ نہٕ تہٕ۔ میٖون گوٚ یکدم ژھٕٹُن مشرآوُن۔"

"ادسا، بتہٕ؟"

"پتاہ سو چھیٚ مےٚ سِتی محبتھ کران نہٕ۔ سو چھیٚ ژٕ ےٚ سِتی محبتھ کران۔" نتاشہِ وو شٔلے بہٕ یکدم "ژٕ ےٚ آسی یاد، ہیٚلِ ژٕ ڈراکھ۔۔۔۔ سو چھیٚ دپان ژٕ ےٚ چھے بہٕ سورُے مشراوُن۔۔۔۔ تٔمہِ دوٚپ بہٕ کرٕ ہمیشہِ تٔمس سِتی محبتھ مگر تٔمس دِمہٕ بہٕ یلہٕ روز نہٕ۔ بہٕ چھُس اکھ شاندار تہٕ کھٔدِ پایہٕ چیز۔ اکھ شٔریف تہٕ نفیس چیز۔ ہاں! چھُنا؟" نتاشہِ آس تٔمہِ سٔنجیدٕ آبہٕ وَنان ییٚمہِ تلہٕ بہٕ صاف نوٚن اوس ژٕ سو ڈنکن وَنان چھیٚ، تہٕ چھُ تٔمہِ بٔرو نٹھ نہٕ ودان ودان بِبھیٚژر مُت۔ روسنو فُن کرٕ فِکرا۔

"بہٕ چھُس نہٕ زانہٕ تہٕ وَعدٕس ڈلان،" تٔمہِ ووٚن "تُہٕ بتہٕ سونیا چھیٚ نِژھ ماری مٔژر ژِ کانہٕ احمقے ہیٚکِہ ہینٕ خوٚشی دکہٕ دِتھ۔"

"نہٕ، نہٕ" نتاشہٕ لٔج زورٕ زورٕ وننہٕ۔ "تٔمہِ تہٕ مےٚ چھیٚ ہمہٕ کنھہٕ بٔرو نہٕٹھے کرٕ مژ۔ اَسہِ آس خبر ژٕ وَنکھ بہٕ مگر تہٕ وَسہٕ نہٕ نکھٕ۔ ژٕ چھُکنا وُچھان۔ اگر ژٕ تہٕ وَنکھ۔ اگر ژٕ ہیٚنن پان وعدٕسہٕ گنٛڈِتھ زانگھ نتیٚلہ؛ نے زٕن تٔمہِ کُنہٕ غرضہٕ بہٕ ووٚنمُت اوس۔ نہٕ گو مانے زٕن نتیٚلِ ژٕ یلے حقہٕ دٕنخفہٕ تٔمس سِتی خاندر کرُن چھُے، نتیٚلہ چھُ بہٕ سورُے گژھان غلط۔"

روسنوفس اوس صاف تران فکرِ زِ ہیمو چھُ یہِ وارہٕ پأٹھۍ سوٗنچمُت ۔

کالہٕ أسِس سونیا تٔمِس ہٕنٛزِ مأرۍ سٔندِ تہٕ ستی پھِرِتھ گٔمژ۔ اَز ییلہِ
تٔمۍ سو زِھیہٕ وُچھمٕژ آس، تٔمِس آس سۄ وارَے لوٚبہٕ وِنۍ لَجمٕژ۔ سۄ آس
شُراہ ؤرِشِش زُولمال، تٔنہٕ وانہٕ تٔمۍ سِتٛرِ مایہِ وٚلنہٕ آمٕژ۔ (انتھ اوس تہٕ
تٔمِس رٔژھ نہٕ شَکھ) "یہٕ کونہٕ کرِ تٔمِس محبتھ، نیتھرِ زَن ہیکہٕ تٔنہٕ کٔرِتھ۔"
روسنوفن سوٗنچ۔ مگر حائس آسہٕ تٔمِس بٔبیہِ بٔبیہِ خوٗشی تہٕ دلچسپی۔

"آں۔ یہِ چھُ ہیمو جان سوٗنچمُت۔ یہٕ گژھہٕ آزاد روزُن۔" تٔمۍ سوٗنچ۔

"اِدٕ جان گوٚ۔" تٔمۍ وۄن نتاشس "أسی کرَو ہٕنٛزہٕ بٔبیہِ کتھ۔ حائس
چھُس نہٕ یہٕ وہرِان کُنہٕ زِ تٔنہٕ چھا پوٚز یہٕ ووٗنِس توٚہہ یہِ لیٛشش وٲپس۔ ادسا،
ووٗنۍ وَنتم ژٕ ماچھلہ بورسَس پھیرِتھ گٔمژ؟"

"یہِ گوٚ بکواس۔" نتاشن دِژ کرٕکھ۔ "بہٕ نہٕ چھُس زانہٕ تٔمۍ سٔندے
سوٗنچان نہٕ بٔبیہِ کانٛسہِ ہُندے تہٕ نَہ چھُم غرضے۔"

"کیا غرض چھُے نہٕ۔ چھُے نا؟ تیلہِ کیا غرض چھُے؟"

"میا؟" نتاشن پرٛژھ نہٕ آیہِ ووٗسنِس۔ "ڈاوپوٹ زانہٕ ہٕنہٕ؟"

"نہٕ۔"

"ڈاوپوٹ، مشہور نٔژن وول زانہٕ ہٕن نا۔ تھٔو۔ تیلہِ تری نہٕ
زِ یئے فکرۍ۔ یہٕ چھس نی۔" ترٕو ٹھِنہٕ پٔھن کرٕ نتاشن سکأٹِ ٹکھنچھ، ییتھہٕ
کٔنۍ نٔژن وألۍ کران چھِہ، کینٛہہ قدم دِرایہِ نٔتہٕ، دِژِن أکۍ ہیۍ کھوٚرَس
بیٹھہ ڈال، دۄ شوٚرے کھوٚر أنٛنۍ ستی ستی نہٕ صرف ٹیکٕ ڈِن بیٹھہ
ووٗنۍ روٗزِتھ پیچ کینٛہہ قدم تراوِنتھ۔

"وُچھ یہٕ کیتھہٕ کٔنۍ چھُس ووٗنۍ روزان۔ بِہِتھ کٔنۍ۔" تٔمۍ وۄن مگر

سوٗ ہیٚچھ نہٕ کھوٗرٹھنڈین بیٚٹھ ووہٕ دٕنی رۄزٕ تھ ۔" بَس یی گیا چھَس بہٕ بیٚڑھان بنِنہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ ہرگِز کانٛسہِ سٕتی نیٚبھر کرُن ۔ مےٚ چھُ گژھُن ریٚنٛجہٕ بُنٛن ، وُنی زِ نہٕ کانٛسہِ ۔"

روستوفَن دیُت وژھہِ وانجہٕ ننیٚشہِ اَسَن کھنگالہٕ زِ ڈینی سوف یُس اپارٕ بیٚہتھ اوس ، یا نبرٕ یِو ۔ تہٕ نتاشس تہٕ دریوہٕ اَسُن ۔

" نا ، گو نا جان ؟ " ننمہِ بیٚڑھ بیٚہہ ۔

" ہا بلکُل ۔ گو ووہٕ دٕنی چھکہٕ ژٕ بورسَس سٕتی نیٚبھر بیٚڑھان کرُن " ، نتاشَس کھٕٹژُکھ ۔

" بہٕ چھس نہٕ بیٚڑھان کانٛسہِ سٕتی نیٚبھر ۔ ۔ کرُن تہٕ سہٕ بیٚلہ مےٚ سمکھہِ بہٕ وُنس پانے ۔"

" آں ۔ ونہٕ ہیٚسہٕ ؟ " روستوف ووٚتھُس ۔

" مگر بہٕ گیہِ خوش شکیتھ ۔ " نتاشہِ گیہِ جیٚرٕ کُبِشش کران ۔ " دٕ ہیٚپے ہا ۔ ڈینی سوف چھا جان ؟ "

" آں ! بڈٕ جان ۔ "

" خارہٕ ! الوِدا ۔ گژھ لاگ ژٕ پلو ۔ بہٕ ڈینی سوف چھا بلاے ہیوٚہ ؟ "

" نہٕ ۔ بلاے ہیوٚ کیا ؟ وسا کا چھُ زِندہ دِل انسان ۔ " نکولائن ووٚن ۔

" ژٕ چھکھ نِمس وسا کا ونان ۔ الاّے ۔ اچھا ، بڈٕ نفیس چھا ؟ "

" بڈٕ رُت ۔ "

" گژھ وجلدی تہٕ بیٚو چاے چیٚنہٕ ۔ ؤ لِو یکہٕ وٕٹھہٕ چیٚمو چاے ۔ "

نتاشہِ وُژھ ٹھنڈین بیٚٹھ تہٕ گتہٕ رنیٚرٕ ہندی پاٹھی دٕراہ کھٕٹھہِ تہٕ بَرٕ ، تُسنٛد بیٚتہٕ اوس ننیٚشہٕ بھولہٕ وُن بیٚنہٕ صرف اَکِس ہپداہ وُری شہِ

خوٗشدِل کھَنڈرٕ آسِنہٕ ہیٚکہٕ۔ دیوان خانَس مَنٛز سونیا وُچھِنہٕ گوٚو روستوف دوٚزُل نار ہیوٚ۔ تَس اوٚس یہِ اَمِس نِش بُشُہنہِ تکان۔ راتھ آسی تِمو مُلاقاتچہِ گوڑٕ نیچہِ گرٕ ہِندِس مارٕ مُنِس مَنٛز اَکھ اَکِس میٚٹھی کٔرمٕژ۔ اَز اوٚس کھ تہٕ محال باسان۔ تَس اوٚس باسان یِرٕ کتھ کاشہٕ، موج تہٕ، بیٚنہٕ تہٕ، زَنانہٕ سوالی نظرو تہٕ ژران زِ تلا اَمِس سٕتی کیاہ کرِہ یہِ۔ تِمَو کوٚر اَمِس اَتھس میٚوٗ سٹھ تہٕ "ژٕ"، "کٔری کٔری تہٕ" "سونیا" "کٔری کٔری کٔر نَس کَتھ۔ مگر بیٚلہٕ تِہنٛزٕ اَچھ رٔلہٕ ہٕن، تِم آسہٕ زیادٕ وٕژھہٕ دٔنیچہِ کَتھہٕ تہٕ مایہٕ ہُنٛزٕ ماہ تہٕ میٚٹھی کرٕان۔ تَسٕنٛزٕ اَچھ آسہٕ تناشس اَتھہٕ تِمس یَنٛہٕ وعدٕ ژٕ ہٕنٛز پاونس بیٚٹھ پٕرن پیوان۔ تہٕ تِمی سٕنٛدِ بولہٕ خاطرٕ شُکر گُزٲری کرٕان، اَمی سٕنٛزٕ اَچھ آسَس آزاد تُراوٕنہٕ خاطرٕ شکریاہ کرٕان تہٕ دپان آسَس زِ تِتھہٕ پاٹھی پاگنہٕ پاٹھو تُراوٕنہٕ زانہٕ تہٕ ژٕ ہیٚ سٕتہٕ بول وٕرناوُن۔ تہٕ کیازِ چانہٕ محبتہٕ نِشہٕ بٕ روٗب ہیوٗن چھُ محال۔

"یہِ کیاہ ڈیٖلیل؟" ویرا یہٕ ووٗن بیٚمہٕ وِزِ سٲری ژھوٚپہٕ کٔرتھ آسی۔ "سونیا تہٕ نِکولِنکا چھِ زَنانہٕ ووہ یِرٕن ہِندی پاٹھی اَکھ اَکِس سٕمکھان، تہٕ کَتھہٕ کرٕان۔"

ویرا یہٕ ہُنٛد وَتُن اوس صٔحی بیٚتھہٕ کُنی ہمیشہٕ تِمی سٕنٛزٕ کَتھہٕ آسان آسہٕ۔ مگر تِمی سٕنٛزَن اَکثر کتھن ہِندی پاٹھی لگی اَمہٕ سٕتی تہٕ سٲری تَو نِگجِن سونیا، نِکولاے تہٕ نتاشے پاٹھہٕ کنٛو ٹھٔس تہٕ گیہٕ جوان کورِ ہِندی پاٹھی ووزِ ج مار ہِش۔ نَس آس فِکرٕ زِ ہیٚ ہیٚ "بیٚچوٕسں اَگر سونیا یہٕ ہُنٛد گوم تیٚلہٕ ہیٚکہٕ نہٕ یہٕ تِمس بَجہٕ جایہٕ نِیتھہٕ کٔرتھ۔

روستوف گوٚو بہٕ وُچھتھ ٹاران زِ ڈٕہنی سوف اوس جنگہٕ کرمٕ دانہٕ

کھوتہٕ زیادٕ چمہٕ خمہٕ پوڈر شمھتھ، عطرٕ ملیتھ نہٕ نوٚ وردی لاگتھ ۔ تہٕ مردن کیٛتوٚ
زنانن سینہٕ اوس نیزٕ ھترمی ورناوان ییٚنہٕ روستوفس ووہ میدہٕ آس۔

## ۲

روستوف ییٚلہٕ فوجہٕ منٛزٕ ییتھ ماسکو ووت ۔ گرٕ کیٚ باقٕ آسی تمس ہیرٕ
سارٕ وے کھوتہٕ رُت گوٚبرٕ نہٕ ہاوُن باوُن لایق نکولنکا زاتان ۔ آشناون
نشہٕ اوس سُہ لوٚبوُن، رلہٕ وُن تہٕ شریف جوان تہٕ زآنی کارن کیٛت اوس
سُہ رسالہٕ فوجُک ماری موند لیفٹنٹ، رُت ڈانس کرن وول تہٕ ماسکو
شہرٕ کیو بٔہہ کیو سارٕ وے کھوتہٕ جان مہرازٕ منٛزٕ اکھ۔
سوٗرے ماسکو اوس روستوفن زانان ۔ یٔدٕ کنٛتوٗ آسی بٔہہ
کافی پونسہٕ تہٕ کیٛازِ تمی سندی ساری جاگیر آسی رہنس ییتھ دِنہٕ آمتی ۔ اوٚکنہٕ
آسی نکولنکاہس شونٛٹھ ہی دوہ ہیران ۔ تمس اوس ریس کرنہٕ خاطرٕ پنُن
گُر، سُہ اوس نبدٕ یہٕ فاشنک سوارِ شُد برجس لاگان ییمیٚک نہٕ ماسکوہس
منٛزٕ وُنہٕ رِواجی اوس، یوٚ تہٕ اوس بلکل نوٚ فاشنک، زٕ پھٕ جُنتی کرِتھ
تہٕ کھورٕ تَل (دگُرِس زیرٕ دِنہٕ خاطرٕ) زِ بچھہٕ روہ یٔہ پستٕنہٕ میچہٕ لاگِتھ ۔ روستوفس
لگی بٔتیبہٕ پیانہٕ جالہِ زندگی گُزار پنٕچ ہال کرنس کیٛنہٕ دوہ ۔ مگر ووہ نی اوس
سُہ گرٕ وانتس ییتھ خوشش ۔ تس اوس باسان یہٕ پھس بالیغ گوٚمُت تہٕ مردٕ
بنیوٚ مُت ۔ سُہ مقدس کتابن ہندیس امتحانس قبل گژھن، سُہ سٕنیٚنہٕ بگرٕ

خاطرٕ گوٚر ڈلیس پأٹھۍ وۄزم ہێبنۍ۔ سُہ ژۄرِ ژۄرِ سونیا یہ موٗنہٕ کرٕنہٕ ۔ یہ
سوٗرے کینہہ اوس تٔمِس دوٗر پێتہ کاپیچ شُری لأژی باسان۔ وۄنی اوس
رسالک یہِ لیفٹنٹ روٗپہٕ سُند گوٚڑٕ دارجا کھٹھ لاگان۔ سینٹ جارج سُند
نوغمہٕ لاگان۔ تٔمِس کُنٛت اوس ریبہِ خاطرٕ گُر کھٔتہٕ بوان گڈٕنہٕ، تہٕ سُہ اوس
بٔنبہٕ ہِن زِ ہٹِن تہٕ بڑتہٕ والیٚن سوارَن سٟتۍ وۄنفان بنیہان۔ تٔموٕ ٲس
ٹُلواڈَس پیٹھ روزَن واجنہِ اَکِس زنانہِ سٟتۍ وأٹھٕ تہٕ شامَن اوس سُہ
نوٗر یوان گژھان۔ ارہروف سٕندِ اوس سُہ ڈانسیچ پیشوآیی کران۔
فیلڈ مارشَل کا منکی یَس سٟتۍ اوس جنگس پیٹھ بحث کران، تہٕ اَکِس
ژٔنجی وٕہرِس کرٕ نأیس سٟتۍ اوس یارٕ بأشی کران یُس اَمِس ڈٕینی سوٗفن
سمکھوومُت اوس۔

ژٔرِس سٟتۍ یُس عشق اَمِس اوس، ماسکوٗہس مَنٛز روٗزِتھ گوٚسہٕ کم تہٕ کیاژ
ننہِ ہێوک نہٕ اَمی سُہ زانتہٕ تہٕ وُچھتھ۔ مگر تونہٕ اوس سُہ وِزِ وِزِ شہنشاہ
سُند ناو تٔمہِ آیہِ ہێوان زَن تٔمِس تٔمی سٕندِ حقہٕ یێنٛن بول باوَن تہٕ اوس تہٕ
تنگان۔ تٔمِ بوکِی جذباتھ ییم پٔرتھ کأٹھۍ فِکرِ تژہن نہٕ۔ شہنشاہ الیکزنڈر
پادلو وِچیس اوس سُہ تہِ تنھٕجے گٔنۍ دِلہٕ جانہٕ قدر کران ییٚھٕ گٔنۍ اکھ زمانس
مَنٛز ماسکوہکی عام لکھ کران آسی۔ ماسکوٗہس مَنٛز اوس تٔمِن دوٗہن تٔمِس
"فرشتہٕ خصلتھ" لقب دِنہٕ یوان۔

بٔنیہِ جنگس منیرنہٕ شرد نٹھ یُس کم قلیلا وقت روٗستو فن ماسکوٗہس
مَنٛز کوٚڈ تٔمِ تھ مَنٛز گوٚ سُہ سونیا یِہ سٟتۍ نکھ بێنہٕ بدلہٕ دوٗر آنی یسۍ آس
ٹاری مَنٛز تہٕ نوٗبہ وِنی تہٕ ننہِ وانہٕ آس اَمی سٟشرِ مایہ ولنہٕ آمژ۔ مگر سُہ
اوس یا وِہکِس تٔمِ تھ پاوِس پیٹھ بٔنیتہِ کرُن لایق تیوٗتا باسان چھُ زِ

یوٗنہٕ باوٕتہٕ سوٚمبنہٕ چھِنہٕ فُرصتھے باسان۔ جوان چھُ اَمہِ وِزِ زالہٕ لگنس کھوٗژان تہٕ بینٛنہِ آزادی چھِس کران خوشش تہٕ کیاہ زِ یہِ چھےٚ تِمس وارِیاہَن چیٖزَن ہیکان آسان۔ ماسکو رۆزِتھ ہیٚیلِ سُہ سوٗنیا یہِ ہُشِد سو پچھہِ ہے۔ سُہ اوس یا نے پانَس وَنان " اوہ! اَمِس ہیٚش ہِیَو وُنہِ خبر کاٗژا۔ وُنکین تہٕ آسِن خبر کاٗژا یمہٕ یہِ زانکھ تہٕ تہٕ۔ ہیٚیلِ یہِ مجُنٛنک سو سخُن پَرٕھہِ تہٕ ہیٚیلِ چھےٚ تمتھ وُنہِ فُرصتھے فُرصتھ۔ حالَس چھُ سِرٕیے وقِت ضوٚرۆر کَتھ۔ " اَمہِ علاوٕ اوس تہٕ تِمی ہِندی کیٚنہہ زنانَن سٕتی ووہکتُن بیٚہن مردانہٕ شانَس شوٗیال۔ سُہ اوس ڈانس مجلس تہٕ زَنانہٕ مجلِس مَنٛز تیٚیبری ژمی گٔژھان، گرٕ ی دور، انگریزی کلب، ڈیٚتی سوفَس سٕتی خوشش بانٛتی تہٕ اَمہِ ہیٚتہٕ سپدَن واٗلی روت گتھ۔ ہیٚم گیٚیے بیٚوٚن چیٖز تہٕ رسالہٕ کِس اَفسرَس شوٗیہٕ ہَن ہیٚتی چیٖز۔

مارچہِ کیٚن گوڈنکین دوہَن مَنٛز اوس پیٚٹر روستوف ـــ ایلیا آندری وِچ روستوف ـــ انگریزی کلبس بیٚٹھ شہزادہٕ بگراثیوٗنہٕ سٕندِ خاطرٕ اکِہ سالگ سَتشرکرنَس سٕتی آور۔

کنٛوٹ اوس گوٚن لاگنتھ ہاٗلَس مَنٛز اورِ یور کران۔ گرا اوس کلب منیجرَس سمکھان، گرا یِرَتھ بٕد فیکٹری یہٕ تہٕ گرازِٹھس وازس تہٕ تِمَن بگراثیوٗنہٕ سٕندِ سالہٕ خاطرٕ اسپرٛاگس، الہٕ، اشٹابہ، ماز تہٕ کاڈ تیار کرنہٕ خاطرٕ وَنان۔ یِنہٕ یہِ کلب بنیوٚمُت اوس تنہٕ ہیٚیٹھٕ اوس کنٛوٹ اَمِنک میمبر تہٕ دوہ ژِ اوس مُنتظِم تہٕ کلبَن آس اَمِس بگراثیوٗنہٕ سٕندِ خاطرٕ سالگ سَتشرکرنِچ ذمہٕ واری ترٛاوِمٕژ۔ تہٕ کیاہ زِ یِمی کامِن ہُشِد مُنِتھ تجربہٕ وول بنِتھ ہے تہٕ بیاکھ کاشہٕ۔ بیٚیبہٕ تہٕ یُس حاجتہٕ وِزِ بینٛنہِ یوٗنہٕ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ تیار آسہِ ہے۔ وازٕ تہٕ کلبک منیجر آسی ڈیکہٕ مُٹرِ یِتھ

اَمہٕ سُندی حُکم مانان۔ تِمَن آس خبر زِ ساسہٕ وادَن روبلَن ہِندِ سالہٕ مَتنرٕ چھُنہٕ تیوٗت نفع بیٚیہ کانٛسہ نِشہٕ نُلُن مُمکِن یوٗت اَمِس نِش چھُہ۔

«خیال تھٲوِو زِ کینٛچھو نہٕ گژھِہ نے سوٗنچہِ بغٲرِ وَنہٕ آسُن۔»

«متنرٕ گژھن مزید بدلاوَنہٕ خٲطرٕ گردِش تاہ آسن؟» وازَن پرٛژھ۔

«کَم چلَن تا.... تہٕ یِے؟ اَکھ گو ماہو تینٛزٕ (اَکھ سیٚٹھن یتھہ متنر کٔرِ یُکٗ ذو غارِہ تیار کرنہٕ خٲطرٕ ہتھ، کرٕ یم تہٕ سرکہِ بیٚنٛزِ استعمال سٔپدان چھہِ)» تِمی وٕنُن اَکھ اَڑ گنٛجِ وٗٹھ۔

«تیٚلہِ چھا جناب اجازت دِوان بڑ گاڈنہِ انون» مینیجرن وٕنُن۔

«آں۔ تُہٕ چھُنہٕ جارٕ سے، دژوٗجی تے پیٚٹھ..... اوہ، ژٕ سے سرس خٲنہٕ آسی نے، مےٚ گیُو مُشِتھ...... بیٚٹھ اَکھ چیز تہٕ گژھہِ میزس پیٚٹھ آسُن۔ ..... ہامیتانہٕ خودا بہ۔» تِمی کٔرٕ کَلِس کھَنٛچھ۔ مےٚ کُس انہٕ پوشِس۔ ماتِنکا! ہے ماتِنکا! ژٕ دور یاد ماسکوٗنی چکس پیٚٹھ (یہٕ اوس ماسکو ہس نکھے کنٛشوٗٹہٕ سُند اَکھ چکھ)۔ تنتہِ دِچھ ماکسیمکا ہس ساری ہٲلی پوشِس سوٚمبراوِنس لاگنی۔ تِمِس دِچھ تتہٕ ہم گملہِ چھِہ۔ تِم ساری نَمبرٕ ٹِس کیپرس ڈٲلِتھ اَنِنی یوٚری۔ تُہُہ دِوہ ہیٚہ گژھن مےٚ پیٚنٛزٕ تہٕ تِتھ گملہٕ آسنی۔»

پھیری پھیری قسم وار ہدایتھ دِتھ اوس وو ذٕ سُہ تَھکِتھ ژھینٛتھ کنٛشوٗٹہٕ نِش تَھکہ گُڈنہٕ پکان۔ مگر کیا تا ذ بیٚیوس ژٕ ہنٛس، کھیوٚر یتھ، اَنِہ وازنہٕ مینیجر ناد دِتھ تہٕ لوٗ گگھ یتیہٕ کیا تا ذ فکرِ تارنہٕ۔ دَروازس پیٚٹھ بوٗذی پہموٗت مرداتہٕ قدم تہٕ تالہٕ کھورَن ہُند ٹھُس تہٕ اَدٕ ژاو گوٗلاری انہارہٕ نوکٕٹ کنٛشوٗٹ۔ اَمِس اوس وو ذ (پھیٹہٕ وٕنن) گو نتہٕ دَن کٔر ہُشیار ہیوان پھیرُن۔ یِم تِکہ نہٕ ماسکو چہ عٲشہ مَتنرٕ زِندگی ہِندِ حسابہٕ جان باگھی کرِتھ آہ۔

"اۆہ گوٚبرٕ! مےٚ چھُ کلہٕ گیران۔" بڈٕ کنشوٹَن وۄن یَتھا سشر مدار ٹھتھ نیپچوٚس کُن نظر کٔرتھ۔ "ولہٕ! یتھ کیا گٔگکھ ژٕ رے۔ اسہِ چھُ وُنہ گیوٚن واٹَراتھ سنے۔ سازٕ ندر چھُ مقرر کٔرتھ ہیتی۔ انوکھ نا کینہٕ کُلی فقیر نتہٕ۔ تۄہہِ ملٹری والین چھو بیٚھی ییٚیر خوٚشش کران۔"

"پاپا! مےٚ چھُ ٹٔھین زِ شہزادٕ بگرازٕ لیوٚن لاج نہٕ ییٚیر وۄسہٕ وژدسہٕ شوٚ نگرا بیٚنہٕ چیر لڑا بہٕ بیٹھ بیٚیرا توٚہی ٹٔمی سندِس سائس بیٹھ لاگان چھِوٕ۔" نیپچوی وۄننس اسان اسان۔

بڈٕ کنشوٹُن دیٚتۍ اکھ تھفہٕ روشنگ باس۔

"اد ساڈٕ رے وۄن ژٕ رے کرٕ۔" کنشوٹ بھیوٚر واژس کُن۔ یٔمیں ہمدردی سان اکھ نظر ۂلس اوس تراوان تہٕ اکھ نیپچوس۔

"فِلنٹرا! وُچھان چھکھہٕ جوان کوٚنت واتی۔ ییم چھہٕ وۄنی اسہٕ بڈٕن اسان۔"

"عالی جناب! یہٕ شر مکام چھےٚ صرف جان کھانہٕ کھیوٚن۔ اسی کیتھہٕ کنی کرو سہٕ تیار، تتھہٕ سنتی کیا چھُ ییمن۔"

"ٹھیکہ ٹھیکہ۔" بڈٕ کنشوٹَن دِژ کٔرکھ نہٕ کٔرن خوٚشی سان نیپچوس اٹھن دوٚن تھپہ۔ "وُچھان چھکھٕ۔ وۄنی تراو نفہ نہٕ۔ ژٕ نہٕ شِشہٕ بگہٕ تہٕ گُرژھ ٹیمی دمہٕ بیزو ہوفہٕ مشند۔ ٹٔمس سانہ چھہٕ سوزنس کنشوٹ ایلیا آندری وِچن تہٕ دوٚ بیٚنے مےٚ گژھن کینہٕ اشتابر تہٕ پایِن ایس۔ تیم یٔمن نہٕ ییٚیہٕ کاٗنسہٕ نتہٕ۔ اگر شہٕ گرِ اوس نہٕ۔ ژٕ اژٕ کرِ تہٕ وۄنی زِ شہزادٕ۔ ادٕ۔ تتہٕ بیٚھ گژھوزِ گیٹی۔ کوچوان ایا تکا ۂس چھےٚ سو جاے ونہٕ۔ تتہٕ وُچھن الوٚ تکا۔ شہٕ کُلی فقیر یٔمہٕ کنشوٹ آرلوفہٕ سندہٕ ٹنگوان اوس یاد چھُیہٕ سفید پلوٚ لاگتھ۔ شہٕ اَکُن پوٚ دی۔"

"تٕمی سٕنٛزٕ تہم کُلی فقیٖر کوٚرِتہٕ،" نِکولاسے وۄنٛتھ اسان اسان۔

"ڈٕلو، ڈٕلو......"

نام زایہِ اوٚرٕ آنا مِہیلونا توٚت پاٹھٕی۔ تٕمی سٕنٛدِس بٔتھِس بیٚٹھ آسِ ہمیٖشہِ کِہ پاٹھی عیباہٕ سے بنیٖزمی۔ آنا مِہیلوناہس کنوٗٹس دۄہ ہےٚ گوٚہ ن لاگیتھ وُچھان۔ تہٕ دۄہ ہےٚ اوس سُہ امہِ سٕنٛزِ کنیٖتھ ناگ زٕ ہالہ تہٕ دۄہ ہےٚ امہِ پوٚشاکہٕ خاطرٕ ماٲفی منگان۔

"مےٚ آس یِژھ ساتہٕ وَنان، کنوٗٹ۔" تٕمہِ وۄنٛ نرمی سان اَچھ وٲٹِتھ۔ "مےٚ چھُ بیزوہوفس خبرِ گژھُن۔" تٕمہِ وۄن "لوٗکٕٹ بیزِوہوف تہٕ چھُ آمُت۔ دۄہ ژٕبہِ اَسہِ بکار آسہِ تہٕ بٕنہِ تٕمی سٕنٛدِ پوٚشن وۄہ یِدا نِکرِ شیٖشہِ خانہٕ منٛزٕ۔ مےٚ چھُ پانس تہٕ تٕمِس سمکھُن۔ تُمی چھےٚ مےٚ بورِس سٕنٛزٕ اَکھ چِٹھی سوٗزِمٕژ۔ حُمد نیو دابِس کُن بورِس چھکھ عملس منٛز نِمُت۔"

کنوٗٹ اوس نہٕ وٕژان کُنہِ زِ اکھ کام ہیٚنٛز آنا مِہیلونا یہ منٛزٕ۔ تُمی دُبت اُمی سٕنٛدِ عگی اننک حُکم۔

بیزوہوفس نہٕ کٕرِ زِ سال۔ یہٕ لیکھ تٕمی سٕنٛد نادنہِ۔ آشنہِ تہٕ چھےٚ سٕنتی۔"

آنا مِہیلونا یہِ تِجہِ اَچھ تہٕ تِمَن اَچھن منٛز اوس دُنی ہِہِکلہ غم

.. "اوٚہ میانہِ ماٹھ! سُہ چھُ سخ پریشان۔" تٕمہِ وۄن "اگر تہٕ پۄز چھُ یہِ اَسی بوزان چھ ییٚتہِ بَلہ چھےٚ قیامتھ۔ اَسہِ اَسی بیٚنہِ نن خوشی ین سٕنتی تہٕ اور کُن سنے نہٕ۔ کوٚتا تھدِ پایہِ فرشتہٕ خصلت چھُ لوٗکٕٹ بیزوہوف۔ اوٚہ! تٕمی سٕنٛدِ چھےٚ مےٚ واٲنچ زھنان۔ تہٕ بیٚنہِ پاٹھی چلیم تہٕ تیتھ پاٹھی رٕ چھےٚ بہٕ تٕمِس دِل۔"

"کیا! کیا ڈبیل چھیے؟" بڈٕ تہٕ لوکھٕ کنوٹن ووٚن بِکہٕ وٕٹہٕ۔

آنا میہلونا بہٕ تٔرِوو زیوٚ ٹھ ووفہ سٕش۔

"ڈولوہوف، ماریا اوانونا بہٕ ہٕشد نیچوٚ۔" تمہٕ ووٚن سیر ساٚوِ بھراہے کران "تمی مابنا آسہٕ سوناوِ وٲجھر۔ ہہٕ مایناآسہٕ ہیے تمس موقہٕ دِوان ثرِ ڈھ نکیٚنس۔ بہٕ ڑز برگہٕ آسہٕ ہس سال کرٕی کرٕی گرٕہٕ اَنان۔ تہٕ ووٕنی گوسہٕ یہ...

... سو آمژ لو رتہٕ سہٕ بیزتی باہٕ چھس آمٕت بیتہٕ بیتہٕ۔" آنا میہلونا گیٕر وَنان سو آس صرف بیہرے یَس ستنی بتہٕ ھان ہمدردی ہاوِنی مگر تمی سندِ کہچر تلہٕ تہٕ آسہٕ وِنہٕ چانٹہٕ تلہٕ آس "بیزتی باہٕ" سندِ خاطرٕ تمی ستر ہمدردی بھٹی بھٹی نیران۔ "بیزتی باہٕ" آس سو ڈولوہوفس وَنان۔ دیان بیہرے چھُ باہٕ بجورامہٕ ستی وُستہٕ آمٕت۔"

"خارٕ، نونہٕ گٕرٕی زہٕ س سال۔ یہ بِنہٕ شاندار مجلس۔"

دوہہٕ دوٚہی، یہ گوٚ ترٕ ہیمہٕ مارٕچ، آسی انگریزی کلبکس ڈاے ہتھ ممبر تہٕ تہہشدی تیٔشزاہ پُٕرٕ ھی بیٹہٕ رٕنس خاص میزمان تہٕ آسٹریا ہچہٕ لڑایہٕ ہندِس ہیرو، ششہزاد بگراژیونس ٹٕرٲرل۔

آسٹریلتہٕ کہ ہارٕ ہنچ خبر بوٗزِتھ اوس گوڈٕ سوٗرُسے ماسکو روٗزِتھ، گوٗمُت۔ اوٗ تاٚ آس روٗسیٕن ہٕرتھ جاپہٕ زنیتھ ہنچ تیٔشرا اٲل گمژ زِ یہ خبر بیتھے تہٕ اڈِ ہن تہٕ اُڈِی آسی سوٗنچان تہٕ اتھ گژھن کینٛہہٕ خاص وجہہ آستی۔ دسمبرس بیتمہٕ دوہہ انگریزی کلبس منز ساٚری ناتن واٚلی تہٕ ناودار سیمیتی آسی تہٕ میلہٕ بہٕ خبر آسن واتٕنی ہیٔش مِٕژ۔ تمہٕ دوہہ آبہٕ تہٕ جنگچ یا ہارٕچ کانٛہہ کتھ کرٕ نہٕ۔ زَنتہٕ سارِ وٕ ے ساٚزِ شش کرٕ تھ گوٗشش اوس دشیمٕنت یکثوٹ روستو بیچینٕ، ششہزاد یوٗری ولبڈ ہیمپرووِچ ڈول گورکی، والیف کثوٹ

مارکوف تہٕ شہزادٕ وٚیازہ مسکی ہٕوی، یِم زَن دربارِ آری کِنہٕ کلبس مَنٛز بیٹھِ مژھرِ ہِندی لُکھ آسی، تِم آسہٕ وونی کلبس بیٹھ بوان تہٕ کتھہٕ کرَن آسہٕ اکھ اَکِس شُتندگرٕ گژھان۔

ماسکو ہیٚچھِن مجلسَن ہِندی لُکھ، یِم پَننہِ خیال بیٚیَن نِشہِ وۄزُم اتھان آسی (تہٕ کنوٹ ایلیا آندری وِچ تہٕ اوس یِمَن وِچ مَنٛزٕ) تِمَن آسو رہبر نہٕ راوی ہٕتھی تہٕ جنگس بیٹھ آسکھ یہٕ ووٚنی کانٛہہ بوٚنخنہٕ تہٕ ٹاکا یہٕ راے روٗزمژٕ۔ ماسکو ہٕکی لُکھ آسی دیان کیا تانی وکانہٕ چھُ گوٚمُت۔ اَمِچ صاف صاف ڈٔلیل نٕنٛی چھِے مُشکِل تہٕ زَرَگ گوٚتشی دُیِن۔ مگر کینژھِ کالی سِھے یِم رہبر بٔنیہِ کلبس مَنٛز۔ زَنتہٕ وٗکیل اَلگ کمرس مَنٛز کیٚنہٕ مَشورٕ کرِتھ دژامتی آسی تہٕ دٕنکھ اکھ بافایدٕ جواز۔ روٗسک ہارُن اوس یَژٕ نے ـــ بَنِشوٗبہِ ہیٚے تہٕ تِمَن۔ یہِ اوسنہٕ ازتانی بوٗزنہٕ ہیتُے تہٕ یہِ اوس محال ـــ اَکِر وجہہ آسی موہوم آمٕتی کرنہٕ۔ تہٕ ماسکوہٕس مَنٛز آس اَنٛد وَنٛد گٔنی ڈٔلیل چَلان۔ یِم وجہہ آسی ـــ آسٹریاہکِن ہِنٛزٕ دغابازی، رسد واتناوُنس مَنٛز کمزوٗری، پولینڈکِس یہٕ زبٔشکی سٕنٛز تہٕ فرانسہٕ کِس لنگرونہٕ سٕنٛز دغابازی، کٹوٗزوفہٕ سٕنٛز ناقابلیَتھ تہٕ (یہِ اوس وُٹھوٗتلی یھِرتہٕ یوان) شہنشاہ سُند لوٗک تہٕ بےتجربہ آسُن یِیٚمہٕ ناقابِل تہٕ ڈُلہٕ کوٗٹی افسرن بیٹھ یَژھ کرِ ـــ مگر فوجَن، روٗسی فوجَن آس زیٚرِ دٕس یُھو دُری ہِنٛز کرامتھ باومژٕ، یہِ اوس یَژھ کانٛہہ مانان ـ سِپاہ، افسر، جرنٲل، سٲری آسی ہیرو۔ مگر ہیرو وَن ہُنٛد ہیروِ اوس شہزادٕ بگراٹیوٗن۔ یَیٚمہِ شون گرا بنہٕ جِرٹرایہِ مَنٛز پَنُن پان نوٗن کوٗڈمُت۔ اوس تہٕ بٔنیہٕ آسٹرلِٹزٕ ژٔلُن وِزِ۔ یَیٚمہِ اَمی یوٚت پَنُن فوج داپہٕ وَنہِ وایِس کوٚڈمُت اوس تہٕ دوٚہہ دہ ہس اوسُن پَنٕنہٕ

کھوٗتہٕ دوٚہ گٔیہٕ فوج واپس ۔ دکوہ مُت ۔ بیٚیاکھ چیٖز ییٚمہِ کِنہِ یہِ ماسکوٗ ہَس مشہٗر
مشہوٗر ہیرو بنیوٗو، اوس یہِ زِ یہِ اوس (شہر) تیٚمبر ییٚم تہٕ ماسکوٗ ہَس مشہٗر
آسِس نہٕ توثیق دٲری ۔ امِس ییٚزِ نہٕ کرِتھ آسی تیٚم اَکِس سیٚیوٗد ساد روٗسی
سیٚپہَس ییٚزِ نہٕ ہاوِتھ ہیٚکان ۔ تیٚمِس سِتہٕ آشناو دٲری آسِس تہٕ نہٕ
کُنہِ قسمُک زوٚہ یہِ آسہِ ۔ مگر تونتہٕ اوس اَتھی ہِندِ جنگہِ کِنہِ تِمہِ سُند ناو
سوورؤفَس سِتہٕ وابستہٕ ۔ تِمہِ علاوٕ اوس یہِ کُٹوزوفَس برخلاف تیٚمِسٕنہِ
ناراضگی ہاوُنک سارِوے کھوٗتہٕ رُت طریقہٕ ۔

"اگر نَگراز یون آسہِ ہے تہٕ تسہٕ ییٚنہِ ہے کانسہِ ایجاد کرُن ۔ "
شنشینگ کوٗر والٹیرسِندین لفظن اَدلہِ بدل کرِتھ مخوٗلہٕ ۔

کُٹوزوف سُند آسی نہٕ لُکھ یا تہٕ ناوٕ ے ہیوان ۔ تہٕ آسی وُٹھوٗنلی
تِمِس دربٲری ڈٕلہ کوٗٹ تہٕ بُڈ کچُل ونان ۔

سوٗرے ماسکواوس شہزادٕ ڈول گورکوفہٕ سِندِ لفظ پھِران "زِئُن
پھالہٕ وِ زیادٕ تہٕ اَنگجہٕ لگیوٗ ضورٕر۔" امہِ سِتہٕ آس یژانی کامیاٗبی زٕہ تس
پیٚتھ اَنزِ چ شکَس مشان ۔ بیٚیہِ آسِ روستوپچِن سِندِ کتھہِ پھِرٕنہٕ
یِوان زِ فرانسہِ کِس چھیٚے طمطراقہٕ دارکیٚتھہٕ بیوان یِتہٕ تہٕ ادےٚ نِم جنگس
نیٚرِن ۔ جرمن چھِ بیوان ژوٚ بٔہ نہٕ دِتھ فکرِتارُن زِ پیٚتھ ژُن چھِ بڑونٹھ
نیٚرنہٕ کھوٗتہٕ زیادٕ خطرناکھ مگر روٗسہ کِس سیٚپہن چھیٚے اکٕے کتھ ۔ تِم چھِ
پیوان یِتھ رٹنہ تہٕ زور جدر ٹنی ۔ آسٹریلزچہ لڑایہ منشر ہم کمال ساتھو
افسروتہٕ جوانو ہاوی ہِمتھ آسی ۔ تنہِ ندرِ خبر آسہِ واتان ۔ اَکی اوس جنڈ
بچووُمت ۔ اَکی آسی فرانسکی پانژھ سپاہ مٲری ہِتی ۔ اَکی آسہِ کِنی ژٕی ۔
پانژھ توپھ برمژ ۔ برگہٕ شیٚنیٚرِ دٔلیلہٕ آسی تِم لُکھ تہٕ ونان بیم تہٕ تِمِس

زانہٕ ہیٚن۔ وۄپان آسی ڈۄچھنِس اَنٛفس آس چھۄکہ نہٕ کھوٗدر اَنٛفرٕٹِن شمشیر تہٕ کوٗرُن دُشمنَس پیٚٹھ حملہٕ۔ شہزادٕ آندرے سۭنٛز کتھ آسی تیمہٕ یوٗت کرٛان ہیم تِمِس دارٕ یاٛٹھی زانہٕ ہیٚن۔ تیم آسی وۄنان زِ سُہ بجوٗر موٗد نو کُٹھ، گوٗ یہ کھوٗرٕ زنانہٕ تہٕ عجیب خصلژ ہُنٛد بڈٕ مول یَتھ گُن تراٛوِتھ۔

# ۳

تٔرٛ یمہِ مارٕچ اوس انگریزی کلبس مَنٛز لکن ہُنٛد جٔمٕہ جوٗش۔ کلبکی میٛمبر تہٕ بۄڈھی آسی وردی تہٕ فراک کوٹھ لاگِ لاگِ تہٕ اُڈی روٗسی کفتان لاگِ لاگِ گرا اَکھ اَکِس سۭتۍ کھان، گراژھیتہٕ گژھان تہٕ گرا اورٕ یور دوٗ دور کرٛان زنتہٕ سوٗ تھٕ کالہٕ ماچھِ گنس مَنٛز تُلرِ آسہٕ۔ پوٗڈر مُتھی مُتھی ملازِم آسی وردی، موزٕ تہٕ سلیپر لاگِتھ، پٔرتھ دروازس پیٚٹھ وۄدٕنی۔ تیم آسی نیاو ونیار میمبرن تہٕ بۄڑھین ہِنٛدِس قدمس قدمس نظر تھاوِتھ۔ بۄڑھین مَنٛز آسی زیادٕ پیٚہن مُری دیادٕ مر تہٕ یزتھ ہُنٛد لکھ، بُڈی ٹُلی ہُتھ کرِتھ یمن پیٚٹھ خوداعتمادی تُنہ آسی۔ وۄچھِ وۄچھِ اوٗنگی کرِتھ تہٕ گوٗ یہ سال کتھِ نہٕ کرٛان نہٕ حرکتھ نہٕ۔ امہِ دٕ جکِی بۄڑھی بیٚٹھی یَنہٕ یَنہٕ ڈوڈِ بتاوِتھ۔ کمٕ قلیلا آسی اَتھ مَنٛز تیم بۄڑھی تہٕ بیم تہٕ اموب اورٕ یوان گژھان آسی۔ بیم آسی زیادٕ ترٕ جوانٕ۔ بیمنہٕ مَنٛز آسی ڈمیتی سوف، روستوف تہٕ ڈولوہوف۔ ڈولوہوف اوس دُبارٕ سیمیونووسکی رجمینٹہٕ مَنٛز افسر بنیومُت۔ جوان تہٕ ژوٗر پیٚہن جوان افسرن ہِنٛدین بُتھن پیٚٹھ اوس زِٹھین ہُنٛد یزتھ نوٗن اگر تِنٛہُنٛتھ

یتھ مشنر نیہند پننہِ کھفرُک تہ باس اوس ۔ زننہِ وناں آسی توہہ قدرہ کرنہ خاطرِ چھ آسی تیار ۔ مگر یہ گژھہِ نہ مشنراون زیننہ وول زمانہ چھُ سون کلیک اکھ پیڑون ممبرہ ننس وِژکی نہ اوس آمُت ۔ بیمرے اوس سنج فاقہ شنی پوشاکھ لاگتھ کمرس اوپہ پور کران ۔ تِمو اوس آشنہ ہندِ حُکمہ مَس زپھٹہ رووُمت ۔ نہ عائکھ نژووُمت ۔ مگر تُہنزِ اوس غوطن گومُت پاسان ۔ پڑنہ جاپہ ہیندی پاٹھو آسی بیننہ نہ تِمس تِمے لکھ اَندی نکی ہیم تِمو سندس امیر آسہ نس پڑنھ آسی کران ۔ سہ اوس بے غرض تہ شاہانہ پاٹھو تمن تیچہ نظرِ وُچھان یتیچ تِمس ہاٰل گمژ آس ۔

وانِسہ کنہ اوس سہ لوکٹین سینتی مگر امیری تہ توتلق داری کنہ زٹھین سینتی ۔ اکہ کنہ اوس سہ اکس جاپہ ووٹھان تہ بیین جاپہ بیہان ۔ زیادہ لُھدی تہ نامادر ممبر آسی پننہِ پننہ ڈیھرِ مشنر باگ بہنہ تہ ووپہ تہ آسی ہیمن نامادر لکن ہشنرِ کنہ باتھ بوزنہ خاطرِ اینجزامہ سان تکنہ کہ پوان ۔ زیادہ تیجہ ڈیھرِ آسہ کنوٹ روستو پیچین، والیف تہ نارِ شکنس اَندی اَندی ۔ روستو پیچین اوس فکرِ ناران زِ روسی کیتھہ کنہ گئے یتھ ژلہِ وِنین آسٹریاکین سپہن قل لنہ مو نجہ تہ کیتھہِ کنہ ہیو تمن سُنگین ہیتھ ہیو ژلہ ونیو سپہو ئشنزی نژوتھہ لکن ۔ والیف اوس ہرسان پننہ ڈیھرِ فکرِ ناران زِ اداروف چھُ بیٹرز برگ بیتھ ماسکو آمُت ۔ سہ چھ آسٹریلہ جہ لڑاپہ مُتلیق اتہ کین لکن ہشنز راے تژاے مولوم کرنہ سوزنہ آمُت ۔

تز یُمہ ڈیھرِ مشنر اوس نارِ شکن سہ ڈیل بوزناوان پیلہ آسٹریا جہ جنگہ چہ کونسلِ مشنر آسٹریاکین حیرتانن ہشنر احمقانہ وُچھنہ سوورفین کو کہ سندی پاٹھو بانگ دِژمژ آس ۔ سشنشین گرمخولہ کرنہ نیچ کوشش

تہٕ دوٚپُن کٹھو زوفن چھُپہٕ سوورووفس نِشہِ ہیہ موموٗلی فن ـــــ کوکرہٕ سندی
پٲٹھی بانگ دِنی ـــــ تہٕ ہیوٗ چھُپت۔ مگر کلٕیٕ زٕ کٹھن زِ ٹھہ میمبر لگٕ اُمس دولہٕ
وُچھنس۔ یہ فکِرٕ تارٕ تہٕ ٲطرٕ تہٕ اَزٕ چھُ کٹھو زوفن ناو ہیوٚن تہٕ کوکتہ۔

کنوٗٹ ایلیا آندریوِچ روستوف اوس نرم بوٹھ لاگِتھ کھینہٕ کمرٕ
بیٹھہٕ بیٹھکِ ناوٕ اَتہٕ گژھ کران۔ سُہ اوس وُژھہ وُژھہ خاص تہٕ سلامہٕ کران۔
تہٕ ہامرن نِشہِ سُہ زانہٕ ہیٚن سارِ نے تہٕ سارہٕ نے اوس ہِشی قدرٕ کران۔ مُنتری
مُنتری آسہٕ تمی سیٹھاہ نفرت ونداد تہٕ ہاونس بادنس لایق بیٹھیوس دٕ تہٕ گنڈان تمس
کُن خوشی سان وُچھان روزان تہٕ تمس کُن اَچھہ سیٹھا اشارٕ کران۔ جوان
روستوف اوس ڈولو ہوقس سیٹھا دارِ بیٹھ، اُمس سیٹھا آس تمی نوسرزان
کرمژ۔ تہٕ اُمس اوس بڈٕ قدرٕ کران۔ بڈٕ کنوٗٹ گو ہیٚن نزدیک تہٕ کیٚہ لا
ڈولو ہوقس سیٹھا دسپوسی۔

وزٕ ہی زِ سول ضرور دٕر۔ زٕ چھکہ متیا تس لوکٹی سٔند دوس۔ نوٚہ ہی
آسی وِیکہ وٕٹہ بہادری ہُند کمال ....... دِسیلی اِگتا تیج .......
مُبارکھ سلام"۔ سُہ بچپہ ورہیتس بڈس کُن نٕس اوہٕ اتھان اوس۔ مگر وُنہٕ
اوس اُمس خاطرٕ پاٹھ تہٕ واہٕ پاٹھی کرنے زانتہٕ اُج وٕسہٕ دٕروسہٕ تہٕ نوکر ژاو
سٔنتیجہ بچھ "آسے"

گنتی آیہٕ وابیہٕ۔ انتظامی دوسرے مژہ ونتھ تہٕ الگ الگ کمرن منٛتر
چھکاوٕ تہٕ آمتی ٹیٹھی آسے یکہ وٕٹہ شمتھ تہٕ شنیٚ آسُراوٕ نگہ بسلی جیہ عمرٕ
سومبرٕ آوتھ، تہٕ روٚدی دلیوان تان دروازس بیٹھ بڑاؤ تہٕ۔

دٕڑکس دروازس بیٹھ گو بگہ اٹھیوٚن لوٚد۔ ٹوپی تہٕ شمشیر آسن
کلبہٕ کہ رسمہٕ موجوب نیبر کنہٕ نوکرس اتھہٕ تھاوِمژ۔ تمس سٕہ آس اسنرخانی

ٹوٗپۍ دِنہٕ تہٕ نہ پھکس بیٛٹھ کیچہٕ ، ییٛتہٕ کٕنٛز روستو فن تِمس آسٹر بلیزیچ لڑایہٕ شُد
کالہٕ وُچھمت اوس ۔ تِمس آس تنگ رُوسی ورٛدی لاگیتھ ۔ واریاہ مُلکی تہٕ غیر
مُلکی نوٗغمہٕ آسس لاگیتھ تہٕ سینس کھوورِ کنہٕ اوس سینٹ جارج سٹار ۔
تِمہٕ اوس اَتھ مجلسہِ منٛز بیٛنہٕ خاطرامی دوہ یہٕ مس کوسمٕت تہٕ اصلاح کورمٕت
تہٕ امہٕ سینتہٕ اوس سُہ خبر کیٛتھ گومُت ۔ تِمہٕ آس ناٹہٕ متہٕ چال رٹھمٕژ مگر شکلہِ
دِلہٕ دوٗرنہٕ مردانہٕ صوٗرتھ آسنہٕ کِنہٕ آس یہٕ چال تِمس اُتھن لایق بناوان ۔
بلکشوف تہٕ قیوٗ دور ییٛتروِ چ آسی اُمس سیتہٕ تہٕ خاص مہمان آسنہٕ کِنہٕ
آسہٕ تِم اُمس پانس برٛونٛہہ برٛونٛہہ ترٛاوان ۔ بگراثیون اوس پاہراں
ہیوٗ تہٕ سُہ اوس یہٕ پٔرہان ہیمن پیتہٕ پیتہٕ پکناوان ۔ دروازس بیٛٹھ لُج دب ۔
تہٕ آخر ژاو یوٗہوٗے برٛونٛہہ ۔ یہٕ ژاو ستہٕ چھہٕ سند جیچہٕ تہٕ بٔٹے طور
پاٹھی فرشس بیٛٹھ قدم ترٛاوان تہٕ فکری اوسُس تہٕ نٔران زِ اتھہٕ کیتھہٕ پاٹھی تھاوٕ ۔
سُہ ہیٛکہِ ہے گولہٕ رُودس منٛز وایہِ متہٕ زمینہٕ پیٛٹھی زیادٕ ارامہٕ تہٕ قرارٕ
سانٕ ٹھکیتھ ۔ ییٛتہٕ پاٹھی سُہ شونگرایہٕ کرٛشک رجمینٹہٕ ییٛتہٕ پوٗگمٕت اوس ۔
اِنتظامی سمکھے اُمس دروازس پیٛٹھ تہٕ تِموٗ ہاوٕ بیٛقس یایہٕ ئٔدبس مہمانس
سمکھنس بیٛٹھ خوٗشی ۔ تِم آے اُمس اندی اندی تہٕ سلامہٕ ہیٛتہٕ بس حوالس
بیٛرارتہٕ ورٛ آسے لگی جلوٗس بناوِتھ اُمس پیتہٕ پیتہٕ دیوان خان کُن پکنہٕ
دیوان خان برٛ اَژن اوس مُشکل تہٕ کیاز ازتہٕ آسی سارٕی ہمیمرٕ تہٕ پیٛٹھمی جسرٕ
کُرِتھ اکھ اُکی سٔندِ پھکہِ پیٛٹھی اکہٕ لٹہِ بگراثیوٗنس وُچھنچ کوشش
کران ۔ زِن سُہ کانٛسہٕ نایاب جانورٕ اوس ۔ کنٛوٗٹ اپلیا آندرِ ییچ اوس
اُکس بیٛیہِ سٔندِ کھوٗ نہٕ زورٕ اَسان تہٕ " وُنہٕ ترٛاوسا گوٗبرا ! ترٛاوسا
وُنہٕ ! ترٛاوسا وُتھٕ ۔ " وُنان وُنان اوس لکن اورٕ یورٕ ڈالان ۔ تِمہٕ زِ آئی :

پُرٕھِ کمرس مَنٛز تہٕ بٔنہٕ نٲولن سِتۍ مَنٛز کمرس سوفن پیٹھ۔ زٕٹھو زٕ ہمھیر تہٕ
ٲڈی ٲڈی ہوٗ ہنیوی سیمے پرٕھن اندی اندی۔ کنٛوٹ اپلیا آنٛدر پیچ دڑاو
ٹکن اور یور ڈلان واپس تہٕ رٕٹ ھاگٕژھِھنہٕ ژاو اکھ انتظامی سنٛز
ہیتھ بٔنیمس اَتھہِ روٗ یہٕ یسنٛز اکھ ٲڈ رکابی آس تہٕ سو سَتھاؤن شہزادٕ
بگراتزیوٗنس ہرو ننٹھ کنہٕ۔ رکابہ پیٹھ اوس اکھ ٲتھ یُس اَمس ہیرو
سِنٛد بٔنہٕ تہٕ خاطرٕ بناونہٕ تہٕ چھاپنہٕ اوس آمُت۔ رکٲبی وُچھتھ لوٗگ
بگراتزیوٗن اور یور بانبرٕ ہوٗت وُچھنہٕ زَنتہٕ سُہ مدد ژھانٛڈان اوس
مگر سارِ ٲسۍ اُچھن مَنٛز آو نٔمس پیٹھ توقع لبنہٕ زِ سُہ ٹلہٕ یہٕ پنٛننہٕ اتھہٕ۔
مجبوٗر گٔژھتھ ژٕٹ تمی دوہ یوٗ اَتھو رکٲبی تہٕ یہٕ اَنٛن واٗ آس کُن نژاون
ژکھِ ہٕژرٕ تہٕ دِیہٕ ہٕژ نظر۔ کٔمی تام تُیچ یانہٕ بگراتزیوٗنہٕ سِنٛد بو اتھو پیٹھ
رکٲبی تہٕ ہووُن تمس یہٕ ٲتھ (زنتہٕ خبر سُہ مارٕ ٹھِ ہے شام تانٛ
یہٕ اَتھہٕ نے کیتھ تہٕ کھینہٕ کِس میزس پیٹھ تہٕ مانیہٕ ہے یانہٕ سِسنٛز)
" ادساٹیبلٕ یہٕ" زنتہٕ بگراتزیوٗن ونان اوس۔ سُہ لوٗگ تھنٛچہِ مَنٛز وُ
اُچھو غورٕ سان تہٕ سنجیدگی سان پرٕنہٕ۔ ٲتھ لیکھن وٲلۍ ہنیوٗ یہٕ اَمس
اتھہٕ مَنٛز تہٕ لوٗگ یانے ہَتھہٕ ہَتھہٕ پرٕنہٕ۔ شہزادٕ بگراتزیوٗن رُود کُلہٕ
بوٗن کُن نژراوِتھ بوزان:

ژٕ بن الکہٕ نٛدر سِنٛدِ تاجٕچ تہٕ تختٕچ شوٗب
اَمِس تاج دارٕ تا بیٹس سُنٛد بن راٗجِچ دہ
ژٕ بن خوفناک دُشمن تہٕ رحم دِل دوس
امٔس مَنٛز رافیٔوس تہٕ جنگس مَنٛز قیصر
نیپولینس چھ کھسہٕ وُن نصیب
مگر تمس چھیٚنہٕ مَکرٕ توٗر ہستہٕ آئیٚ
بگراتزیوٗن کس چھ وَنان
سُہ ہیکہِ تہٕ جفاکش روٗسی ین بنتھ بیتھ۔

اُمِس آس وُنہٕ نظمہٕ کلادنے زِ کھاٗنِ ساماٗن دوٚن گوٚ یہِ ہٹھ "کھانہٕ چھُ تیار" دروازہٕ آو مُژراونہٕ ۔ کھینہٕ کرِ اوس "پورلونیز" ترانہٕ سینہِ گژھان ۔ یہ روسہٕ کیو بہو درو، ترانہٕ زِ بِننکی ٹیلو، ترانہٕ شادِ ہندکی ناو ۔" کنٛوٹ ایلیا آندرییچن تہٕ آو ژٕکھ سان اُمِس شاعرس کُن نظریس وُنہِ یِتھن یا کنہ یِران اوس، تہٕ اندر اَژنک اِشارٕ کرنہٕ خاطرٕ نمبو دِ تگرازیونس کُن ۔ سارے مجلس وُنژھ تھوٚدنہٕ کھانہٕ باسیوکھ نظمہٕ کھوتہٕ زیادٕ ضروٗری ۔ تگرازیون ژاو ساریتی بڈو تھٕ بڈو بٹھ کھانہٕ کھینہٕ تہٕ سٕہ آو بڈٕ تیچہِ جایہِ بیٚہنہٕ ناونہٕ ۔ دوہیو اندو آسی اُمِس تہٕ الیکزنڈر ـــــ پُلشوف تہٕ نار شکن ۔ (یہِ اوس اِشارٕ تٕہندِس ناوس کُن) ۔ ترٛ یہ ہنہٕ نفر بیٚٹھ بیٚتر بیٚنہِ عوٚہدہٕ تہٕ مرتبہ موجوب کھینہٕ کیٚن میزن اَندی اَندی ۔ یُس یوٗت تھوٚو اوس سٕہ بیوٚٹھ یانے خاص میزباٗن تیوٗت نزدیکھ ۔ بیٚچھ کنی آیہ یانے یِتھن تنہہ سوٚم کھاوان چھُو ۔

کھینہٕ بڈو نیٚٹھے پیٚہن اوس کنٛوٹ ایلیا آندرییچن یِتھن نیٚچوٗ شہزادٕ بڈو نیٚٹھ کُنی ۔ تگرازیونن بیٚرزٕ تو وسہٕ ۔ کیٚنہہ کنہ کرِ تِس بیٚے طورٕ تہٕ اوٚرک یو ۔ بیٚچہ کنی آمہِ دوہ ہسہٕ بیٚر کتھ کاٚنہہ کتھ کران اوس ۔ بیٚنہ نِس تیچس تگرازیونس سٕتی کتھہٕ کران وُچھتھ اوس کنٛوٹ ایلیا آندرییچ بیٚرکتھ کاٚنسہِ کُن پھولہٕ چھنہٕ تہٕ تٕھر فخرٕ سان وُچھان ۔

نِکولائے رستوف اوس میزس سٕتے منزس ڈیٚنی سوٚفس

تہٕ پیٚنٕ نِس نٔوِس زٲنۍ کار ڈولو ہوٗفس سٟتۍ بہتھ۔ تِمن ہُنٛدٕ اوس پیپرس نِمِس وٕزکی ییس سٟتۍ بہتھ۔ کنوٗٹ ایلیا آندر اۆس بٔنٛہین انتظامن سٟتۍ بگراژیونس کُن ہُنٛد کرِتھ، تہٕ یہ شنٛچٕنٛزِ ماسکوٕ ہچِر ہترماندآری ہٕشد نوٗموٗنہٕ اوس، اوس شہزادس رٕشن ناو ہچ کوٗشِش کران۔

تَشِنٛز مہجنتھ آس یِہٕ راسی گمژ۔ سارے ضیافژ، ماز سٟتۍ تہٕ مازٕ ورائے سٟتۍ تہٕ آسی نُفیس گمژٕ۔ مگر کھانہٕ سٕہ کلنس تانۍ اوس نہٕ تِمس قرار۔ سہٕ اوس سٟتۍ تراوُن وآلِس اِشارٕ کران، نوکرن کنس تل حُکُم دِوان تہٕ بےتاب پانٛژ پرِتھ نوٗس سٟتس بڑاران۔ پرِتھ کانٛہہ چیز اوس شاندار۔ وُنِہ تِمِس گرِدشس ییٚلہِ سوٗلہٕ کھتے بجہ گاڈ انکھ (بیمہٕ وُچھِتھ ایلیا آندر اۆس شرمدار چالہِ خوٗشی سٟتۍ وہ شلیوٗ) نوکرو ہینٛژ بوتلن کاکہ کرڈ نہٕ شراب پھیرُن۔ گاڈو سٟتۍ گیہ ساری ذرا ہشار ہی۔ کنوٗٹ ایلیا آندر اۆس لوگ بٔنٛہین انتظامن کُن وُچھِتہٕ تہٕ وٕنُن وُٹھوٗتلی۔" واریاہ صحتکی جام ہچھ چینۍ شوٗرو بَرٕ کرُن؛ تہٕ یہ وُنِہ وُڈ تھ سہٕ گلاسہٕ اتھس کیتھ ہینیتھ۔ ساری آسی ژھوبہٕ کرِتھ بڑاران تہٕ یہ کیا وَنہِ۔

"پیٚنٕ نِس تاجدار شہنشاہ سٟندِ صحتہٕ کِنہ ناو"، تِمو وُوٗلت کھنٛدِ تہٕ تِمو سٟنٛزِ شفیق اچھ آسہٕ وہ لسہٕ کِہ تہٕ خوٗشی ہندہٕ اشہٕ سٟتۍ اَدرِ" اَمہٕ وِزِ وہ تلیوٗو (بیندس پیٹھ) یہ نعمہٕ "فتحک ناردیوٗ" بہٕ یوزتھ وُتھی ساری پنٕنہٕ پنٕنہٕ جایہٕ تھوٗد تہٕ دیکھ نارہٕ "ہُرا"۔ بگراژیونن تہٕ دِژ کرٕ کٕہ "ہُرا" تیتھے کُنۍ ییتھہٕ کُتی تِمو نشو نگرا بہٕ کس

جنگہٕ کِس مٲدانَس منٛز دِژ آیہِ۔ نوجوان روستوف ہِینٛز آواز آس تژ ییٚوہ ہنٛتوَ آوازوَ منٛزی پھُٹی پھِٹی نیٚبران۔ تِمِس اوس اوٚشِس پیٚٹھنَس تیار۔ "تاجدار شہنشاہ سٕنٛدِ صحتہٕ کرِ ناو" ہُرا" سٕہ اوس کرٕ کرٕ دِوان۔ تِمی سٕہ کلوو گلاسہٕ اَکی دامہ تہٕ دِتُن پیٚتھ دآرٕ نتھ۔ داربا ہوٚ کوٚرٕ تِمِس نقل۔ تاہ رٕوٗدی دارباہس کانٛس جاری۔ پتہٕ یِیلہِ گرٕ ییٚزٕ ہیٚیوو ادٕ ہیٚنٛز نوکرو پھُٹِہ مِتین گلاسَن ہُنٛزٕ شیشہٕ کھَنٛیجہِ سوٚمبراو نہِ۔ ساری لُگی ییٚیہ قرارہٕ سان بیٚہنہِ تہٕ پتہٕ تِس جشنس بیٚٹھ وُٹھُو ٹلی اُستاکرِ نتھ لگی کنتھا کتھا کرہٕ نہِ۔ کُٹوزٹ ایلیا آندرِ ییچ وۄتھ بیٚیہ تھوٚو۔ پانَس ہُرو تھُہٕ کنہٕ دِژن اُکِس کاکذ یرِ جیس کُن نظر تہٕ کوٚرُن صحتک جام تجویز۔ "سانہِ پتی میہ جنگہٕ کِس ہیٖرو شہزادہ پیوتر ییٚوتراوانووِ بج بگراژیونہٕ سٕنٛدِ ناوٕ۔" تہٕ کُٹوزُس آو بیٚیہ نیچن اُچھن منٛز اوٚش۔ ہُرحین ہِنٛزوِ ترٕ سٕۓ یوٚ ہنٛتوَ آوازوٚ تُل ہُرا اکھ گرٕ ییٚزٕ۔ موسیقی بدلہٕ گیوٚو گیوَن والیو اکھ ٹُلکھ ٹِیُس یاول ادانو وچ کٹُھو زوقن اوس ہتوو مُت:۔

وتہٕ کُس رَٹہِ رٕوٗسی ولہِ ویرَن
فتیچ شتیچ گیٔہ عبان بٲزی
بگراژیوٗن پیٚتِنہِ اَسہِ پوٚشِن
دُشمنَ پیٚیہ اَسہِ یادَن تَل

گیوَن پانٛتھ سٕہ کلیٚو وتہٕ صحتکی جام آے بار بار تجویز کرنہٕ۔ کُٹوزٹ ایلیا آندرِ ییچ اوس ہیتہٕ ہیتہٕ وارے وۄسہِ بوان۔ زیادٕ زیادٕ گلاسہٕ آے پھُٹراونہٕ تہٕ زیادٕ زیادٕ

عا پتہٕ چھِنہٕ سے کٹوزف ٹیس خوجک کمانڈر اوس۔

گژھٕنہٕ وٕ ژھٕ۔ بار بار آو بکلنشوف تارشکن، اواروف، ڈول گورکوف ابراکن، والیف، اِنتظامن، کمیٹی ہِندین تہٕ کلبہٕ کین میمبرن، کلبہٕ کین سارِنے میزبانن تہٕ سارِنے پوٚنس الگ پاٹھۍ سالک سنٛتھ بنٛز کرٕنۍ واتِس، کنٛشوٹ اپلیا آندر پیچ سِتۍ صحتہٕ کرِناوِ پیٛالہٕ تجویز کرٕ تہٕ۔ یٔتہٕ میس تجویزس بیٛٹھ کُڈ کُنشوٹن ژمال تہٕ اَتھ مَتز بٕتھ دیاوِتھ آسس جان پاٹھۍ بکہٕ بَرہٕ تہٕ۔

# ۴

پیپرے اوس ڈولوہوفس تہٕ نِکولاے روستوفس بڑونٹھ کنہٕ بہتھ۔ تِم کھوٚ تہٕ ہمیشکہ پاٹھۍ مالہٕ سان تہٕ چون تِہ گنٛل۔ بیمِ تِمس زرہٕ کھنڈ تہٕ زانہٕ ہَن، تِمن اوس فِکرِ تران زِ اَمِس چھِپے اَز کیٛاہ ہتانی فرق آمٕژ۔ سُہ اوس بِلکُل زھوپہٕ دَم کَرِتھ۔ اَمِچھن زِبِل زبِل تہٕ کھِش کھِش دِتھ اوس اوِرہٕ یور وُچھان۔ یا اوس کنہٕ چیزس کُن پٔے تشونکھو پاٹھۍ مُدرے گنٛڈان تہٕ نٔنتہٕ ہنٛزِ سُمہٕ کھِش کھِش دِوان۔ بُتھِ اوس ہِہ غمگین زنتہٕ نہٕ وُچھتھ اوس ہیکان تہٕ نہٕ بوٗزِتھ زِ تِمس اَندیٔ اَندی کیٛاہ سپدان چھُ تہٕ سُہ اوس کنہٕ بَدل چیٖزک سونچان۔ یِمہٕ سِتۍ تِمس تکلیف اوس واتان۔ تہٕ کُنہٕ اَند یوٚر اوسُس تہٕ لگان۔

پیپرے یَس اوس سُہ اوند سوال باتہٕ براوان یُس تِمی سِنٛزِ پیٛنزِ بٔینہٕ شہزادِ ہِندِ اِشارہٕ سِتۍ وَوٗنمت اوس۔ زِ تِمی سِنٛزِ آشنہٕ تہٕ ڈولوہوفس کیٛاہ چھُ باتہٕ واتی۔ اَمِ دوہ ہہٕ صُبحَن آس پیپرس یِس

بۓ ناو چھٹھ واتز مژ۔ عام بۓ ناو چھٹھن ہندی پاٹھو اوس اکھ مٔنز
یۓ وایہ ٹسنہٕ کرٕ کھ یاو نہٕ آمُت زِ تس ژ یۓ چھے عانکہٕ مٔنزی صاف
پوان یوزنہٕ۔ تہٕ ڈولوہوف سٕنٛزِ تہٕ جانہٕ آشنہٕ ہٕنٛز سٕٹھ واکھ چھیٚ
وونی ژ یۓ یوت نِنہٕ ژوُر۔ پیئرے یَس نہ آس شہزادِ ہٕندِس اشارس
پیٹھ پوٚرِ ہیٚز ھ پوان تہٕ نہ بۓ ناو چھٹھِ پیٹھ۔ مگر سُہ اوس وونی ڈولوہوفس
کھوژان یُس ثروتھٕ کنہِ اِستادٕ اوسُس۔ بییمہِ وِتِہ تسٕنٛز اچھ ڈولوہوف
سٕنٛزن خولصورتھ تہٕ منحوس اچھن ستی الہٕ ژاپہٕ رلہٕ ہٕن۔ پیئرے یَس
اوس ہینِس رٕوحس مٔنز کیاتام خطرناکھ اِدا دِوُن یییٕز وونلان۔ تہٕ
سُہ اوس یکدم اچھ بیٔنس اندس کُن پھران۔ تس اوس بۓ شنو ںکھی
پاٹھو بینہِ آشنہٕ ہٕنٛد پژون وق تہٕ ڈولوہوفس کُن تٔمی سٕنٛز نژا ے
ژہنِس بیوان۔ سوچان اوس زِ یہ کیٛنژھا چھٹھِ مٔنز لیکھتھ چھُ تہٕ
ہیٚکِہ پوٚزنہٕ آسِتھ۔ کمس کم پوٚزنا بِسہِ۔ کاشش یہ آسہِ ہیے نہٕ میانہٕ آشنہٕ
مُتلق۔ پیئرے یَس اوس اوس اچھن تل پوانِ زِ ڈولوہوف کِتھٕ کنی اوس
پیٛنہٕ تس عوذس پیٹھ بحال کرنہٕ آمُت۔ تہٕ پتہٕ کِتھٕ اوس سُہ امس سکھنہٕ
پیٹھ زیرگ آمُت۔ ڈولوہوف اوس زندٕگی ہٕنٛدِن آدارٕ دوہن
ہٕنٛزِ ناآئی ہٕنٛد فایدٕ تُلنہٕ سیٛوُدے پیئرے سٕنٛد گرٕ آمُت۔
پیئرے یَن اوس تٔمِس ڈیرٕ دشیمُت تہٕ ہاپہٕ وونہ زُم وِژہٕ مژ۔ پیئرے یَس
پیو تہٕ مٔنزِ سِ ایلِہٕ کِتھٕ کنی آس اسان اسان ڈولوہوفس سٕندِس گرِس
مٔنز پھاونس پیٹھ ایتراض کوٚرمُت۔ ڈولوہوفن کِتھٕ کنی اَسی تٔمی سٕنٛزِ
آشنہِ تاریف کٔری مٔنز تہٕ سُہ کِتھٕ کنی اوس ماسکو ییِنٛس نا فی تیمن
ناوی گومُت۔

"آں! بہٕ چھُس خوبصورتھ تہٕ بہٕ زانن" پیپرے اوس سوچان۔ "میے بیزتی کرٕ نَس تہٕ ٹھٔسہٕ کرناونَس بہٕ۔ اُمِس خاص مزٕ صرف اُمہِ کنٕ زِ اٰتھ شُرٕ خاطرٕ تنج میے میچھنتھ، یارزکرمِس تہٕ بیٚیہ کوٚر ہَس اکھٕ روٗٹ۔ میے تیٚیہ خبر زٕ اُمِس بہٕ میے دتھ دِنَس لُطف۔ اگر یہ پوٚز اوسُس — اَو اگر یہ پوٚز آسہِ، مگر میے چھُپہٕ اکھٕ بیٚڑھ کرُنک کانٛہہ حق" تِمِس آس ڈولوہوف سِنٛزٕ سو شکل اُچھَن تَل یِوان، یُس بہٕ شہ کأنٛسہِ ظُلُم کرنَن وِزِ پراوان اوس۔ مثلَن بیٚیلِ تِمی پُلِسہٕ افسرَس ہیٚتِس سِنٛز گنٛجو تہٕ دُری یاد اوس ژھٕ حیتو۔ یا بیٚیلِ شہ نخفہٕ کأنٛسہِ ڈوبل لٹرٔنک چلینج کرِ ہے یا پیستولہٕ سِنٛزِ گوٗلی چلاوِنہٕ کأنٛسہِ سٕشنہٕ بگہِ گُرٕ ژھسہٕ ہے مارِتھٕ۔ ڈولوہوفُن کُن وُچھتھ اوس اُمِس تِمی سُنٛد شُے بُتھ پھیری پھیری اُچھَن تَل یِوان۔

"آں! بہٕ چھُس نخیکن گوٚر ڈوبل لٹرٔن وول!" پیپرے یِنَ سوٗنچ۔ "کانٛہہ اِنسان مارِتھٕ ژھٕ حنٕ چھُنہٕ اُمِس نیٚش کانٛہہ کیٚھتے۔ اُمِس آسہِ راے سارِی چھِ میے کھوژان۔ بہٕ آسہِ اَمہِ سِنٛز خوشِس گژھان۔ اُمِس آسہِ سیٚٹھاہ تٕ راے زِ بہٕ نہٕ چھُس میے کھوژان۔" پیپرے گو خیالَن پھیری دِوان تہٕ بیٚیہ آو کیاتانٛ۔ بیچھ تہٕ گُڈٕ تِمی سِنٛدِس روٗحَس منٛز دوٚو تلِتھ۔ ڈولوہوف ڈہنی سوف تہٕ روستوف آسی پیپرےَس برٕ ونٛٹھ کنہٕ تہٕ باسان اوس یِم چھِ لُطفَس منٛز آمٕتی۔ روستوف اوس دوٚن بیٚتھ بیمَن دوستَن سِتی دربار کران۔ بیمَو منٛز اکھ رِسالہٕ فوجک پھیلہٕ وُل افسر اوس تہٕ بیٚیاکھ بدنام ڈوبل لٹرٔن وول تہٕ بیزتی باپتہٕ اوس مشہور۔ مشہوری اوس سُہ پیپرےَس کُن زَنتہٕ طنزٕ سٕتٕی نظر ترٛاوان۔ یُس باگہِ بوٚرت تہٕ روٗدمُت ہیوٚ اِنسانا آسنہٕ کنٕ بدلے باسان اوس۔

روستوف اوس دیہ ہوٚت ہیپرے نٟس کُن وُچھان۔ اوٚل آمہ کینژ زیٚ
چالاکھ بیسالہٕ سپنہٕ مُقابلہٕ اوس ہیپرے اکھ امپرغٲرفوجی موٚہنیوٗ یتھ اکِس
مٲری مُنزِ آسٕنہٕ ہٕنٛد خاوند۔ نہٕ ییم آسہ امِس اکِہ بِجہ زنانہٕ ہٕنٛزِ نظرِ
وُچھان۔ دوٚیم آمہٕ کینژ زہ بینہٕ بینیے ٲرٕ ثانن آسنہٕ کینژ اوس ہیپرے ئِن
روستوف نہٕ برزٕ نوو مٹّت تہٕ نہٕ اوسُن امہ سٟتنزن کلہٕ نوٚہر آ وِنہٕ
سلامَن جواب دیُتمُت۔ ییمہ وِزِ تمہ ژرٕ سِند صحتنکی نار وینہٕ وُنفیٚ،
ہیپرے اوس تنوٚ تاغو ظن زِ شہ نہ وٕ نِہ تھوٚ دِتہٕ نہ تکُن گلاس۔

"ژ کُنہٕ سا چھُہم ہیے۔ یوزان چھکھ نا۔ بیا تُس تاجدار شہنشاہ
سِندِ صحتُک پیالہٕ آو تجویز کرنہٕ۔" روستوفَن دِژ نس کرٕکھ شہ
اوس تمِس جوشہ ہرُد تہٕ جیبرلد نظرو وُچھان۔

ہیپرے ئِن ترِدو دوشش تہٕ موٚن امی شُند دُن۔ تہٕ ما یہ ہنہٕ آبہٕ
وٕ تہٕ روستوفس کُن وُچھ کُملا آوِنہٕ۔ "ہے مٔے نسآ بہزٕ نوکھے تہٕ ژہٕ"
تمہِ وٚن، مگر روستوفس اوس نہٕ امس کُن خیالے، سہٕ اوس نارہٕ
دِوان" ہُرّا"۔

"توٚ ہی کو تہٕ بٹبیہ زان کران؟" ڈلوہوفن وٚن روستوفس۔

"اوہ۔ ترِ اوُن بہٕ چھُ احمق۔" روستوفن وٚننس

"مٲری مُنتزن آسٕنین ہندین خاندانن سٟتی چھُ بیوان بیچھر
ورناوُن۔" ڈینی سوف وٚنُس۔ ہیپرے ئِن بوزِ تہٕ یہِتِز کینہہ، مگر
فکرِ توٚرُس نہ تان چھِ میٹونے۔ سہٕ ووزلیو وتہٕ بھیوٚر ہورُکُن ـــــ

"اِدٕ کیا دِوہٕ ڈِگو مٲری مُنتزن ہٕنٛدِ صحتہٕ کرنا وِ" یہ وٚن۔ ڈولوہوفن
تہٕ گوشنزھ بھولرا آدِتہٕ بھیوٚر شجیدگی سان ہیپرے نٟس کُن۔

مانچھ کام۔"

"گوٚ تہٕ چھکھ تمیٚلہِ نوکری کران؟"

"آں" تمۍ کر رٕژھ کھنجہِ ژھو بہٕ۔

"تمیٚلہِ کیاز چھکھ تہٕ نوکری کران؟"

"بہٕ وَنے کیاز۔ میٚون مول چھُ بیٚنہِ وَنتک ہاوُن باوُن لایق مو ہنوٚ۔ سُہ چھُ وونی بُڈ ہیوٚت۔ تہٕ ظالم تہٕ چھُمنہٕ۔ مگر طبٕی بیتہٕ رکنہٕ چھُ ژوٗرٕ سے یہِن ہکٕ ژوول سُہ چھُ ہیتھ تہٕ پننہِ حدٕ روٚس طاقتہٕ رکنہِ خوفناک۔ وونی چھُ شہنشاہن سُہ ملیشیاہک کمانڈرن چیف بنوو مُت۔ اگر تمِس بیتاہ لگہِ تیٚلہِ چھُ شروٗ ٹھ کیاہ چھُس بہٕ کرنا نی تہٕ گنٹہٕ ژیرِ آمُت سُہ دیہِ حاضری نوٗ یس بُہنوود نیتھ چھیٚہ۔" شہزادہٕ آندرے یِی وُٹن اسہٕ دِتہٕ ہیہ بجہٕ۔" وونی چھُس بہٕ تمِس مانچھ کام کران تہٕ کیاز مےٚ ورآے چھُنتہٕ تمِس نِشہِ کانٛسہِ ہُند روٚس حوٗچ جلان تہٕ بہٕ چھُس سُہ مُتزری مُتزری تہٕ ژھوٗ علطیو نِشہِ بچہٕ رٹان ییم بیتہٕ تمِس کھرانہٕ ہیٚن۔"

"ادسا۔ گو بہٕ کتہٕ چھیٚے۔"

"آں۔ بہٕ چھُنتہٕ یہٕ ژٕ سونچان چھکھ۔" شہزادہ آندرے گووَنان۔ "بہٕ چھُنتہٕ زِ بہٕ کیا چھُس سُہ بدماشس حاضری نوٗ یس۔ بچاوُن یٔژھان بیتمی ملیشیا والین ہُنٛٹھ ژوٗرِ آسن رٕہمنوٗ۔ تہٕ بہٕ گژھہٕ ہا خوشس اگر تمِس کانٛہہِس کھالہٕ ہیٚن۔ وونی گو مےٚ چھیٚے مالی سٕتر فکرتہٕ بہٕ چھُس بیٚتھے۔"

شہزادہٕ آندرے ہیوٚتُن رٕژھہِ کھو تہٕ رٕژھہِ لیبہ رٕیُن۔ سُہ اوس پیٚپرے یِس فکرِ نارانِ تہٕ بہٕ کِینژھا یہ کران چھُس تتہٕ مُتزر چھُنتہٕ ہمسایِن سوہ چھ کرہٕ پنج کاشہٕ کتھا۔ تہٕ بہٕ وَنان وَنان آسہٕ تمِس بٔے قرار یا کھٹِ اچھہٕ ناپالی۔

"ادسا تہٕ چھکھہٕ بیٚنتہٕ مالی آزاد یٔژھان کرہٕ نی۔" سُہ گووَنان۔

"بہٕ چھُس بڈٕ رٕژھ گیتہِ، مگر ییانہِ نہٕ ژھٕطرٕ تہٕ نہٕ ژانن ہالبن ہشہ حقہٕ۔ بوٗتانی سیٹھے
خیال چھُ ژٕ ہیٚے چھِے نہٕ کاٗنسہِ ہاٗس چھانٹہٕ لاشلکھ کوٗرمنت۔ تہٕ نہٕ چھُنتمن کانٛہہ
سا ہبیر یا سوٗزمنت۔ مثاٗلی زٕکتی اگر کاٗنسہِ کانسکارس چوب یِن دِنہٕ۔ چھانٹہٕ والیٚہ
یا سا ہبیر یا بیہ سوزِنہٕ۔ تِمس چھُتہٕ کیٚنہہ تہٕ کم گژھان۔ سٕہ ہیٚکہِ نٕنہٕ تہٕ سوے
وحشی زندگی گژٕ آرِ تھ۔ ژٕمرٕ ہُشہ چھوکھ بلثیوس ساتہٕ سٕہ چھُ بیٚبیہ تِمہٕ خوش۔
مگر بہٕ چھُ تِمن اِنسانن نشوٚیان ہیم اَبخلاقو کیٚنہہ وآران ژداسن۔ ہیم پیشماٗنی سیتی
ولیٚہ آسن آمتی۔ تہٕ سو پشیماٗنی دباوتہٕ خاطرٕ بیٚہ رحم ہیٚنتہ یانس اَندٕ نیٚکو سارے
اذا آسن دِوان۔ ژٕ ہیٚے آسی یہٕ ژھُمت۔ مگر بہٕ زانکھ کیٚنہہ جان انسان۔ ییم
تِمن گژن منٛز بڈٕ ہیمتہٕ۔ چھِ ییٚنتہٕ تیٚہند ین اَبختیارن کانٛہہ حد چھُنہٕ آسان۔
تِم چھِ وولی، ظالم تہٕ وحشی بنان۔ یِتہٕ بیٚبلہِ یِنٛن مرازٕ فکرہِ چھکھ ترٛان اَتی چھِ
سَنٛح پریشان روزان۔"

شہزادٕ آندرے اوس تیٚبوٗتا وٕتھِ وآنجہ کیٚنتہ کران۔ زٕ ہیٚبرے لبس
توٗرصاف فِکرہِ ییم خیال چھِ اَمِ ماٗلس نِشہِ ژٕڈِ متی۔ تِمو دِیت نہٕ کانٛہہ جواب۔
یِس ہیٚژرے چھِیے ہِتے فِکرہ۔ الناٗنی ییتہٕ کرِ یہٕ پٚنٛج، ضمیرکہِ قرارٕنج تہٕ شوٗرنچ
فِکرہ۔ تیٚہند ین کمبرن تہٕ کلن ہشرنہٕ۔ تِم چھِیے ژٕ شے کھُرتہٕ نٕہتی کلہٕ روزان
ادٕ ژٕ کوٚنانہِ چھانٹہٕ والنکھ یا توٗپ کا سنکھ۔"

"نہٕ۔ نہٕ۔ بہٕ وےٚ ساسہِ لٹہِ نہٕ۔ بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ ژٕ ہیٚے سیٚتی زانٛہہ نہٕ
اتفاق کٔرِتھ۔" ہیٚبرے یِن وٕوٚن۔

# ۱۲

شامَس کھُتی شہزادٕ آندرے تہٕ پیٖرے بَگہِ تہٕ درٛاے۔ شہزادٕ آندرے اوس پیٖرے پَس سام ہیوان تہٕ کَتھ کَتھ کرَنہٕ خاطرٕ کیٚنہٕ نتہٕ کیٚنہٕ ونان۔ پیٚمہِ سیٚتی سُہ ہاوان اوس زِ یہٕ کیاہ چھُس جان موڈُس منٛز۔
سُہ اوس تِمس کھۄہَن کُن اِشارٕ کرِتھ فِکرِ تاران زِ یہٕ کتھٕ کیٚنہٕ چھُس زِدراتک اِنتظام ٹھیکھ کران۔

پیٖرے اوس بومہٕ لَد ہیٚوٚ دم رٹِتھ، اَکہٕ لفظی جواب دِوان۔ تہٕ ظاہرا اوس سُہ پننیٚن خیالَن منٛز ہیٚران۔

پیٖرے اوس سونچان شہزادٕ آندرے چھُہ بدنصیب۔ یہٕ چھُہ غلطی ہیٚتھ۔ اَمی چھُنہٕ بزرگ گاشس وُچھمُت۔ ہیٚتہٕ بزِ اَمِس یاوری کرٕ نی۔ گاشس ہاوُن تہٕ یہٕ سَتھوٚرٕ تُلُن۔ ییٚمے سُہ سونچان اوس زِ وٕنہ ژٕ کیاہ تُلہٕ یہٕ کَتھ تِمس اوس نَران فِکرِ زِ یہٕ اتہٕ اکہِ لفظہٕ یا اکہِ جوابہٕ سیٚتی میانہٕ اوٚ صوٗلن کھیٚشی۔ سُہ اوس کَتھ تُلنس تہٕ کھوزان۔ دیان اوس پننیٚ ٹاٹھی تہٕ پاک اوٚ صوٗل ہے شُنہٕ کَڈکھ، تجربہِ ماکرہ ہم تِمَن ٹُسنہٕ۔

"نہ۔ ژٕ کمہِ کیٚنہٕ چھکھ تہٕ سونچان؟" پیٖرے لوٚگ ہَشگہٕ تہٕ منگہٕ کَتھ کرنہٕ۔ کلہٕ نوٚمروٗن ٹھوٗلل داتہٕ دسندی آٹھو بون پہاہَن۔" ژٕ کیاہ زِ چھکھ یہٕ سونچان۔ یہٕ بزی یہٕ ژٕ ییٚتہٕ سونچُن۔"

"کیاہ سونچُن؟ ژٕ کیٚمٕتیک چھکھ ونان؟" شہزادٕ آندرے بین پرٛژھ

حٲران گژِھتھ۔

„زِندگی ہُنٛد – اِنسانہٕ سٕندِ آخری مَنزِلُک ––– تہٕ ہیٚکہٕ آسِتھ۔ یہِ نہٕ اوس تُس بی سونچان مگر یہٕ بِچھوٗ وُنُس ––– خبر چھیہٕ کُنہِ بِچھوٗ وُنُس ––– ڈیسِل دروِیشی۔ نہ ژٕ سے پیٚزی ہنہ آسُن۔ ڈیسِل دروِیشی چھیہٕ کانٛہہ مذہبی فرقہٕ نہ چھُ یہِ کانٛہہ رسمی چیز یہِ زَن مٔنٛز رایہِ آس۔ ڈیسِل دروِیشی چھیہٕ اِنسٲنی نیتہٕ کِن ٹھَدِ بنہٕ پوشہٕ وُنین روشَن ہُنٛد سارِوے کھۄتہٕ رٔت کُن تہٕ کیوٗل اظہار۔“ ٲمہِ سٕتی لوٗگ سُہ شہزادہٕ آندرے یَس ڈیسِل دروِیشی فِکرِ نارتہٕ، اَدٕ بِہِتھ ییتا ژھینس پانَس فِکرِ تُرمنٛز آس۔

سُہ اوس وَنان زِ ڈیسِل دروِیشی چھیہٕ برادری، برابری تہٕ مجتبِح سۄ عیسٲیے تالیم یوٚسہٕ سیاستہٕ نِشہٕ تہٕ مذہبی زوالہٕ نِشہٕ پاک چھیہٕ۔

„سٲنی پاک برادری چھیہٕ سُہ کُن چیز یُس زِندگی مَنٛز ماتے چھُ۔ باقے چھُ سوٗرُے خاب۔“ پیٚیرے ین دوٗن۔ „مِثالہِ ٹاکھرِ ژٕ سے چھیہٕ تران فکرِ ز سانہٕ برادری ہنٛز چھُ سورُے اَپُز ٕ سٕتی مُربہ۔ یہٕ چھُس مانان زِ ژٕ سے ہوٚس سمجدار تہٕ دلہٕ شوٗد تس اِنسانہٕ سٕندی کیٚنہ چھُ یتے کٲفی زِ دوہا دوہا گژھِہ کرُن تہٕ یتمیس کانٛسہِ گژھہِ نہٕ اِدا دِنٛی۔ مگر یدوے تہٕ سانین عقایدن بیٚیٹھ ایمان اَنکھ، سانہِ برادری مَنٛز اژکھ، بیٚنٛن پان اسہِ نِشہِ رُکھ تہٕ سانین ہدایتن بیٚٹھ ٹِکِکھ ژٕ سے تہٕ بیی مِثالی پاٹھی بیٚنٛن پان اکِہ زیٚچھ غیبی ہانکلِ ہُنٛد اکھ کوٗرلینہ بییٚمنٛیک گوڈ دوٗر اسمانن مَنٛز نظر ڈٲلتھ چھُ۔“ پیٚیرے بَن دوٗن پانَس سٕتیٚ سیٚتو دوٗر نظر کٔرِتھ۔

شہزادہٕ آندرے اوس ژھۄ یہٕ دَم کٔرِتھ پیٚیرے سٕنٛز کتھہٕ بوزان۔ مَنٛزی مَنٛزی اوس تہٕ سُہ پیٚیرے سٕنٛد کانٛہہ لفظ نہٕ بوزان ہِشرِ

پکھ رار بہ کتھ بوزنہ تھ ہکان تہ سو ہن اوسُس بنیہ ونہ ناوان۔ شہزادہ آندرے
سپھرن اُچھن منز اوس اکھ خاص گاش پھزلان تہ سہ اوس ژھوپہ دم
کرِتھ۔ امہ تلہ باسیوو پیرس یس زیہ یہ وُنان چھس تہ چھُنہ چھینی گژھان
تہ شہزادہ آندرے نہ کرِ منزی کھوتھ تہ نہ ژرِ ہیاہن کتھن تانہ۔

تمہ وانی اُکس ڈری یاوس نشہ۔ یتھ یپ کھوتمت اوس تہ اکھ اوس
نکارِ کیتھ ترن۔ گگہ تہ گرِ ی روِدی پیاد بزنہ ہیمو دیت تار۔ شہزادہ آندرے
روِد ڈنڈرِ پیٹھ کھوتہ وٹھ دِتھ کول تہ زور ہیتہ اَتھ آبہ کولہ تھلہ تھلہ
وُچھان یوس یہ لوسہ پنس افتابس شولہ ماران اُس۔

"وَن سا ہے کیا چھیے اَتھ پیٹھ چانی رائے۔ ژکیازِ ہیوٗ ٹھکھ ژھوپہ دم
کرِتھ" پیرن پیژ ژھنس۔

"ہیاونی رائے کیا چھیے۔ پیر ژ ہے وُونتھ تہ بوز ہے۔ تہ چھُ ٹھیکھ۔"
شہزادہ آندرے ین وونس "مگر ژھ چھکھ ونان ساتہ برادری منز اُز تھ تہ
اُسی ہاو ہے ژ ہے زندگی ہند مانے کیا چھُ، انسانہ سُند منزل کیا
چھُ، تہ کانہ بنانکی اصول کیا چھِ ___ انسان؟ یہ کتہ چھے ژ ہے خبر یہ کیا
ڈلیل زِ ہیہ یوت چھُنہ تہ بوزنہ یوان یہ تھہنزِ اچھہ وُچھان چھیے۔ تو پہ
چھُ یہ دُنیا سیتر زک بزرگ عالما باسان۔ مگر ہیتے چھُنہ تہ بوزنہ یوان۔"
پیرن ین دیت منزی دخل "ژ ہے چھُیہ کُتہ بینہ واجنہ زندگی پیٹھ
پژھ۔" تمی پژژھ۔

"بینہ واجنہ زندگی پیٹھ؟" شہزادہ آندرے ین پھِرِ اُمی ہندی
لفظ، مگر پیرن ین دِتہ تمس جواب نہ فرصتھ تہ اُمی سُندی ہم لفظ
پھِرنس کو ڈن مانے زِ اُمس چھُنہ پژھ۔ یہ سوٗنچن زیادہ پہن امہ کنہ

تہٕ کیاہ نٕس آس ہرٕ وٕنھم خبر زِ شہزادٕ آندرے یُس چھُہ خوداہس بیٹھ پژھ۔

"ژٕ چھکھ وپان ہئے چھُہ دُنیہس منز سپزرٕ تٕج پزرٕ تٕج ناجدآری بوان لوزنہٕ۔ ہئے تہٕ چھُہ نہٕ بوزنہٕ آمُت تہٕ تۄتانی بیہ نہٕ تہٕ یورتہٕ یۄتانی انسان ییٚتھو زندگی سورُے کینٛہ زانہٕ۔ زٕمپتر بیٹھ، بۄنہٕ زٕ مپتر بیٹھ۔" (پیرسے تِن کۄلہٕ کھلہٕ گاہس فیفہس کُن اشارٕ) "چھُہ پزر ــــ سورُے چھُہ فریب تہٕ یَدٕ ذاتُل۔ مگر دُنیہس منز۔ کُل دُنیہس منز چھےٚ پزرٕ تٕج حوکو منتہ۔ وۄنکِس چھےٚ آسے تِیٚتھہ بُتراتھ ہند اولاد مگر اصلی چھُہ اُسی کُل کائناتُک اولاد۔ بہٕ چھُس نا محسوس کران زِ بہٕ چھُس ییٚمہٕ ڈسی تہٕ مربوط کُلک حصہٕ۔ بہٕ چھُس نا محسوس کران زِ خوداہ یا قوہ درتہٕ ــــ یا ییٚمہٕ کینٛہ وننس ــــ چھےٚ ییٚمہٕ آنہٕ رستین وۄجودن ہندِ عالمچہ شکلہٕ منز جلوٕ دوان ــــ بہٕ چھُس نا امہٕ کےٚ اکھ ذرٕ تہٕ پُس پابہٕ وۄجودو ییٚتھہٕ خدین وۄجودن کُن اکھ پوو۔ اگر ہئے یوزنہٕ بوان چھُہ تہٕ شنہ یاگھی یوزنہٕ بوان چھُہ زِ بہٕ ہیر چھےٚ تکھو کتھو ییٚتھہٕ پاوٕ پاوٕ بنی آدمس تانی داتان بہٕ کیاہ سوچہ زِ بہٕ کیاہ چھےٚ اُتی نے کھٹان تہٕ امہٕ ہیوٚرہ ہیوٚر کیاہ چھُنہٕ کھسان۔ ہئے چھُہ باسان بہٕ گژھہٕ ناشہٕ نہٕ ختم۔ بہٕ روزٕ ہمیشہٕ تہٕ بہٕ چھُس ہمیشہ اوسمُت۔ ہئے اُندی بکہٕ تہٕ ہئے ییٚتھی جبرِ روح تہٕ تہندِ سس عالمس منز چھُہ پزرکھ۔"

"آں، یہ گوہر درشند نظریہ۔" شہزادٕ آندرے یُن وۄن۔ "مگر مثیاہ یار بہٕ چھُنہٕ ہئے وپان۔ ہئے چھےٚ زندگی تہٕ موتس پیٹھ پژھ۔ ہئے چھےٚ اکھ بیٹھ پژھ یوان زِ کانہہ نۄکھا چھُہ آسان یُس سیٚتی الیانس گنہٕ چھُہ آسان۔ ییٚمِس انسانن کینٛہ یَد چھُہ کورمُت آسان۔ تہٕ چھُس کینٛہ خاطر یژھان کرُن۔" شہزادٕ آندرے سِیتز آوازٕ تٕج نکلنہٕ تہٕ تُمی بھبر ہورکُن ژھتہٕ "تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ

چھُ اُمی پیٹھ اِذا داتان، عذاب گژھان تہٕ یِمہٕ چھُ گژھان مرِتھ۔۔۔۔۔ کیازِ؟ تہٕ بہٕ زِ اَکھ کیا چھُنہٕ جواب۔ میانی کتھِ آسہِ۔۔۔۔۔۔ بہٕ چھُ مےٚ بیٚہان تہٕ سی چھُ مےٚ بیوٗ ٹھُمت۔" شہزادہٕ آندرے یَن ووٚن۔

"بِلکُل، بلکُل، تی چھُس نا بہٕ تہٕ وَنان۔" پیپرے یَن ووٚن۔

"نہ۔ نہ۔ بہٕ چھُس یُتھے وَنان زِ یِہ واجِنہٕ زندگی یتھ چھُنہٕ انسانس کُنہٕ دعوا دلیلہِ سِتی پژھ بیٚہان۔ اَچھ ضوٗر دُرکھ چھےٚ تمہٕ وِزِ یہِ بہوان ییٚلہِ کانٛہہ رفیق لرِ نوٗر یکان ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژھیپھ دِوالی چھُ تہٕ دوٗر کتھ تانۍ اُچھو دوٗرہ عالمس منٛز رادان چھُ۔ تہٕ انسان چھُ تتھ کھبِہٕ نٔھلِہ نٔھلہِ وچھان روزان۔ بہٕ چھُس اَکھ نٔھلہِ نٔھلہِ وچھان روٗدمت۔۔۔"

"یہاے چھےٚ کتھ۔ ژٕ چھکھ مانان زِ کیا تانۍ چھُ دوٗر کُنہٕ تانۍ، تہٕ ژٕ چھکھ بہٕ نہٕ مانان زِ کُس تانۍ چھُ ــــ دوٗر کُنہِ تانۍ، گۄڈٕ یِہ واجِنہٕ زندگی تہٕ کُس تانۍ، گو خدا۔"

شہزادہٕ آندرے یَن دیُت نہٕ جواب۔ گگو تہٕ گرٕ آسہِ کرٕ تانۍ کولِہ تارِنہٕ تہٕ بیٚبہِ گنٛڈنہٕ آمتۍ۔ آفتاب اوس نِصفہٕ تُو سُمت نارِ جابہٕ آس شاپچھ وٚنل یوزِنہٕ یوان۔ مگر کوچوان، نوکر تہٕ ناوِ ہٕ تھزٕ آسی بہٕ وُچھنہٕ راوالی زِ پیپرے تہٕ شہزادہٕ آندرے چھِ وُنہٕ تہٕ ناوِ منٛزہ رے کتھ کتھ کران۔

"اگر خدا تہٕ چھُ تہٕ یِہ واجِنہٕ زندگی تہٕ چھےٚ تیٚلہِ چھُ پزٕ ژھ نہٕ تہٕ پرٚزرتہٕ تہٕ انبانہٕ سُتھ کمال چھُ یِمہٕ حاصِل کرہٕ نۍ۔ اَسہِ پزِ زِندہ روزُن، محبت کرُن تہٕ ایمان تھاوُن۔" پیپرے اوس وَنان "ژٕ آسہِ چھِنہٕ صرف اَزۍ یتہ مِٹہِ ترٔلہِ ژُمینہِ نیٚبہٕ زِندہ۔ اَسہِ چھِ یتھ گُنہٕ منٛز ہمیشہٕ موجود بوٗدِ تمو تہٕ ہمیشہِ روزَو تہٕ۔" (تمہٕ کوٚر آسمانس کُن اِشارہ) شہزادہٕ آندرے اوس

ناوِ ہِشتر دٕیدر بیٹھ کھوٚتہٕ وَکھ ڈٕ کھرآوٕنہٕ تہٕ پیپر سے سِنتر کتھہِ بوزان بوزان اوس شہ کولہ ہِندِس تیلِس آلبس مَنٛز لوسہ وٕنہٕ اقتباسچھ دوہ زچہ زٕتھٕ وُچھان۔ پیپرے ییٚن گژھ زُھوہ یہ۔ بلکُل زُھوہ یہ گیشہ۔ شِکارِ آسِس کرتانی بوٗکھ لُجمژ۔ وعدٕ آسہٕ فقط آیہ گژھا یہٕ بوٚت لوٚت ناوٕ زٕکِس چھاوٕ یہٕ بوان شہزادٕ آندرےلیں باسیو وہیم آیہ گژھا ہِنٛ ہِندی دکہ چھ پیپرے سِندیٚن تفقلن دوج دوج دوان۔ "بہٕ چھُس پیزر۔ اتھ بیٹھ ان ایمان"۔

شہزادٕ آندرے ییٚن تژٕ ووٚش تہٕ تژآوٕن پیپرے سِندِس بُتھس کُن شُری سِنتر ہِشس موٗصُم، لَاد تہٕ شولہِ وٕنی نظر۔ پیپرے اوس بُتھہِ دوہ شلیوٗمُت تہٕ کامیاب باسان ۔ مگر ژٕ یہٕ اوسُس دوستہٕ سِندِ تھفدِ پایہٕ آسُنک ظوٚن ۔

"آں! کاشتی آسہِ ہے" "نُمہ ووٚن" خارِکھ۔ اژھ"، شہزادٕ آندرے ییٚن ووٚن ہِیبہٕ۔ شکارِ مَنٛز ہِیرِ نہٕ اوس شہ نبس کُن وُچھان بورکُن ۔ تِمس پیپرے ییٚن اشارٕ کوٚرمُت اوس۔ آسٹرِ بلرِچہ لُڑایہِ بیتہٕ وُچھ تُمو اُژ گوڈ رِنچہ لڈٕ یہٕ کھولِ شاندار تہٕ پوٚشہٕ وٕن اسمان بیٚچھ کِنہٕ تُمی بہٕ آسٹر بلرزکِس جنگِ کِس مَیدانس مَنٛز وُچھمُت اوس۔ ہِنگہِ تہٕ منگہِ گوٗ تُمی سِندِس دِلس مَنٛز خوش خوشال تہٕ جوان دِل اینٛجاس بیدار۔ یُس وعدٕ تِمس مَنٛز شوٗنگِتھ اوس۔ بیٚچھے شہزادٕ آندرے ہِیبہٕ دوہ دِشی ہِشتر زندگی کُن پھیوٗر یہٕ اینٛجاس تہٕ موٗرِتھ۔ مگر تِمس نے یہٕ اینٛجاس پاٹِن ژوٚگ توتہٕ رٔود یہٕ تُمی سِندِس دِلس مَنٛز موجوٗد سے۔ پیپرے سِندِ ملاقاتہٕ سِتی آو شہزادٕ آندرے سِنٛزِ زندگی مَنٛز اکھ انقلاب یِیٚبری نے باسان اوس، اندرٕ آسِس تُمی سِنٛزِ زندگی پوٚرپاٹھ بدلیمژ۔

# ۱۳

شام گژھِتھ ژایہٕ شہزادٕ آندرے تہٕ ہیپرے سٔنٛزٕ گٔو بلیک ہلز چہٕ بیچہٕ ڈیٖڈرِ۔ ڈیڈ اژہٕ وُن دِژ شہزادٕ آندرے تِمن اُسان ہیپرے تَس ژبیٖنہٕ وَن زِ یوٚت دروازس بیٹھ چھیے کیٛاتانؠ وژھر اٹھ۔ اتہٕ آس اَکھ کوٚیب پٔنڈٕ نکھس کیتھ جولنہٕ ہیتھ تہٕ بیٚبیہ اوسس کرٕہنؠ پلوٗ لاگِتھ تہٕ زیوٗ ٹھسس کرِتھ۔ اَکھ ژھوٚٹ موٚہنِو۔ بِیمو وُچھ گٔو بوٗان تہٕ گٔے دوران ڈیڈِ کُن۔ بِیمَن بیتہٕ دورے بہٕ بیٚبیہٕ نِہ زینہٕ۔ ژوٗشوٗپی دِژ یپھر ہٹہٕ دُمی نظرو بگرِ اپارِ ی نظر تہٕ ژاٹے یوٚت دروازٕ کُنہٕ۔ واپس۔

”ییم گٔے ماشابہٕ ہندی خوداپی لُکھ۔“ شہزادٕ آندرے بَن وَوٚن۔ بِیمو وُچھہس بہٕ تہٕ گوکھ میٛائِس مٲلی سٔنٛد یرٕ و ثھنہٕ۔ یُس اَتھ اُکِس مالِس ممتٕر چھیے سو مٲلی سٔنٛزٕ نافرمٲنی کران۔ شہٕ چھُ بِیمَن زٲبرَن کدٕ گاٚ ژھِتھ ژھینہٕ نادان تہٕ سو چھکھ ژھاآنڈی ژھاآنڈی انان۔“

”مگر خوداپی لُکھ کیٛا مانے گو؟“

شہزادٕ آندرے یَس میوٗل نہٕ جواب دِنک وقتے۔ نوکر آے بِیمَن ہرٕ و ثھٹہٕ کُن تہٕ تُمو یہٕ ژھنکھ زِ مٔری دیٛادُم شہزادٕ کیتہٕ چھُ تہٕ شہ کرٕ باگی بیہ۔ مٔری دیٛادُم شہزادٕ اوس وُنہٕ بازرٕ تہٕ بِیم آسی یژاران زِ وُنی نتہٕ وُنی آسہ پکان۔

شہزادٕ آندرے تِمن نیوٗ ہیپرے پانس سٕتی ہینہٕ ہنن کمرن کُن ییم

ٲلۍ سٕنٛدِ گرٕ، تٔمۍ سٕنٛدِ خاطرٕ ژٕرتھ سانہٕ سجاوِتھ ٲسۍ آسان۔ پانہٕ گوٚس تٔری
کمرس کُن۔

"ولہٕ میانہٕ بێینہٕ تٔشہٕ گژھو،" شہزادٕ آندرے یِن وٚوٚن والیس بِنہٕ پیرے بس۔
"مےٚ وُچھ نہٕ سو وُنہٕ۔ سو چھےٚ ژھێپھ وِتھ بیہنہٕ نِین خوٗدایی لُکن سٕتی۔
سو مِنٛد چِھ اَسہٕ وُچھنہٕ۔ نہٕ ژٕ وُچھہَکھ خوٗدایی لُکھ۔ واللہ مُنزٕ بیہ۔"
"خوٗدایی لُکھ کیا گو؟" پیپرے یِن پرٛژھ۔
"وُچھکھ پانے۔"

ییم وُچھنہٕ لگی پیٚزی کنی شہزادٕ مرۍ یابہٕ ژھٔرٕ رٕٹھ تہٕ بٕنٛیِس دِژ ایس رنگہٕ
چھیٹھ۔ تٔمۍ سٕنٛزِ کوٹھرِ منٛز ٲسی پاک تصویرن بٔروٚنٛہہ کِنہٕ شمع زٲلِتھ۔
تٔمِس سٕتی اوس سوفس بیٹھ ژیٹھ نَس تہٕ زیٗوٕ رٹھ مَس کٔرِتھ اَکھ جوان
پادرِن ہٕنٛدِ ہیوٗ بوژھ لاگِتھ تہٕ بٔروٚنٛہہ کِنہٕ سماوار ہٕنٛز۔ نزدیکھےٚ ٲس
اَکِس پٔس کُرسی بیٹھ اَکھ ہوٗ بِچھی مُنزٕ بڑٕ گێنٛل بٔنہٕ کٔرِتھ بیتھ بیٹھ موصوم تٔری
سٕنٛز باوتھ ٲسی۔

"آندرے گوٚدٕ کو نہٕ سوزٕ نا دِتھ میٚنے شِشِیچھ۔" تمہٕ وٚوٚن لوٚٹ لوٚٹ
گرٕ پٕتھٕ ہیوٗ کٔرِتھ۔ سو ٲس بیہہٕ نِین زابرن بٔروٚنٛہہ کِنہٕ نِنہِ کِنہٕ زِنٛتہٕ
پوٗتی کۄ کٕر پوٗتی ہیتھ ٲس۔

"یہٕ گێیس ژٕ وُچھنہٕ بڈٕ خوش سیٹھاہ خوش۔" تمہٕ وٚوٚن پیپرے یِس نِش
کوٗرِس اَتھس ہیوٗ رٕٹھ۔ تمہٕ اوس شہ لو کچارِس مُنزٕ وُچھمت۔ وۄنی تہٕ
ٲس سو تٔمِس بیٹھ شفیق، کیٚنٛژھاہ آندرے سٕنٛدِ دوسس آسنہٕ کِنۍ، کیٚنٛژھاہ
نیتھ کٔرِتھ بیہہٕ وِنی تا وگژھنہٕ کِنۍ تہٕ کیٚنٛژھاہ بُتھہِ سادٕ تہٕ مایہٕ ہیوٗت آسنہٕ کِنۍ۔
تمہٕ نژ آدٕ لۄیہٕ وِنیو تہٕ شولہٕ وِنیو اَچھو تٔمِس کُن نظر۔ زِنٛتہٕ وَنان ٲس

ہئے چھکھ ژٕ لبتھ مگر میٚہربانی کٔرِتھ ہیتہٕ میاٲنِس دوستس بیہنہٕ اسکھ۔

تہٕ ژٕ پانہٕ کٔرِتھ بیٚٹھی نیم پیٚٹھ۔

"اوہو! بہٕ چھا اَدا اُنشکا ہیٚتہٕ۔" شہزادٕ آندرے یَن وون اَسِہ وِنہٕ بُتھہٕ

اَکِس زٲنِس کُن اِشارٕ کٔرِتھ۔

"اندروشا!" شہزادٕ مُرِی یابہٕ وون زارٕ پارٕ پٲٹھی۔

"ژٕ چھیکھ خبر۔ بہٕ چھیس زنانہٕ۔" آندرے یَن وون بیہرے یِس

نرمٲشی پٲٹھی۔

"آندرے نِشہٕ دایہ سنِد پاسہٕ۔" شہزادٕ مُرِی یابہٕ وون بیٚیِس۔

صاف اوس فکرِ تران زِ آندرے سُند زٲنِس لسہٕ کٔرِنہٕ تہٕ شہزادٕ

مُرِی یابہٕ ہُنُد ییمن ہئے کس چالہٕ طرف گرٕن آسہٕ یُژکالہٕ بیٹھ پہٕ ہُند رُوی یہٕ۔

"کیاہ سا گورٕ بابا؟" شہزادٕ آندرے یَن وون "ژٕ ہئے پزی اکُھنے میوٗن

شُکریہ کرُن۔ اَمہٕ رستی تور ہئے پہرے یَس نوٕ ہیٚر دِوٕن ہُند بانیشارِ فکر۔

"پزی کیٚنہٕ؟" بیہرے یَن وون اَدا اُنشکاہس سوالی اَچھو سنجیدگی سان

ہیٚر بعہٕن نظر کٔرِتھ۔ شہزادٕ مُرِی یابہٕ زون بہٕ اَمی سُند اِحسان۔ اَدا اُنشکاہس

تور فکرِ زِ کَتھ یانہٕ چھیے بیٚتا نِ چِلان۔ تِمہٕ نِہٕ تراو سارِ نے چالاکھ پٲٹھی نظرا۔

شہزادٕ مُرِی یابہٕ آس ہٕ بینہٕ ہِنِن دوستن ہندی کتھ اکھ رَتھ تہٕ یانِشبرِ پنج

صوٗرِ ورتھ۔ تِم آسی اطمینانہٕ سان بیہتھ۔ ہیٚچھ تراوِ اَچھ بعہٕن کُن مگر تٔلی ٹارِ

روز ہیمن کُن نظر نظر دِوان۔ تِمہٕ تھوو پیتالہٕ رکابہٕ پیٹھ پھرِتھ اَتھہٕ کرِ تھووُن

نابد پھیولاہ تہٕ اَمہٕ بیتہ بیٹھ لوت پٲٹھی کُرسی بیٹھ تہٕ ٹیچ دوٗ ہیمس پیٹھ یِس

بیٚٹھہ اوس۔ اَدا اُنشکا اوس رِکابہٕ منٛز بے واما واما چھوان تہٕ ہموٗ تٔلی زنانہٕ

اَچھو ہیمن کُن نظرا نظرا دیوان۔

"ژکتہٕ اسکھ - کیٛاہ؟" شہزادٕ آندرے تیٚو ہیٚرٕ ژھ بُجہٕ۔

"اہن حضٕ جناب۔" تٔمۍ دیُت جواب۔ پاسان اوس تٔمِس نہٕ چھیٚے کنہٕ کُنہٕ کرٕ ٹھینچ ضوٗرٕ روٗر نٕفے۔ خاص میلاڈک دوہ آسہ ہٕس یہ نہٕ اَکھ لایق زانٕی مٕٹرزٕ یہٕ روزٕ بٕزرگن ہٕشدِین پاک یایہٕ بٕڈِین سیٖرن دوہ مید وار۔ جناب کو لباز پینہٕ چھیٚے کرامانٕھ نینیمٕرٕ۔"

"اوٕ اُنشکانہٕ اوس ژےٚ سینتہٕ۔"

"نہ میٚہربان۔ یہٕ اوسُس کُنہٕ زوٗن گوٗمت۔" اوٕ اُنشکا لوٗگ ٹدرٕ یٕمٕرٕ ونہٕ۔ پلاگِتکا یہٕ سکھیوسن یٕ یُہہنو وٕ آنتھ۔۔۔"

پلاگِشکا اٚس یٚپہٕنۍ تجربہٕ وٚنہٕ خاطرٕ بےتاب۔ تمہٕ کرٕ عستٕو آجٕ سیٚنزٕ کتھہٕ ژٕٹِنہٕ کتھ۔ "عالی جناب کوالیاز ییٚنہٕ ہاچو کھ تٕنی کرامانھ۔"

"کیٛا۔ کیٛنہٕ تُہٕ یٕرٕ وکھ چھا؟"

"ہِش شٕش۔ آندرے۔" شہزادٕ مٕری یایہٕ ووٚن "پلاگشکا مہٕ ون یہ ڈیلیل اَسہٕ۔"

"نہٕ، نہٕ، مادام۔ اٚمِس کیٛازٕ ونوٚنہٕ یہٕ چھُ مےٚ خوٗشش کران۔ یہٕ چھُ رٕت شریف اِنسان۔ خدایہٕ شُشند لوٗٹھ۔ میٚنون میٚہربان۔ مےٚ چھُ یاد آمو دِتو مےٚ دِہ رٕوٗپل اکِ دوہ۔ بییلہِ یہٕ کیٛو آسُس۔ مےٚ سکھیوو سہٕ خوشکی زایرکرِ وشا ــــــ سہٕ چھُ ٹیٚزٕ کتٕہ مردِ خدا۔ وتدس کیٛوو ربہٕ کانٕس چھُ نہٕ وودٕرے یٕمیران ــــــ دیان چھُ جایٕ جاے چھیٚے کو لباز پینہٕ ــــ ژٕ کوٚنہٕ توری گرٕ ھان۔ نتہٕ چھیٚے خدایہٕ سٕشرماچہٕ ہنٕز اَکھ پاک ہُورٕ تھٕ یوسہٕ کرامانزٕ ہاوان چھیٚے۔ ییٚنہٕ یہٕ پوزٕم نٕھٕے گیا کوٗر سےٚ خدایہٕ لکن روٚ خصتہٕ نہٕ ژرایسہٕ توری ییٚٹھٕ۔۔۔"

ساری آسہٕ خاموشس صرفٕ آس یہٕ زایرٕ خوٗتوٗن کتھہٕ کران یوسہٕ

زَنتہٕ ہیٚنو ہیٚنو شاہ کھالان والان آسس۔ "ہتہٕ صاحبہٕ! بہٕ آسیٚن تہٕ لُکھ چھِم دیان اکھ نٕنو کرامانتہٕ چھیٚنہٕ تُہنز ژرامۭژ۔ خوداہٕ سۭنزِ پاک ماجہِ ہنٛدِس روٗپس چھُ دُپہٕ ہپہٕ یڑان۔"

"شہزادو ساوو ژِ سیٚٹھاگو۔ ہیتہٕ وَنکھ ہیٚے۔" شہزادمرِ یایہِ وۅن وونٕنلِتھ۔

"اَمِس پۆژ ژھہٕ ہایہٕ اکھ سوال۔" پیپرے یَن وۅن "ژ ہیٚے وُچھتھ بہٕ پانہٕ۔"

"بۆزِ حضِ۔ میٚشانہِ میٚتھر پانہٕ بہٕ تِے آسیٚ اَنہٕ دیدارس لائق زانہٕ۔ لۆکٕے نۆر اوس بۆژ ہیٚرِ لالان، زَنتہٕ جُنتک گاشِ اوس۔ تہٕ پاک ماجہِ ہنٛدِس روٗپس اوس یڑہٕ یڑان بیپارٕ تہٕ بیپارٕ۔۔۔۔"

"خبر کیا ژھل آسہٕ ہیے۔" پیپرے یَن وۅن تُجہٕ ہُنٛدِ کلامہٕ کُنہٕ توجہ سان بوزِ کھٕ۔

"ہتہٕ حضِ! کیا چھیٚو وَنان۔" پلاگُشکایہِ وۅن نیچرِ بۭژ ژمیٚ گُژِ ھسَتھ تہٕ اَتھ مدنتہٕ خاطرِ شہزادمرِ یایہِ کُن وُچھنہٕ۔

"تِم چھِ لُکن ناران۔" ہِمہٕ وۅن بیٚبیہٕ۔

"بُڈ حضرتہٕ عیساہیہٕ۔" ژاہیرِ تُجہٕ وۅن پانٕس سیٚٹھ کژاسک نِشانہٕ کرِتھ۔

"ہتہٕ حضِ بہٕ مَنتہٕ وَنتہٕ اکھ فوٗجی جرنالن کرٕ تہٕ بۆژِ ھے۔ دۅپُن یادہٕ ی چھِ جِر لکن دو کھہٕ دِوان۔ اِدِ تِمس ییہِ واوٕن۔ ییتہٕ وُچھ تِمہٕ خاب۔ خابس منز آسِس پیشرِ ربکی ہیچ موج تہٕ وۅ نِش "ہیٚے سیٚٹھ اَن ایمان تہٕ بہٕ ملراونہٕ۔" سہٕ لۆگ زارٕ پار کرنہٕ "ہیٚے نی تۆ تِمس نِش، ہیٚے نی تۆ تۆری۔" بہٕ چھِسو تہٕ پاک بنٛزر وَنان۔ بہٕ وُچھرِ مو ہیٚے پینہٕ نہو اچھِو، تِموٗ سیٚنۆ سہٕ اوٕن تِمِس بژِ وۅنہٕ ملگن مۭگو نزدیکھ تہٕ دِژن کھوٗرَن سیٚٹھ پان داآرِتھ تہٕ دۅپُن "ہیٚے ملراو تہٕ۔

تہٕ دِمہٕ ہے ژےٚ نی بہٕ مےٚ ژٕرن بخشُمت چھُ۔ مےٚ ڈ چھُہ سُہ پانہٕ تتھ اوس تارِکھ ہیوٗہ کھٔنتھ۔ اَدٕ تِمس آو بیٚیہٕ اُچھن گاشس۔ بہٕ وُنن چھُس گوناہ، خودا دیی سزا،" تِمہٕ وونن ہیٖرےٚ نِس نصیحتھ کران۔

"کِتھہٕ پاٹھی ہٕ تارِکھ اوس پاک تصویرس بیٹھ؟" ہیٖرےٚ ییٖن پرٕژھ۔

"پاک سوچ بناوِکھ نافوجی خبرنال۔" شہزادہ آندرےٚ یِن ووٚن اَسہٕ وینہٕ ہوہ بجہٕ۔ پلاگشکا لیڈر سےٚ بہٕ ہٕگ تہٕ منگہٕ تِمن نزرٕ ہیوٚر کُن۔

"ہتہٕ حقٕس، ہتہٕ حقٕس، بہٕ حقٕس چھُس گوناہ۔ ژےٚ حقٕس چھُس بیٚچو۔" تِمہٕ دِتہٕ یکدم کرٕکھ تہٕ تِمو شُند چھوٚت بُتھ گو وۄزلِ نار ہیوٗہ۔ "بہٕ حقٕس، ژےٚ خوداکرِی نے حقٕس عفو۔" تِمہٕ کوٚر پانس بیٹھ کرٕ اشک نِشانہٕ "خودایہٕ اَمِس بخش۔" بہٕ وونُن تہٕ ہیٖر شہزادہ مری یابہٕ کُن۔ "بہٕ کیا حقٕس؟" سوہ وُژھ کھوٚد تہٕ کرٕکِہ دوان لُج یٔنٚ یوژھ سوٚمبرآوِتھ انتہٕ۔ تِمس اَسُس شرم پیوان تہٕ نتہٕ۔ ووہ تھان زِ تِمہٕ کیاز چھُ اَکِس بیٚنِس گرس منٛز کھیوٚمت چوٚمت بیٚیتہٕ لکھ پنٕ ژھ کِتھہٕ کران چھِہٕ۔ تہٕ ہیٖران اوسُس زِ ووہ نی ہیٖیم امہٕ گوٚک کھیتن چین نژاوُن۔

"بہٕ کیا اوسُے ژےٚ کرُن؟" شہزادہ مری یابہٕ ووٚن "مےٚ نِش کیا کرِ نہٕ آیوکھ ژٕ؟"

"نہٕ سا پلاگشکا۔ بہٕ اوسہٕ سےٚ آکھِ نِکھے کران۔" ہیٖرےٚ یِن ووٚن "بہٕ چھُس قسم ہاوِتھ ونان زِ مےٚ اوس نہٕ ژےٚ دِل پھُٹرادنس غرض۔ مےٚ ووٚن مےٚ بلکہ انتھ کُن مہ گژھ۔ بہٕ اوسہٕ سےٚ مخولہٕ کران۔" تِمو ووٚن زِ ووہ بہٕ پاٹھو، اسان اسان تہٕ لوٗگ پننہٕ غلطی پیٹھ دٕ نژاونہٕ" بہٕ چھُس ساری میشاوِ نہٕ غلطی۔ اَمِس اوس نہٕ بہٕ وَنہٕ کُنہٕ مطلب۔ بہٕ اوس مخولہٕ کران۔"

پلاگِنشکا یہ آبہٕ نہٕ جَل جَل پژھ۔ مگر ہیپرِ سِندِس بخشِش پیٹھ اوس صبر نوٚن۔ تہٕ شہزادٕ آندرے اوس نرمی سان اَکھ نظر پلاگِنشکا یہ دِوان تہٕ اَکھ ہیپرِ یَس اَمہٕ سٕتی ہیوٗ ٹھ ژھُس ہمتہٕ ہمتہٕ ڈل ڈجنہٕ۔

## ۱۴

زاٸِبہٕ زنانہٕ آبہٕ منہٕ وٕنہٕ۔ ڈباہٕ دربارس کُن لگنہٕ تُہج سوٗ ہتمن اَکِس یادرِس اہمقلوہی سٕتنہٕ ڈلیل وٕننہٕ۔ دوٗ ہیَکھ "شہ چھُ ننیُمہٕ پاک بزرگ زِ تِمو سِندِہن القَن چھُ اسبند مشکھ بوان۔ ہیٚبہٕ دوٗ ہیَکھ زِ ہیبلہٕ یہ اونرے کیوٗ زیارتس ہیٚچھ گژھنہٕ اَسِس نتہٕ آسہٕ ہیٚے کینژہٕ زانٕکار پادریو سرطاین ہتشرٕ کو نتہٕ دزمتہٕ۔ یہ اَسِس کینہٕ ہو چھہٕ ژوچہٕ ہیتھ دوٕن دوٕہی تہٕ دوٕن راتن وردیشن سٕتی ہیمن تاہ خانن منز۔ اَکِس منز اَسِس یہ زژھرِ کھنجہٕ عبادتھ کران، مناجاتھ پران تہٕ اژالہٕ اَسِس بیٚیِس منز۔ اَتہٕ آسہ تیٚنہٕ ڈر ہیوان۔ وہ نخان اَسِس تہٕ اَسِس پاک توٗ یرو کن ہیٹھ کران۔ مادام تہٕ چھُ تیتھ سوٗ کون نتہٕ رحمتہٕ زِ ہیٚبہٕ خدایہٕ سٕندِس دُنی بیٚہس کُن ہیرتس چھُنہٕ دوہ ندے بوان۔"

ہیپرے رؤد ہوشہٕ سان تہٕ دمدارہ پا ٹھو اَمس کُن کَن دارِتھ۔ شہزادٕ آندرے دژاو کمر منز ہیبر۔ شہزادِ مٕری یا یہ تژ آوی خدایی لکھ پچھاے جیٚبس سٕتی تہٕ یا تہٕ ترایہ شہزادٕ آندرے یَس تہٕ ہیپرے یَس سٕتی ویوان ہالی "ژہٕ چھکھ ربٕڈٕ شفیق"، تِمہٕ ووٚن تِمس۔

"ہے ہیٚے اوس نہٕ ہرگز تِمس دِل پھٕٹراونس غرض۔ ہیٚے چھُ تِم خدایاتھ"

واریہ پأٹھۍ فکرِ نَران۔ تہٕ بہٕ چھُس تمن سیٹھا ہیے قدر کَران۔"

شہزادی مُری بارٕ وزنہ گیُج تہٕ زرٕ ہیتِس تِمس کُن وُچھان تہٕ شفقتہٕ سان کھلأوِن وُتھ۔

"تہٕ زانہا بہٕ یُتھ کالہٕ بیٹھہٕ تہٕ ژھکھ ہیٚتے یوسے ہیوہ ٹوٹھ۔" تِمہٕ دوٚپ۔ "ژٕ ہیٚے کیٛاہ باسان آندرِ کُنیتھ چھُکھ۔ یوزِنہٕ یوان؟" تِمہٕ یُتھ ژٕ دھ حَل حَل۔ تیٚتھ زِہرس آو تہٕ گوہ ڈٕ نکھن شفقتہٕ کِمِن لفظن جواب دِنک ہوتے۔ "تِمس کُن وُچھِتھ چھُس بہٕ پانہٕ پران۔ وَنِدس اوس ش واریہ ۔ یہس سوٗتہٕ زاسِس چھو کنن ہیٚمہ نہٕ ڈاکٹر چھُ اُمس یوختہٕ یلا جیہ خاطرٕ ہیٚبر دیان گژھن۔ بہٕ چھُس تمہٕ سیتٕ یو انتہاقو کنیو نہٕ پریشان۔ تِمس چھُنہٕ اسہِ زَنانَن ہِندی پأٹھۍ دود وہتراوِن تہٕ اوٚش ہارِتھ دَگ لوٗز راوٕنۍ نگان۔ اَز چھُ دلہٕ خوشس تہٕ بھِیہٕ وُن مگر شُ گو چارٕ ہیٚنہٕ سیتو۔ دو ہے چھُنہٕ شُ سُنتھے آسان۔ ژٕے کُنہٕ وُنہٕ پأٹھۍ شُ ہیٚنہٕ گژھِس بیٹھ تیار کَرِتھ ہیٚکہٕ ہَن۔ تِمس چھے کلمہٕ سیتہٕ آوُر روز پنج ضوٚرٕ وُرتھ۔ بہٕ ہیٚوٚپ دوٚپ تہٕ فأیدٕ نہٕ زندگی چھنہٕ تِمس اکثر جان۔ بیٚن چھُنہٕ اورکُن ظعولن۔ مگر بہٕ چھُس وُچھان۔"

دیہہ بچھِ لوٗنہٕ نوکرو مُری دیاوٕمی شہزادِس ہٕیشر بگہٕ ہِشتر رو بِین ہِشتر آواز نز دکیھہٕ واتان تہٕ تِم دورٕ نے ہیٚبر کُن شہزادٕ آندرے تہٕ پیٚرے تہٕ دٔرائے ہیٚبر ہیٚبر بیٹھ۔

بگہٕ ہِشتر تیٚرِتھ بیٚٹلہٕ مُری دیاوٕمی شہزادِن پیٚرے وُچھ تِمہٕ یُتھ ژٕ دھ "بہٕ کُس چھُکھ؟"۔

"اٰہ ۔ بہٕ گوس ژٕ وُچھِتھ خوش۔ ولہٕ ہیٚتے کرٕ میوٚ کھٹھ۔" تِمہٕ دوٚپ بیٚٹلہٕ تِمہٕ لوٗنہٕ تہٕ بہٕ دوہٕ یِہ جوان کُس چھُ۔

مُرِ دیٚا دُم شہزادِ اوس طبٕعی پٲٹھۍ کنۍ خوش تہٕ سُہ آو پیپرے ییٚس وٕزِ

دأتھچہٕ پیش ۔

کال کھیتہٕ یٔرِ و تھٹِ ژاو شہزادِ آندرے مألۍ سٕندِس پیٚرن کمرس منٛز تہٕ سُہ وُچھن پیپرے ییٚس سٕتۍ گرمیتو مُت ۔ پیپرے اوس زور دِوان زِ وُنتا وانہٕ بیٚیلہِ جنگ ہرگِز نہٕ سپدان آسہِ تہٕ ۔ مُرِ دیٚا دُم شہزادِ اوس اَمِس ٹٲسنہٕ کران مگر خوش خو نتہٕ یا اَتھی ۔

" انسانَن ہنٛزن رگَن منٛز گژھِ خون کنہٕ آب ہُرن ، ییٚلہِ اد کیٛا سپدِ نہٕ جنگ ۔ یہِ گو بٕچھن ہُنٛد بکواس " سُہ اوس ونان مگر سیتو سٕتۍ اوس پیپرے ییٚس مجنونہٕ سال سٕٹہِ مٹہِ دِوان ۔ سُہ گو میٚز رَس نِش ۔ اتہٕ اوس شہزادِ آندرے ہہیتھ دریاہ نِش لوٚب ہیتھ تِم اخبار پَران ییٚم مُرِ دیٚا دِمِ شہزادن شہرٕ اَنۍ مٕتۍ آسی ۔ مُرِ دیٚا دُم شہزادَ گو اَمِس نِش تہٕ تِمن کارِ بارِ ژھ گنڈ ۔

" مارشل کٹوٹ روستوفن چھُنہٕ نِصفہِ نفری نہٕ سوزِ ہٕژ ۔ سُہ نہٕ اوس شہرٕ آمت تہٕ تِمہِ زون ہیٚتے سال گرُن مناسب ...... شاندار سال اوس ـــ یہِ وُچھ .... ادسا گو بَرا ۔ " مُرِ دیٚا دِمِ شہزادن وٚون پیپرے ییٚس پھیٚنکس مٹہِ مٹہِ دِوان ۔ " چھون دوس چھُ کمال ، ہیٚتے چھُ یہِ خوش گران ۔ یہِ چھُ ہیٚتے جوشہٕ انان ۔ بیا کھ وِتہِ عقلہِ ہنٛز گتھ تہٕ انسان کریٛہ لوٚز نک پیٚر واپی ۔ یہِ چھُ کران بکواس مگر اَمہِ سیتو چھُ ہیٚتے ہوٚس وُڈُس تہٕ دِل ڈنچہٕ یوان ۔ اد کیٛا ژلو ۔ " سُہ گو ونان " ییٚنان چھُ بہ ، یمہٕ نہٕ کھمہٕ تو ہی سیتی کال ۔ تِمہِ ساتہٕ لاگو بیٚیہ بحث میانہٕ خاطرٕ شہزادِ مُرِ یا یہِ سیتی گژھہِ دوستی لاگنۍ ۔ " تِمہِ ژٕز درٕ وانہٕ بیٚٹھ پیپرے ییٚس کٕنہ کھ ۔

پیپرے ییٚس توٚر وو ڈُبلیک ہلنہٕ ییٚنہٕ فِکرِ زِ شہزادِ آندرے ییٚس دوستی

کرٕنس کیاہ مزٕ چھُ۔ مزٕ اوس یہٕ تہٕ تیوٗتانہٕ تمی سٕندِس دوستہٕ سٕندِ کنہِ۔ یوتام تمی سٕندِ سارے گرٕ بارٕ کنٕ اوس۔ بیپرے زانہٕ ہیے نتہٕ ہیمن امہٕ ہیٚژو ٹھٹھ۔ مگر دوہ ژٕ اوس زنتہٕ یُہٕ ہُشُد اُیژٕ کول دوس۔ تنٕ دٕ شش مُری دیاہٕ دٕ می شہزادٕ سُنٛدن تہٕ شریف تہٕ زدہ بیہٕ شہزادٕ مُری یاپہٕ ہُشُد نٕ۔ تیمن تہٕ اوس یہٕ خوشنش کران۔ اُمی اُس نہٕ آبیرن سٕتی شفقتہٕ ورتاوٕ ہٕژتہٕ امی سٕتی اوسُن شہزادٕ مُری یاپہٕ ہُشُد دِل زیوٗنمُت۔ امہٕ کنٕ آس سو یچھوٗلہٕ ونٕ ژُبتہٕ اُمس کُن وٕچھان۔ سوے یاگژہٕ، موصم شُرہ بٹیمس مُری دیادم شہزادٕ لوکٹ شہزادٕ نکولاے اوس ونان، سہٕ تہٕ اوس اسہٕ ونٕ ہوسنجہٕ بیپرے کیس نشش لیوان۔ مہیل اوا نیچ تہٕ میبڈ مازبل یوربن تہٕ آس اُمس کُن اَسہٕ ونٕ ژُبتہٕ وُچھان روزان بیٚبلہٕ یہٕ مُری دیادمی شہزادس سٕتی دربار کران اوس۔

مُری دیادُم شہزادٕ آو کال کھیتہٕ تہٕ آو صرف بیپرے سٕندِ کنہِ۔ سہٕ آو بلیک ہلزٕ روزنہٕ کین دہ شوٗنی دوہن اُمس جوشہٕ سان تہٕ مایہٕ بیش اکھ دوہیس بٹیہٕ کُتہٕ دوہ یہٕ تہٕ گژھہٕ اسہٕ نیشش یُن۔

بیپرے گژھتہٕ بیبلہٕ گرٕ آژہٕ بکہٕ وٕٹہٕ سیے تم لگی بیپرے سٕتنز کنتھم کرٕنہٕ۔ کاشہٕ نوٗ دیوتہٕ ہیرِکتھ جھٕ یہٕ آہتنے۔ مگر اُمی سُند آسی ساری زٕنے کیٚھران تہٕ یہٕ چھپنہٕ عموٗنن بنٕ ون۔

# ۱۵

أزٕ ہِ چہِ لٔٹہِ بیبلہٕ روستوف رٕ وٕ خصتہٕ مناوِنہٕ آو۔ تِمس تورٕ گوٕ ڈٕنجہِ لٔٹہِ فِکرٕ زِ تِمس کوتاہ واٹھ چھُ ڈٕ ہنی سوفس ستۍ تہٕ تِمی ستۍ تِمنٕزِ رجمینٹہٕ ستۍ۔

روستوف بیبلہٕ رجمینٹہٕ منٛز ووت تِمُس گےٚ بِلکل تِتھےٚ اِحساس ییم تِمس ماسکو گرٕ واتنَ وِزِ گٔمٕتۍ آسی۔ بیبلہٕ تِمی پنٕنہٕ رجمینٹہٕ ہٕنٛد گوڈٕنیک سوار وردی ہِندی بٹَن منٛزٕ آوِ نہٕ نظرِ کوڈ۔ بیبلہٕ تِمی ووزُل مَس کرٕ نہٕ دِمنیف وُچھ۔ بیبلہٕ تِمی مُشکی گرٕ ہِن ہِندی نوکینہٕ ہٕ چھِ۔ بیبلہٕ لورشکا ہِن پھولہٕ وِنہٕ ڈیکہٕ آلو دیُت "کنٛوٹ آو" تہٕ ڈٕہنی سوف یُس اوٚتانی بِنٛزِس بیٹھ شوٗ بکھتہٕ اوس دژاو دوران امہِ تمام سیرٕ ہٕنٛزِ بہرٕ منٛزٕ ہنیرتہٕ رٔوٹھِن نالہٕ منٛزٕ تہٕ بیبلہٕ ساری افسر روستوفس اَندی اَندی سمتہٕ آے۔ تِمس باسیوو بِلکل تِتھےٚ یِتہٕ تِمہٕ وِزِ باسیوس بیبلہٕ گرٕ واتنہٕ ماجہِ، مالِہ تہٕ بینیو نالہٕ رٔچھ ونہٕ خوشی ہٕنٛد بوو دِن بکو ستۍ تِمس ہوٹ ولنہٕ آیو تہٕ کتھ نہٕ ہیوٗ رے یِس ہٕ۔ رجمینٹ تہٕ چھےٚ اَکھ گرٕ تِتھےٚ اَیدل ٹوٹھ تہٕ موٗلُل یِتھ ماجِہ ہٕنٛد گرٕ چھُ آسان۔

تِمی تر آو کرناسس نِشہِ حاضری تہٕ سہٕ آو بیٚیہٕ پننہِ سکاڈرانس منٛز سوزنہٕ۔ بیبلہٕ تِمی کٔنٛزٕ سس کانٛس اردلی کام کرٕ، گُرٕ ہِن کیٛنت گاسہِ سودٕ، رجمینٹہٕ ہٕنٛزَن لوکچَن لوکچَن دلچسپی یَن منٛزٕ ولنہٕ آیو تِمس باسیوو زِ مینانٛز آزادی چھےٚ موکلیٚمٕژ تہٕ ووٚنۍ چھُس یہٕ اَکس تنگ تہٕ پوشہٕ وٕ نِس

چھو کاٹھس منٛز ٹکی پس گٔنڈِتھ۔ امہِ سٟتی گورِ ستوفس مٮ۪ے اٮ۪جاسس ییٚس
نٔمس اکہِ بیٚیہِ مالِس ہندِس گرِس منٛز گومُت اوس۔ دِل ڈیٚجہِ آسنک،
ہینہ کنہِ ڈوکھ آسُنک، گرِس منٛز آسُنک تہٕ ہینہِ مناسب جایہِ آسنک
اٮ۪جاس۔ ییٚمنہِ اوس نہٕ نیٚبر مہرِ بلہٕ دُنی ہُک دُنٛیت ییٚمنہِ نٔمس ہیٚنٛز
مناسب جاے خبرے آسہٕ۔ تہٕ ییٚمبر تمِس پننہِ مرضی آزادی ورتاونہٕ
سٟتی خبر کانٛہہ غلطی گژھان آسہِ۔ ییٚمنہِ آسہٕ نہٕ کانٛہہ ہیوٚ نیا ییٚمنِس
صاف صاف باوتھ کرِنی یا نہ کرِنی ضروٗری آسِس۔ ییٚمنہِ آس نہٕ اوِیہِ
یورِ بیٚیِس ہیچ کانٛہہ ضروٗر پھتے۔ ییٚمنہِ اوس نہٕ اِنسان زوٗد ہیتہ گٔنٛڈِتھ آزاد
زبہٕ عوشش کرہٕ ہیس تہٕ کرہٕ ہے۔ ییٚمنہِ آسہٕ نہٕ تِم لسبار لُکھ ییمو منٛز اکہِ
اِنسانس نژ دیکھ نہٕ اُکی دوہ پرِ چھ آسان۔ ییٚمنہِ آسہٕ نہٕ مالس سٟتی تِم
بیٚیہِ برو سہٕ تہٕ بٮ۪ے حساب روہ ہیٚہ ہیٚمنہٕ دِنکی تولُق نہ آسِس ڈولو ہو فٕہ
سٟندِ اتھہٕ تُلہِ منتہِ زبرٕ دس نوع قصا ہیچ خوفناکھ یاد۔ ییٚمنہِ اوس رجیمنٹہِ منٛز
سورے کینہٕ سٟوود ساد نہٕ نوٗن۔ ییٚمنہِ کس سارِ سے دُنی ہیٚہس آسی نہٕ
نابرابر حصہٕ گژھتی۔ اکھ سارٕ نی پاولوگراد رجیمنٹ تہٕ بیاکھ، سورے باقے
دُنِیاہ۔ تہٕ اتھ باقے سارِ سے دُنِیہس سٟتی اوس نہٕ انسانس کانٛہہ
واٹھے۔ رجیمنٹہِ منٛز اوس پرتھ کانٛہہ ییٚپرٕ نٔنی پاٹھی معلوٗم۔ یہ کُس ووہ
لیفٹننٹ، ہُہ کُس وو کپتان۔ یہ کُس ووہ جان اِنسان تہٕ ہُہ کُس وو ناکارٕ۔
مگر بُڈ کتھ آسہٕ یہ زِ سارٕی آسی سٟتی باج۔ کٔنٛڈِنہِ وول دیہٕ ہیس قرض۔
تنخاہ واتہٕ ہیس ژدرِ رِشتی۔ نہ آس سو پچھنچ ضروٗرتھ تہٕ نہ ییٚمنہِ
آزادی ورتاونچ۔ صرف اوس یُتھے زِ کانٛسہِ آسہٕ نہٕ نزژہ کانٛہہ حرکتھ
کرٕ نیہ سہٕ پاولوگراد رجیمنٹہِ منٛز ییٚن آسہِ ہے مانہٕ پوان۔ تہٕ ییٚمبیہٕ

دفنہٕ دفنہٕ تہٕ کرنٕ یہٕ نوٚن، صاف تہٕ حکمہٕ موجوٗب ضرورٕ ری آسہٕ ہے۔ یَس تبلہٕ اوس سورُے ٹھیکھ۔

روستوف ہیٚلہٕ دُبارٕ رجمیٚنٹہٕ منٛز زندگی ہٕندین قاعدن تہٕ ضابطن تل آو۔ سُہ گو نِنھے گٔنڈ خوش تہٕ تِتھے کٔنڈ لوٚشیوٕ ہیوہ، زَنتہٕ ژٕکِتھ ژھینہ لرٕ آسن ترٛاومٕژ۔ اَزی چہٕ پھِر آس فوجی زندگی روستوفس زیاد وٕیہٕ وٕنی۔ تہٕ کیاہ ڈولوہوفس سٕتی یُس تِمس اَتھہٕ وش گوٚمُت اوس۔ تِمہٕ پتہٕ اوس سُہ گرٕ باژن ہِنٛدِ تسلی کرنہٕ پتہٕ تہٕ پانس بیزار۔ تِمی اوس فاصلہٕ کوٚرمُت زِ دوٚنی کَرِنہٕ یہٕ ہٕرو تِھٹی پاٹھۍ نوکری۔ دوٚنی کَرنہٕ یہٕ پَننی قوٚم صوٚرٕ بخشاونہٕ خاطرٕ رُت ورتاو۔ یہٕ ییہٕ جان سپاہ، جان افسر تہٕ جان انسان۔ یہٕ کام چھے دُنیہس منٛز مُشکِل مگر رجمیٚنٹِ منٛز چھے سہل پاٹھۍ مُمکِن۔

روستوفن اوس فاصلہٕ کوٚرمُت: زار ہورتہٕ سٕتی یُس قرضہٕ ہیٚے کھوٚتمُت چھُ، سُہ دِمہٕ یہٕ مالِس یانٛژن وٕرین منٛز واپس۔ تِمس آسی ڈریہٕ خاطرٕ دہ ساس داتان۔ دوٚنی اوس تِمی فاصلہٕ کوٚرمُت زِ یہٕ رٹہٕ وٕری یَس ژٕہ ساس تہٕ باقی دِمہٕ قرضہٕ ہورتہٕ خاطرٕ مالِس ماجہٕ واپس۔

پتُھک تہٕ پوشپلا جاین اوس سانِس فوجس پھِری پھِری پتھ پیٚرُن، ہٕرو ٹھٕکن تہٕ بُتھ لَگُن پیٚیومُت۔ دوٚنی اوس یہٕ فوج بار تتھٕ ژین جمہ گوٚمُت تہٕ اتہٕ اوس یہٕ ژرہٕ سِندِس ہیٚس پتھ پارالی۔ بُتھ زَن توٚ کاروائی شورٕ ہیٚکِہے سپدِتھ۔

پاولوگراد رجمیٚنٹ آس فوجہٕ کہٕ تِمہٕ حصہٕ منٛز ییٚمہٕ ١٨٠٥ہس اکس جنگس منٛز کام کٔرمژٕ آس۔ یہٕ آس دوٚنی رٕوس پتھ پتھ رٕوزمژٕ بُتھ زَن یہٕ نفری منٛز کیٚمی پوٚرٕ ہیٚکِہے کٔرِتھ۔ امہٕ کِنہٕ اوس تہٕ امہٕ رجمیٚنٹہٕ

اَزی چھِ گوٚڈ بچھِ لڑٲیہِ منٛز عصہٕ نیوٚمُت۔ یوٚسہٕ ہٕرو شلاتہٕ پلٹہٕ ژھٕک سپیڑ منٛز اوس۔ یہِ اوس وۄنی امہِ جنگہٕ کِس دوٚیمِس مارکس منٛز ہاوانس منٛز آمُت۔ تہٕ پلاٹوفہٕ سُندِس دُرِس سٕتی ریٚچھہٕ۔

پلاٹوفہٕ سُند دوٚر اوس باقی فوجہِ نِشہِ ہیوٚن کام کران۔ پاولوگراد رسالن آسی کتِھ لڑٲیہِ لوکچن لوکچن لڑٲیَن منٛز بینِہ زور ہاوی متی۔ قیدی آسکھ ژٕڈ ژٕڈ اَنی متی تہٕ اکِہ لڑٲیہِ آسکھ اکھ مارشل او یانہٕ سٕتی تُرگہ تہٕ دوٚہکاوِنہ اَنہٕ منٛز۔ اپریلکِس رنٛتس منٛز اوس پاولوگراد رسالن جرمنی ہندِس اَکِس واران زدگامس منٛز خبر گژھن ہفتن ڈبرہ دِنِمت تہٕ امہِ جایہِ اوس تہٕ بِلکُل نہ ڈولمُت۔

شین اوس وِگلان، رب اوس سخ تہٕ تیز نہٕ اوس۔ دریاوس اوس ژُلہٕ کتر پھیٹمُت تہٕ وننہٕ اوس نہٕ ینان یکہٕ نُے۔ واریاہن دوہن نہٕ اوس گرٕین سوٚمبِ داپہٕ ینان تہٕ نہٕ انسانن سوٚمب کھین۔ سپاہو ییلہِ وُچھہٕ یورکھین واتہٕ ناوُن ہاچھ کتھ یوٚکھ۔ تِم سٕیدی اَنہٕ گامس کُن بیٚیِہ لکھ ہٕروٕ ژھٕلی متی آسی۔ تہٕ اَتہٕ لگی ژھانٛڈِنہٕ زیٚکہٕ ما آسہِ الوا روٚد مُت۔ مگر سہٕ کتہِ گیوٚ وُیاپُد۔

کھینہٕ چیز آسکھ کھیٚتھ ہوٚ کلاوی متی۔ تہٕ تِنٛکی ساری اُبکین آسی ژٕلی متی۔ ہم نیٚنہٕ آسی تِم آسی بیچھہٕ وِژھو کھوٚتہٕ بٕتر نہٕ تِمن کیٚاہ بیٚیہِ ہے کانٛسہ۔ یوٚتہٕ ہے یوٚزِ وسپاہن زن چھیٚتہٕ ژل جل آر یوان۔ مگر بیٚیہِ آسی تِم تہٕ اوسے ییمن کیٚنٛہ کھینہٕ خاطرِ دِوان۔

پاولوگراد رجمنٹہٕ آسی لڑٲیہِ منٛز زِ ژٕڈ ییمنی۔ ہم چھیوٚ کیٚہ لد گیمتہٕ آسی۔ مگر بعضِ چھہٕ تہٕ بیمارِ سٕتی آسکھ لگ بگ نیصف نفری

ضمانہٕ گٕژھن۔ ہیم ہسپتال واتہٕ ہن تٕہند مرٕن اوس ضۆرۆری۔ امہٕ کنہٕ ہیمن
سپاہین ناکارٕ غذا ستنہٕ تٕہ کھسہٕ ہے یا ورم کھسہٕ ہے۔ تمہٕ آسہٕ ہسپتال
گژھنہٕ کھوتہٕ ڈۄٹی بیٹھہٕ پانس کھکھر کھکھر دِنہٕ بہتر زانان۔ یونہٕ سو تہٕ
وُچھ سپاہیو کنہٕ تاکہٕ سبزی تمہٕ ہیران۔ یہٕ آس اسپراگس (یوٗرپیچ اکھ ترکاری)
ہِشہٕ تہٕ ہیمو کوٚر اَکھ خبر کٲبازہٕ "مرٕی یا یہٕ ہٕشر مدرِ مو بجہٕ" تاوتہٕ لگہٕ مادٲہٕ مادٲہٕ
تہٕ ہیر یٕچھ تیر ہیمہٕ "مرٕی یا یہٕ ہٕشر مدرِ مو بجہٕ" ژھانڈنہٕ (ہیمہٕ ٹیچھ آسہٕ)۔
ہیمن آو ہیمہٕ شفر مو بجہٕ کھیٚس منہٕ کرنہٕ۔ مگر تونہٕ آسہٕ ہیمہٕ شمشیر پنٕتو ستہٕ
ہیمہٕ کڈان تہٕ کھوان۔ سو ننٕس منٕز کیٚنہٕ فوجس منٕز اکھ نۆو بیمٲری یاوٕ۔ ہیمن
اوس اَکھن، زنگن تہٕ بُتھن ورم کھسان۔ ڈاکٹرو دوٚپ یہٕ چھہٕ ہیمہٕ وے
مو بجہٕ ستہٕ گژھان۔ مگر تمہٕ پتہٕ تہٕ آسہٕ ڈیتی سوفہٕ ستہٕ سکاڈژ اَکہٕ
سپاہ کھفہٕ کھفو سہٕ ہیمہٕ مرٕی یا یہٕ ہٕشر مدرِ مو بجہٕ کھوان۔ تہٕ کٲبازٕ تمن
اوس وۄہ ؤ سوٚرے مال مو کلینٕنس یٕچھ کھنڈکہٕ گومت۔ وۄہ نہٕ آسہٕ
تمہٕ مشکلہٕ سان لسکوٚٹہٕ پاو پاو سہکان دِتھ۔ کم جاہ آو ہیمہٕ ہوٚ حیود آسہٕ سکھ تمہٕ
تہٕ آسہٕ ہوٚ تی منتھ تہٕ زنیتھ آمتہٕ۔

یٕتی میس یٕچھس کھنڈُس آس گرٕہن تہٕ صرف بہرٕہن ہٕشر ژھتے آمتہٕ۔
ترٲونہٕ۔ تمن آسہٕ ٹونگن ڈرامنہٕ تہٕ وَ ندہٕ جنتہٕ آسکھ وُتہٕ کھبو کھپوہیران۔
سپاہ تہٕ افسر آسہٕ اکھ ختنہٕ حالی منٕز تہٕ تنہٕ کنہٕ دوہ دوہ کڈان
یتھہٕ کنہٕ تمہٕ امہٕ بڑو نٹھہٕ آسہٕ۔ بلکل بڑو نٹھی یا ٹھ۔ فرق آس صرف یہٕ
زِ تمن آس وۄہ نہٕ بُتھن لسیدرِ ژھتہٕ بھبیر مژ۔ تہٕ وردی آسکھ تر یٕچھہٕ
گٕمژ۔ رسالہٕ فوجی آسہٕ حاضری کرنہٕ خاطرٕ لان کرٕ تاوتہٕ یوان۔ پتہٕ آسہٕ تمہٕ
گرٕہن کٕشت گاسہٕ سوٚمبراونہٕ گژھان۔ گرٕہن کھپتا وشادان۔ ترٕہن

مالی شاوالی شاکران۔ تہٕ یٔژن ہشر ژھٹے گرٕ بن ہشدٕ خاطرٕ پٹان۔ امہ بپتہٕ آسی کھینہٕ خاطرٕ دیگہ الٕنہٕ تہٕ ولنہٕ پوان۔ مگر اتہٕ آسی اُڈے ییڈ ہیتھ دوہ تھان۔ تہٕ آسی پننہٕ بوچھہٕ تہٕ ٹری کھینس بیٹھ یانہٕ واٹی ٹسنہٕ بازی کران۔ تہٕ وتھو می پاٹھو آسی سپاہ اُز نہٕ ناہ الاو زالان تہٕ پننی نبیتھ نٔتی یالی دُشناوان تمہ کی دہا دہا دوان ہنبرٕ تھ آمتی۔ آلو بزان تہٕ اکھ اکس باتہٕ پوتنیو مکی تہٕ سوورو فہٕ سندبن جنگن ہشرٕ ولیلہٕ بوزٕ ناوان یا جال بازٕ البونسکا تہٕ یادری سندس خادمٕ مکولکا سنتر۔

افسر آسی نتھے کنہ اکس اکس پتہٕ رسی تس تہٕ وسیتھ آمنس مکانس منشرٕ زٕ ترٕ ترٕ ےٹے زٕی روزان۔ یقدبن تھدبن افسرن آسی نہٕ ین تہٕ سوکلی تہٕ کتابٕ تمہٕ آسی ژھیٹھ نہٕ آلو تہٕ سپاہن ہشرٕ دوہ گزٕ آری خاطرٕ بیٔیہٕ بیٔیہٕ چیزٕ سوٗ مبراونس سنتی آوری۔ جوان جوان افسر آسی پننہٕ عادتہٕ موجوب اُڈی تاس گنڈان گنڈان وق گزاران تہٕ اُڈی کینہٕ ہوسوٗلی قسمہٕ جٕ کھیلہٕ گنڈان۔ کھن جن نے کُنہٕ اوس اہ پانٔسہٕ اوس یرٕ تھ کانسہٕ نشس دوٗ نوٗر۔ جنگیچ کتھ باتھ آس کمے ییہن۔ کینٹرٕ ھا مہٕ کنہٕ زٕ پوٗنہٕ خبر آسٕ تہٕ کینٹرٕ ھا مہٕ کنی لکن اوس گمانٕ تہٕ جنگ چھینہٕ جان پاٹھو سپدان کینہٕ۔

روستوف اوس اَزٕ تہٕ ڈینی سوفہٕ ہیے ستی روزان۔ تیتھنٕ بارٕ آس یوہ خنہٕ گیمٕ بینہٕ تمہ چھٹی منا ونہٕ آسی آمتی۔ ڈینی سوف اوس تہٕ روستوف سندٕ پوگرہٕ باڈو متشرٕ کانسہٕ نشدناو تہٕ ہوان۔ مگر بیٔیمہٕ طریقہٕ یہ تھوٗد افسر آسہن پننس ماتحت افسرس ماے ورتاوان اوس۔ تمہٕ تلہٕ اوس روستوفس تکرہٕ ترانٕ زٕ یہ بد نصیب رسالہٕ افسر چھ نتاشہٕ مابہٕ ولنہٕ آمت۔ تہٕ یہ تہٕ چھ اکھ وجہ زٕ ساٹی بارٕ چھے یوہ خنہٕ گیمٕ۔ اتھ اوس تہٕ

کاشہِ تۄنکھ زِ ڈینی سوف اوس روستوفس رچھان۔ سُہ اوس اُمِس پۆت پلہٕ ہیس نیوٚت کیٚہہ خطرس مَنٛز تراوان۔ تہٕ کامہٕ کرِتھ ییٚلہِ یہِ وایہٕ کالہٕ کھیپرِتھ بیہِ ہیے تَمِس آسہٕ بوج کرٕ ہتان۔ وایہٕ گاسہٕ سۆمبراو نِیجہ اُکِس مُہہ مر مَنٛز ووت روستوف اُکِس واران زدگاہس مَنٛز۔ اتہٕ سُمکھبوو اُمِس اَکھ بُڈٕ پول (پولینڈُک روزن وول) تہٕ تٔمی سَنٛز کور بییٚمس اَکھ دۄہہٕ دِشُمہ کھوٚنہٕ اوس۔ تٔمِس نہ آس ناٗلی ژٕرٹ تہٕ نہ کھَنَس میٚٹ۔ نہ بُتھری ژلہٕ پنیج ہیکِتھ تہٕ نہ سوارِ سۆمبتھ پاٗٹھٕ ٹونک۔ روستوفَن اُنی یِم پیٚتہٕ رَنس کمیٚس مَنٛز۔ اتہٕ کتاوِ نی ہفتہٕ وادَن بیٚتہٕ رَنس مکانَس مَنٛز یۆٚتانی بُڈٕ ہتا ٹھیکھ گو۔ روستوفنہٕ اَکی سَتی بٲج تیج زنانَن ہنٛز کَتھ تہٕ اُکھ مَنٛز مَتیٛو و روستوفس۔ دۆہ ہینَس زِ ژراکھ چالاکھ سارِ وے کھوتہٕ زیادٕ چالاکھ تہٕ ژٕ ٹے چھیےٚ تہٕ شرم تہٕ پوان زِ یہِ پولینڈٕ تج سع ندر لیعبہٕ بچاوتھِ اُنہٕ مژ چھیقتَن اُمِس کرٕ ہکھ پیٚتہٕ ہنن سَتی یا جنٛ سَتی نہ زان۔ روستوفس گوسنیح تہٕ ژٕکھ بیٚتھ ؤہنِن افسرس تم تم کَتھہٕ زِ ڈینی سوفس بیپو بُڈٕ مُشکلہِ سان ژھین کرُن۔ تہٕ ماوانہٕ ہیے ڈویل لڑنس بیٹھ کَتھ۔ ڈینی سوفس آس تہٕ کاشہِ خبر اَز اُمِس پولینڈ چہِ زنانہٕ سَتی کیاہ تولُق چھُ روستوفس۔ بیٚلہِ یہِ افسر دراو تٔمی ہنٛز روستوفس گژھ ہیٚر کَرٕنی تہٕ کیاہ زِ دراکھ اُمِس افسرس نِشی حد۔ روستوف ووٚتھس "یہِ کوشش کرہٕ تہٕ وَن۔ مگر یہِ زنانہٕ آس مے بیٚنہِ ہِش۔ یہِ ہیکیٚ تہٕ ژٕ نے ؤنی تھیے زِ مے کوتاسیح گو ..... تہٕ کیاہ ..... صرف، تہٕ کیاہ....."

---

ڈینی سوفَن دِژ اُمِس شانَن ژیٚچھ ہِنا۔ تہٕ لوٚگ کمرس اورٕ یور پکنہٕ۔ سُہ ییٚلہِ جذباتَن مَنٛز بیہِ ہیے تنبلہِ اوس سُہ بیہِ کران۔ تٔمی وۆن

"توٚہۍ ساری روستوف چھِو بےٚمار گٔژھِتھ وٕنی فاتِرٕ" تہٕ روستوفن وُچھ اِشترِن
أچھن منٛز اوٗش۔

# ۱۶

اپریلس منٛز واتھ ژرٕ پشندِ پینٛچ خبر تہٕ سوٗرُے فوج آو ووسہِ۔
ژرس اوس فوجس بارتنس تَتھ جایہِ مابینہٕ کرٕن تہٕ روستوف گو امہِ دوہہ
اتہٕ روزنس منٛز کامیاب بادلوگراد رسالہٕ فوج اوس ہرٕ وتھ ہین محاذن بیٹھ
تہٕ بارتنس تتھ اوس اتہٕ بیٹھہٕ واریاہ دوٗر۔
تیم آسی کھلہٕ مَیدانس منٛزٕ ڈسنی سوف تہٕ روستوف آسی اَکِس میٛژرِ
بہر منٛزٕ ریوسہٕ سپاہیو بہٕ ہندِ خاطرٕ زمین کھنتھ بناوِتھ آسہٕ۔ اتھ اوس
باقین نہٕ ژکن ہشد تیش دِتہٕ آمٕت۔ امہِ قسمہِ چہٕ ہٹہٕ بناوُنک فاتشن
اوس نوو دے نوٗدے دٕرامت۔ دوہ ب اوس پوان دو ڈاستہٕ کھلہ،
نہٕ استہٕ سترٕ دٔن نہٕ ساراُ ترٕ سے استہٕ زیوٗ ٹھ کھنتہٕ۔ اکہِ اندٕ آسہ
اتھ پوان یاوی بتاونہٕ تہٕ ابارِکہ اوس اژان بتران۔ یہِ دوے اوس
کمرٕ ہیوہ باسان۔ تہٕ دروازس مقابلہٕ دوٚیمہِ اندٕ آس اتھ خوش
قسمتھ افسر مثلن کپتان سندِ خاطرٕ تقررس پہن بیچہ کھنڈا لاگنہٕ
پوان یوسہٕ میزٕ چ کام دِوان آس۔ اندٕ دوہ پو آس اتھ میٛژرِ
پوان ترٕاوِنہٕ تہٕ یمہِ میٛژرِ بیر آسہٕ سو فیچ تہٕ چارپایہ ہنٛز کام دِوان۔
تیش اوس تتھ کنُہٕ لاگنہٕ یوان زِ سے منٛزس ہیکہٕ ہے انسان دوہ دنی

رۄزِتھ تہٕ اگر انسان میٚنزِ رٕس نزدیٖکھ پکہٕ ہیٚس سُہ ہیٚکہٕ ہیٚے اَتھ میٚنزِ سوفس
ہیٚنٛڈ ہیٚہنھ۔ ڈیٚشتی سوفس آسہِ سِکاڈرانٛکۍ ساری لُکھ الیٚنہٕ تہٕ ولیٚنہٕ یِوان۔ امہِ
کِنۍ اوس سُہ زیادے مزٕس مٔشہُور روزان۔ ژٕمہِ سِندِس سورتھِس اوس
یشتس شرٕ ونٹھہِ مہِ اندٕ کلیپو سٕتۍ اَکھ دارِ ووٚب لاگِتھ۔ اَتھ اوس اَکھ
چھٕٹھمت مگر سیمنٹ دار پوٚٹ نہٕ لاگِتھ۔ بیٚیہِ تھٕرٕ تہٕ یادٕ آسہِ ہیٚے یِم آسہِ
سپاہٕن ہٕندِ الاوٕ بیٚٹھہِ گٕنزِ ٹیٚنہٕ ٹیٚنٹس بیٚٹھ ڈٕہہِ ونی تیٚتھ ٹنگل اَتان تہٕ
یِم آسہِ یاوٕن وسہٕ وٕنۍ وہہٕ نا ونہٕ یِوان۔ سورجہٕ کِس اَتھ حِصس اوس
ڈیٚشنی سوف بیٚٹھک ونان۔ اَتھ اوس تیٚتھ وٕشنیر گرٕ ٹھان زیمہِ افسر
عام طور ڈیٚشنی سوفس نِشس بیٚہنہٕ خاطرٕ یِوان گژھان آسہِ نہٕ ہِم آسہِ
گٕرتھ تہٕ نے مٔشہُور روزان۔

ایپریلس منٛزٕ اوس روستوف ڈُوٹی بیٚٹھ۔ راتس وٕ نیٚندٕ رٕ کرِتھ
بیٚیہِ سُہ صُبحِچہِ اَکھ بجہِ اوٕ آد، ژٕمہ اَتھ نوو ڈُہہِ ونٕ تار، روٕ دِسٕری
گیٚمتۍ بلیو کڈِن، عیاد ٹھٕ کرِن، چاے چیٚیِن، وٕشنبر کوٚرِن، بیٚنِزٕ تھٕ آوِن
کوٚنس کُن تہٕ میٚنزِ رٕس بیٚٹھ ٹھاوِن سٕنبالِتھ تہٕ ژھٕنڈِ سٕتۍ ووگٕ آمُت
تہٕ تیٚنیٚومت سُبنہٕ ہیٚتھ، یِڈ آسمان کُن کرِتھ تہٕ اَتھ زٕ کلس تٕل ژٕٹھِتھ وٕتِن
دراٚیہٕ۔ امہِ وِزِ اوس سُہ خوشہٕ وٕشِن ڈٕلی غائِب سٕتۍ تہٕ سونچان اوس زِ
فوجہِ خاطرٕ اندیکس سام ہٕنٛچ مُہِم یوسہٕ مٕےٚ راٚچھ پوٚر کرٕ ہٕژ چھےٚ، تَتھ
بیٚٹھ میلِہ ہیٚے ضرورٕ ترقی۔ تہٕ پیاران اوس زِ ڈٕنی تنہٕ وٕنی اتھٕ اوٕ
ڈیٚشنی سوف تہٕ تِمس سٕتۍ کرہٕ بہٕ دربار۔

ژٕمہ یوٚز سورتھِس یِیتی کِنۍ ڈیٚشنی سوفٕن گرٕ ییٚزِ لِنا۔ سُہ اوس تٕنی پاٹھی
وٕ ویشومت۔ روستوف گو دارِ ووٚبس تٕل وٕچھنہِ۔ تِ یہ کٕتِمس سٕتۍ چھِ

کمنٛژ کرٛان تہٕ اتہٕ وُچھن کوارٹر ماسٹرٕ تا پژ نکو۔

"ہیٚے اوسہٕ مےٚ ژیٚے ووٚ نمٕت زٕ ہیٚمن مہٕ دِیم مۄل کھنہٕ۔ مٔرِ پابہٕ ہُنٛد کیٛا.... چھوٚنوٚہٕ راتھ وُنان۔" ڈینی سوف اوس گژھ ییٚزان" ہیٚے وچھ پانہٕ لاژنگ تہٕ داشس ستہٕ یہم مۄل کڈان۔"

"عٲلی جناب! ہیٚے چھُ حکُم وٕتُھُت۔ مگر یہم چھنہٕ کیٛنٛہ تہٕ مانان۔" کوارٹر ماسٹرن دیٚت جواب۔

روستوفن دیٚت بیٚبہٕ بستٕرس بیٚٹھ پان دٲرِتھ تہٕ دِل ڈنجہٕ تھاوِتھ لوٚگ سوچنہٕ۔ "کرِن یہٕ تامتھ کام.... یہٕ چھُ وُنہٕ کرٕکہٕ نادے کرٛان تہٕ یہٕ چھُس پننی کام پوٗرٕ کرِتھ آمُت۔ یہٕ کیٛا گییہٕ کنھ۔" لیہٕ مٔنزی پوٚز تمی کوارٹر ماسٹرس ورآے بیٚبہٕ تہٕ کیٛہہ ترتٲوی کنھ۔ یہٕ اوس ڈینی سوفن یِد ماشس خُد منتھ گار نٔورُشکا ڈینی سوفس کمن تانٛی سوارِن ہُنٛد، پسکوٹُن ہُنٛد تہٕ داندن ہُنٛد کیٛا تانٛی وُنان۔ یہم تمی غذا ژھانڈان ژھانڈان کنہٕ تانٛی وُچھتہٕ آسی۔

تمی پوٚز بیٚبہٕ کنہٕ تانٛی دوٗرِ ڈینی سوفنہٕ کرٕکہٕ تہٕ کنن گوس" زپن، دوٚیم پلمکن۔"

"یہم کوٚت سَنا دژا ے۔" روستوفن سوٚنچ۔

ستھ پانٛژِ گے تہٕ ڈینی سوف ژاو مورچس منٛز۔ ریہٕ کھوٚرُد سان ژھِنِ بستٕرس پیٚٹھ ووٚتھ، شرارتہٕ تمی زاجِن پاییپ، یژھنی ساری چیٖز ژھِنِ چھکرٲوِتھ، کمچہٕ تہٕ شمشیر نٔنجِن تہٕ لوٚگ مورچہٕ منٛز نیٚرنہٕ۔ روستوفن پوٚز مورچس تمس پرژھ زٕ تٔرے کوٚت چھیٚے گژھان تمی دیٚت شرارتہٕ سان گول مول جواب زِ ہیٚے چھیٚے کیٛنٛہہ ضروٗری کام۔

"خُدا کرِن ہیٚے پیٚٹھ رحم بیٚبہٕ یُنٛگ شفیق شہنشاہ،" ڈینی سوفن

دِڑان ہیران ہیران۔ روستوفن یوٗزٕ سورجس ہیبر کنہٕ دار ہیاہن گرٕ ین پیند
رٔب ماںڈان یکہٕ ہنج آواز۔ روستوف سنیٖو تہٕ یہٕ اکھ زٕ ڈینی سوفس
کوٚت سناچھ گژھن۔ تِمس ہیٚبیہٕ وُشنیر ستی ہینٛدٕ تہٕ بیٚمہٕ وِنہٕ
سٗہ سورج مٔتۍ ژراد یوتانٕ اوس شام گومُت۔ ڈینی سوف اوس یہٕ وُنہٕ
والِیتھ آمُت۔ تب اوس صاف گومُت۔ زٕ افسر آسی کنہ تانی گندان
تیم آسی انسان تہٕ تِموٚ آسہٕ کنہٕ بدلہٕ رٔبہٕ مٔتۍ زٕ سیجہٕ منجہٕ لاجہٕ ہٕتۍ۔ روستوف
تہٕ رلیثو ہیمن سِتی۔ گندان گندان ہیٚبیہٕ اکس افسرس نظر تہٕ تِموٚ دیجو
کینٛہہ سامانہٕ ریٚڈہ پانس کُن یوان تہٕ ہیمن یتہٕ ہیتہ رسالکہ نفر ہیٚداہ مٔرہٕ
ہیو کھِہ متین گرٕ ین کھسیتھ۔ رسالہٕ فوٗجی ین ہٕتۍ نگرہٕ آنی مٔتۍ۔ داٗنی ہیم
ریٚڈہ خیمہٕ رزان نش تہٕ رسالہٕ فوٗجک اکھ بیرہٕ بار سمبھو ہیمن انہٕ اَندی۔
رٕ ہٕہ کیا چھُ۔ نظر کرِو۔ ڈینی سوفس آس ہمیشہ یہ آسے پریشانی۔
آخر کار ووت کھین چینک سامانہٕ" روستوفن ووٚن۔
"عانہٕ سوفس بیٹھ، دوہ ژی کیا گژھن سیاہ خوشی" افسرو ووٚن۔
رسالہٕ فوٗجی ین ییتہ ہیہن اوس ڈینی سوف گرٕ س بیٹھ پکان۔ اُمس
آسہٕ یادٕ فوٗجکہ زٕ افسر ستی تہٕ تِمہٕ ہے ستۍ اوس کتھا کتھا کران۔
روستوف دژاو ہیمن نِتھ۔
"کپتان! ...... یہٕ چھُسے دیان جیس کرٕ یوٗزٕ" ہیمو مٔتۍ زاوس اکھ
زاوٗیل لوٗکُٹ افسر و نان، تُس نہٕ واتہٕ شرارتس لایقہٕ اوس آمُت۔
"خار ہیٚتے دوٚیہٕ سے یہ تراوسے نہٕ ہیم" ڈینی سوفن دیُت جواب۔
"کپتان! امہٕ خاطرٕ ییٚتی ژٕ سے جواب دِژِن۔ یہٕ گیٚیہٕ بنجاو نفر۔
ییتہٕ نیبے فوٗجس حکمت ریٚڈہ پنٛنی سانین نفرن چھینہٕ دوٚن دوہن کھینس

سوٗمب کہین بنیو ہٕنٛت۔"

"میٲنؠن نفرن ووت اَکھ بیچھ کہین آسنس۔" ڈینی سوفن ووٚن۔

"بہٕ گیبہٕ ڈاکہٕ ژٕنی تہٕ اَکھ بینٛیی ژ ہیٚتھ جواب دیُن۔" بادل فوجکؠ اَفسرن ووٚن بینیبہٕ ہٕشا ڈبہٕ ہمہٕ۔

"مگر تہٕ کیانٛہٕ اَنان ہیٚتھ خوشکسۍ تلمہٕ۔" ڈینی سوفن ووٚن گرٛبزان گرٛبزان۔ سہٕ وولیشو یکدم "جواب ییٚبہٕ ہیٚتھ دیُن کیٚہہٕ ژ ہیٚتھ۔ ژ ہیٚتھ گٔرزٕ ھی جان ژکرہٕ شورینٛد ڈیٹھ تہٕ ڈاس دِہی۔ دفا گژھ ھو۔" ژھمی وژنہٕ ہمن افسرن رٔژن کٔنی کٔرکھ۔

"جان گو۔" اُمی بو کیٹھ افسرن ووٚن باہتبر تہٕ ورٲے تہٕ اتھ وژاو تیتہٕ۔

"ہیٚتھ دڈپ ہیٚتھ گوٚ یہ گو لوٗٹھ۔۔۔۔۔"

"بٹابہٕ دفا گژھ۔ قدم ٹُل نیبز دلبوہٕ سرٕ ژولیٚ تھیٚتھ نیبر کھ۔" یہٕ وَنان لوٗک ڈینی سوف اُمِس افسرس کُن۔

"جان گو جان گو۔" افسرن ووٚن اُمِس ہیم ہاوان۔ اُکھ سینتی دژن گرٛ ہس زیرٕ تہٕ وژاو زہینس ییٹھ گژابہٕ دوان۔

"ہوٚن وژامٔت دوسہٕ کھٔسیتھ، ہوٚن وژامٔت دوسہٕ کھٔسیتھ۔" ڈینی سوفن ژژ اُمِس بیتہٕ بیتہٕ کٔرٕکھ۔ یہ چھیٚ سارؠ کھوتہٕ ڈبیرٕ تی یعہٕ سہٕ رسالہٕ فوجکؠ سپاہ تمِس بادل فوجہٕ کِس سپاہس چھ کٔرتھ ہیکان ژیٚن گٔرِیس کھٔسیتھ آسہٕ۔ روسنو فس ژشہٕ وآیتھ گوٚر اُمی سٹھاہ سٹھاہ کٔرتھ اتھٕ سن۔

"ریڈ ژ وٗلہٕ سکھ ہیتھ۔ بادل فوجس ژوٗلس موچھ ہوٗرتھ ہیتھ۔" ہمہٕ ووٚن "نژ کیا گو۔ یہ دہا بیتہٕ ہنن نفرن فاقہٕ مرتہٕ۔"

ریڈ

رِسالہٕ فوج ہُنٛد مال ہیتھ ژٔولمُت اوس ۔ سُہ اوس اصلی پاٹھۍ خوجہ یہِ اَکِس رجمینٹہٕ کیٛت ۔ مگر یُوٚر نشکاہَن آس ڈٕہیٚنی سوفس خبر آمٕژ زِ یمیو چھینہٕ راَچھ خاطرٕ کانٛہہ تہٕ سینتی ۔ تِمو تہٕ تِمہِ سِنٛد پوسپاہو آنی ہم ریٚڈ جیٚرن ژٕٹھِتھ ۔ سِپاہَن آے کھُلہٕ کھٕنٛجہِ بسکوٹ بٲگراوتہٕ ۔ تِمو پٲکہِ اوٚدرا کھتے بیٛنین سکا ڈرانَس تہٕ ۔

دوٚہی دوہہ سوزٕ کرناٚلن ڈٕہیٚنی سوفس شیٚنٛچھ ۔ تِمو رِچھراو تنگیہ زِ تِمو پیٚشتروا چھُو سیٚود تہٕ لوٚگُس وَننہٕ "میٛانہ رایہ چھُہ یہ مسلہ ہیٚتھ کٕنہٕ وُچھ ۔ تیٚے چھِنہٕ خبر کیٛتہٕ تہٕ یہ تُلمِہ کانٛہہ قدم مگر مینیٚاَنی کنی یپٕزی نرٕ ہیٚے علیٚحدگیٚن افسرَن نیٚشہِ گرٕژھن تہٕ تہٕ رسید واپنٕناوُن داَیس محکمس سیٛنی پوٚرٕ شوزکرنی تہٕ اگر ممکن آسہِ تیٚلہِ مأیس باقاید رسید دِیُن ۔ تہٕ نے، تیٚلہِ چھُہ پٲدِل فوجک دعوا دأیر ۔ تیٚلہِ وۄنہٕ کِنہٕ کینہٕ نہٕ سُہ گژھہِ ناکارٕ "۔

ڈٕہیٚنی سوف دراو کرِتھ پانَس نیٚشہِ سوٚ دِلہٕ تِمہِ پیٚشترِ نصیحژ پیٚٹھ عمل کرنہٕ خٲطرٕ تیٚژہ شامَس آو سُہ ۔ تِمہ نِشکلہٕ مور جیٚس مٕشنروابیٚس یُس سُہ روستوفَن پتہٕ تٕس اَمِس دوستَس زانٛہہ تہٕ وُچھمژ آسہِ تہٕ ۔ ڈٕہیٚنی سوفس اَمِس تہٕ کیٚتھے پھیٚران ۔ تہٕ تِمس اَمِس شاتشس کھٕنٛزٕ ہٕژ ۔ تیٚلہِ روستوفَن تِمس پیٚٹھ زِ دلیل کِتھا چھِیے ۔ سُہ اوس اوٚر صِرف لوٚت تہٕ بیٚو کھرِ متہٕ ہٕٹہِ لیٚکہٕ چھکان تہٕ داب ونان ۔

روستوفَن بیٚلہِ ڈٕہیٚنی سوفُن حال وُچھ ۔ تِمہ کٕڈ نووس سُہ بیلو، تِرٕ لیٚشا چاوٕ نووُن تہٕ سوزُن ڈاکٹرَس موہتہٕ ۔

" ہیٚے کرِ تہٕ ڈاکہٕ مارنہٕ خٲطرٕ کورٹ مارشل ۔ اوہ ۔ اَن بٕنیتہ تِرٕ لیٚشی ۔ کرٕن ہیٚے کوٹ مارشل یہ کرہٕ ہمیشہِ سی ۔ یہ دیمہٕ دغا بازَن پأزار ۔ یہ وَنِہ شہنشاہس ۔ یِنہٕ ان" سُہ گو ونان ۔

ریجمینٹہِ ہندی ڈاکٹرن ووٚن زِ اَمِس چھُ خوٗن کَڈُن ضروٗری۔ ڈپٹی سوفہٕ
سپنٕز جنرلی ہُنز آیہِ کتھ ہیتہٕ خوٗچ اکھ پوٚر نِگاری کَڈِتھ۔ اَتھ آوٚ سُہ کنتھ تانی
تیوٗتا جبہٕ زِ تَمی پیٚچ پننہِ روداد وُنِتھ۔

ڈپٹی سوفن ہیوٚت وَنُن "بہٕ گوس نوٗر تہٕ نہٕ بِرٕژ ھکیہ صحیح پُشُد
دفتر کیتہِ چھُ؟ نیمہٕ ہوٗد ہم۔ دپان چھِم بِزار۔ وَڈ ہمکھ یہ چھُس میل تژہ مر
کَڈِتھ آمُت تہٕ میٚے جِھپے کام۔ میٚے چھینہٕ بیٚہنس فُرصتھ۔ گوجالی تامتھ
دژاوس ملہٕ ژور اوٚر۔ تُمس نہٕ کوٚر میٚے لیکچر کرُن خوشی۔ دپان چھُم
"بہٕ گو نوکھٹہ" میٚے دوٚپمس "لوٗٹر گوہ سُہ یُس سوٗ مبر ووٗمت
مال پیٚتہ تھِن سپاہین بوٚچھ کاستہٕ خاطرہ بیٚہ— لوٗٹر گوٚس تُس امہ
مالہٕ ستی پننی جیند برے۔" دپان چھُم "ہے کر ساز ھو بہٕ۔" گو جان،
دپان چھُم "دِ ساز سَپدِ کمشنرس اتھہ مگر نو تِہ کرہ وے اُسی ہیوٚر
ریپورٹھ، گوس بہٕ کمشنرس ژاس۔ بیٚیہ تہٕ کیا میٚرس بیٹھ...
ہے ذرا سو بِج۔ یہ کُس چھُ اَسہِ فاقہٕ دی دی ماران۔" ڈپٹی سوف
گژ زیوو تہٕ تمی دُپُت رٕکھتھ کچھ مژرِ تہِ ستی میٚرس تیٚتھ نا زور ٹاس
زسمہ پھیرِلیو دُبہٕ۔ اکھ بیٹھ تُس گلاسہ اوس تمی نیٚج و دہٹھ "تیلیابین!
... کیا بہٕ چھُکھہ ژہ اسہِ فاقو ستنی ژو کڈان، بہٕ کیا ووٚ تُمس
تہٕ نژ و مس کھوتگنس بیٹھ اکھا۔ بہٕ بیوٚکھُس سیٚود تہٕ پیچھٹے بیاکھ۔
ہہ ... بیٚنہ تھ ...، تژووم کیا دوٗنتھ۔ مگر یہ جنے
مزے آو۔" ڈپٹی سوف گو کژ کرِ دوالی سُہ اوس زہر خند کران۔ تہٕ
تمہٕ ستدی سفید دند آسی کژ ہنیٚو گو نژ ھو تلی شنی بیران۔ "تیم نے
میٚے ژٹھ کڈِ ہت تُمس آسہِ ہے میٚے ژو کوٚ ڈھُت۔"

"مگر ژٕ کیاز کرژکہ دوان۔ تلہٕ ساز ہوہ یہ کرتہٕ۔" روستوف ووٚنُس "بیہ چھُس رتھ بوان۔ ٹھہراتھ پیٚیہ گنڈ ہیوٚن۔"

ڈینی سوفس ترِ گنڈ کرنہٕ آو بِسترس پیٹھ تراونہٕ۔ بگاہ ووٚتھ شہ نیٚندرِ تازٕ تہٕ لوتی موٚت۔

مگر ڈیبہرس آگی آو رجمینٹ ہیڈ ایڈجوٹنٹ سٕتھ الو ندترآوتھ اتھ موٚرچس منز بیٚیتھ ڈینی سوف تہٕ روستوف روزان آسی۔ افسوس ظاہر کرِتھ آو تمی میجر ڈینی سوفس ناوکرنالہٕ ستر چیٹھ۔ یتھ منز آسٕ کس واقعس پیٹھ آسس پرٕزرٕ گار کرنہٕ آمژ ایڈجوٹنٹن ووٚن یمن زِ خبر مالہٕ ما رٹہٕ خطرناکھ تراے۔ کوٹ مارشل بیہٕ کرنہٕ۔ تہٕ کنٹرِ دِنس تہٕ ربط ضبط پھراوس پیٹھ بوس سختی ازکل کرنہٕ چھِ یوان۔ سہ نظرِ تل تھاوتھ اگر صرف عہدٕ والہٕ نسے تانی نوبتھ وآژ سہ گژھِ خوش نصیبی زانٕنی۔

مخالف جمازٕنیس دعوا اوس کوٚرمُت تتھ منز اوس وَنہٕ آمت زِ میجر ڈینی سوف ژوٚل گوٚڈنتھ بگرِ رِیڈ ہتھ یتہٕ ژاو پورکاتھ استقبال دِنہٕ ورآے رسد وانناونہٕ کس چیف منز ہسندس دفترس منز چیتھ تہٕ تمس دوٚپن زِ چھکہٕ ژور تہٕ بیہ ہوٚد نُس مار ڈنگ بیم۔ بیلہٕ انہٕ سہ کڈنہٕ آو تمی ژھنیٚ دفترس منز دوہ پیٚینہٕ تمی دون ملازمن پیٹھ حملہٕ کوٚر یمو منز اکس ترِ لوٚگ۔

روستوفن تس پرژھہٕ گار کرنس پیٹھ ووٚن ڈینی سوفن زِ میٚانی کینہٕ چھیٚ اتھ ستو بیہ تہٕ کمس تانی ستر ڈلیل رلاونہٕ آمژ۔ مگر یہ چھِ سوٚرے ملہٕ بکواس۔ تمی دوٚپ بہٕ گوس نہٕ ہرگز کوٹ مارشلن کھوژن وول تہٕ اگر یمو بدماشو مے ستی لڑآے ہیتر بہٕ تھاوکھ نیشتھ پھرن ییتھ نہٕ زانہٕ تہٕ مشکہ۔

ڈینی سوف اوس یِتھے کُنٛہ بٔتے فِکرِ پاٹھۍ یہِ سوٗرُے واقعہٕ بوزٕنہٕ وان۔ مگر روستوف زانان ہے تِمس وارٕ پاٹھۍ زِ تِمہِ زیٛوٕن تہٕ اَندری کنہِ چھیٖہ یہ کوٹ مارشلس کھوژان۔ تہٕ امہِ سٕتۍ دِچھ سخ پریشان گومُت۔ تہٕ کیٛاز اکھ چِھنہٕ شکھ کیٛنہٕ زہ امٕنِک نتیجہ نیرِ سیٹھا خراب۔ دوہ یہِ وُنی ہیٚنٛزن چِٹھِ واتنہٕ۔ عدالتہٕ چہ نوٗلسہ لجہٕ بیٚنٛز تہٕ آخر واتٕ ڈینی سوفس شمن، اول میٚنۍ ڈوٚجہٕ کِس عملس بڑوتھُہ کنہِ حاضر سپدن تہٕ تِتھۍ دوہ لۍٚہری شتہِ خاطرٕ جواب دیٚنۍ یوسہ تِمہِ رسد واتنا وکس وتنز سس منزٕ تِچ ہٕز آسن۔ امہِ دوہ ہہ کالہٕ اوس بیلاٗوف زٕ فرٛاکھ رجمینٹہٕ تہٕ رِسالکۍ سکا ڈران ہیٚتھ دشمنہٕ شند بے پناہ گڈٕ نہٕ وزامت۔ ڈینی سوف وزاو عادتہٕ موجوٗب دلیر پاٹھۍ ہیمن نِبھٕ فرانسی بندوقین ہٕنز اکھ گوٗلی آیہِ اَمس زنگہِ ہٕنز اَندٕ ہیوٚر بیہن۔ ممکن چھُ بیٚییہ کُنہِ وقتہٕ نزاو ہے تہٕ ڈینی سوف بنہٕ مومولی زخمہٕ خاطرٕ رجمینٹ۔ مگرٕ وۍکھن تل تِمہِ اکھ فائدٕ تہٕ عملس بڑوتھُہ کنہِ حاضر گژھنہٕ نِشہ بچوٚون پان۔ تہٕ گو شفاخانہٕ داخل۔

۱۷

جوٗنس منزٕ آو فریڈ لینڈک سٕہ جنگ لڑنہٕ یتھ منز پاولوگرادس رسالہٕ فوجن کاتہٕ حصہٕ نیوٚ تہٕ۔ امہِ پتہٕ گوٗ اکھ ماہد۔ روستوفس اوس دوستہٕ سٕتۍ دُور آسنُک سخ فریب۔ تِمہِ آس تہٕ تِمہِ سٕتۍ ہسپتال گژھنہٕ پتہٕ تِمہِ سٕتۍ خبر تہٕ لوٗزمٕژ، تِمس آس تِمہِ سٕتۍ زخمچ تہٕ فکر تہٕ یہِ تہٕ زٕ خبر تِمس کٕم مشکل آسی تِکلیتہٕ بیہوان۔ تِمہٕ تل اکی ماہس

فٲیدٕ تہٕ ہیٚنٛزٕن چھُٹی یُتھ زَن شہ ہسپتال گژھِتھ ڈیوٗٹی سوٗفس خبر ہیہ ہے۔

ہسپتال اوس پرٕسٹیا ہکس اَکس لوکٕٹس قصبس منٛز یتھ رٲوسہٕ کیٚو تہٕ فرٲتسہٕ کیٚو دوٚہ یہ لٔٹ ڈاکہ اوس کوٚرمُت۔ ریتہٕ کالہٕ اوس سوٗرے گامی دُفی یالوٗیہٕ وُن باسان۔ مگر یہ لوکُٹ موٗ کُٹ قصبہٕ اوس تتھ مُقابلہٕ عمتا کہہ شکل ہاوان۔ پٔتس تہٕ دوٚہ سہٕ وُسی ڈسی آمژ، بازرگندگی سپنتی ٹریتھ، ٹیکٹین زچہٕ لاگِتھ تہٕ بیمارن ہٕ سٕشراٰبی سپاہ اکھ اور پور پھیران۔

ہسپتال اوس اَکس کینہٕ وِس مکانس منٛز یتھ آنگنہٕ سیوٗد کاٹھکر چھٹمُت اوس۔ تہٕ دارِن ہندی جوٗ کاٹھ تہٕ اُڈی یٹھ تیٚر ٹُھبی متی آسی۔ واریا سپاہ آسی بیڈ بچہٕ کٕری کٕری پکان یا آنگنس منٛز ناپھ دِوان۔ بیمن آسی ستھو لیٖدر بیمتی تہٕ ہنبمتی۔

یتھے روستوف درواز زاو تٕمس آو یاتس اُندی اُندی پرٕتھ اَند ہسپتالک مُشکہ۔ یہ زٕ وٕنہ مازٕ نج بوٚے۔ ہیر پیٹھ سٕمکھیوو تٕمس اکھ رٔوسی فوجی ڈاکٹر آستس منٛز سگار ہیتھ۔ تٕمس پتہٕ پتہٕ اوس رٔوسی مدٕتی ٹرینگ کران اوس۔

"یہ ہیکہٕ نہٕ اکی ساتہٕ پرٕتھ جاپہٕ وٲتِتھ۔ ژٕ یہ شامس ماکرٕ البکسی وِچ سٕندگرٕ یہ آسے تٕستی۔ مدٕتی یٕن پرٕژھ اُمِس بتِیہِ تہٕ کینہٕ سوال۔

"ہاکرسایہ کوشش کری۔ فرق کیا چھےٚ پیوان۔"

ڈاکٹرن کوڈ روستوف ہیر کھان نظرِ تہٕ دوٚپنس:

"جناب توٗہی کیتھہٕ کٔنی چھِوٕ آمتی۔ کیا کرٕ تہٕ چھِوٕ آمتی، گولی سِنے یوٗتا کُنہٕ زِ بود آو، یا بچس بیمٲری ٹِلی ہیٚنہٕ۔ یہ چھُ جنابو بیمارن ہٕند گرٕ۔"

"تہٕ کیا؟" روستوفن پرٕژھنس۔

"جناب ٹایھس۔ تُس اندر ژاوِتھ موٗد۔ وۄنی چھ زٕ سے نٕزی یہ تہٕ ماکیف۔" (تمہٕ کوٚر پیٚتہٕ رِس مدنی تَس کُن اشارٕ) "یہم بیٚیتر دُنہٕ نہٕ ادرٕ بورٕ تنژان چھِ۔ اَسہِ منتر چھِ پانژھ ڈاکٹر بڑو ٹھٕٹھے موٗدی متۍ۔ یِمن کاتہٕ توٗد چھُ یوان تِمہٕ شُند تیاسے چھُ اکس ہفتس منز اندان۔" ڈاکٹران ووٚن تمہٕ واتہٕ اطمینانٕہ سان۔ "وۄنی چھکھ یہٕ سٕشیا ہکۍ ڈاکٹر مشگہٕ تاوی متۍ۔ مگر ساٗنۍ یِہم باٗجی چھینہٕ یہٕ کام پسند کران۔"

روستوفن ووٚن اَمِس زِ یہٕ چھُس رسالہٕ فوجہِ کِس میجر ڈینی سوفس بڑھان سمکھن۔ تُس چھو کہٕ لدگژِ ہیتھ بیٚیترِ داخل چھ آمُت کرنہٕ۔

"ہے چھینہٕ کینہٕ خبر۔ یہٕ ہیکہٕ جباو کینہٕ دُیتھ۔ توٚہۍ کرِو خیال۔ ہے چھُ گژھِ سے زُنس نتہٕ ہسپتالُک واتُن۔ ژورہِ ہنز بیٹھ چھ بیمار۔ توٚنہٕ چھُ غنیمتھ زِ پرشیاچہِ فیاض زنانہٕ چھے اسہِ رِیتہٕ بیٚترِ ریتہٕ زِ پونڈ کاٗفی تہٕ بندِ یجہِ خاطرِ کھابرِ سوزان۔ نتہٕ آسہٕ ہو اُسی مو کلیمنۍ۔" تمہٕ کرٕ اَسہٕ ہنا۔ "ژورہنزتھ جناب۔ بیٚیہٕ چھم توٚی توٚی کیس سوزان۔ ژورہنز چھِ، تۍ ساہ۔" "شہ بھیوٚر پیٚتہٕ رِسا مدنی تِس کُن۔

اَمہٕ شُند مدنی اوس پریشان باسان۔ توٚن اوس باسان زِ اَمِس چھے کیاتاو جلدی۔ یہٕ چھُ دیان یہٕ کتھ کُتول ڈاکٹر گوژھ نیرُن تہٕ اَمِس چھُ یژاران جیرٕ آمُت۔

"میجر ڈینی سوف؟" روستوفن ووٚن ہیٚبہٕ "شہ اوس مالینیہٕ چھو کہٕ لدگو مُت۔"

"ہے چھُ خیال شہ مو بو۔ تۍ سا ماکیف؟" ڈاکٹرن پژھ سے غرض پاٹھی پیٚتہٕ رِسا مدنی تیس۔ مدنی ین کوٚرنہٕ ڈاکٹر سیندِس وینس تاٗیید۔

ژھلس بیٹھ ژھٹنی گژھان۔

یُتھ دوہ ییہِ چھہِ شادؠٲنی وَس ٹلنچ کام کرٕ ناشٕن۔ یہِ شادؠٲنی گیہِ اکہِ اکہِ سارِنٕے نژان، ہیتہِ ہیتہِ قولو تیٖہِ گژھان تہٕ کمالس آتہٕ نمہِ ؤنہِ بیٚبلہِ نم کتھ گٔژھس منز سارؠ کتھہٕ کیتھہٕ کران تہٕ اکھ اَکس آلو دِوان اُسان اَسان تہٕ کتھ کہِ دِوان شِشہِ بگہٕ منز ژالے۔

ییمہِ منز آسہِ نہٕ کام کُرکُلی شِشہِ بگہٕ۔ تہٕ یتیم آسس تُہِ کتھوٕ سٕتنز بیٚنہِ آر ٹوٹھہِ سٕندہِ مشہور پبلک ریڈار کرِ لمان اوس نہٕ ژوٗرم آسس نکولائس بنٕنی۔ اَنہٕ اوس تمی سٕندی ژھوٗٹ ز بیٹھ جنتہٕ کیٚہ کتھ کرہٕ ہن کرہٕ گٔنڈِتھ۔ نکولاے اوس شِشہِ بگہٕ منز باگ کرہٕ وٲلین ہندہِ ٹھیکک زنانہٕ لباسس تہٕ رسالہٕ افسر سٕندہ اور کوٹھ لاگتھ بیلٹ گنٕڈِتھ تہٕ لاکہِ سفیہ کرِتھ۔ ژہٕ گاشش اوس تیتھہِ زِ تمس آسہِ لاکمہٕ ہندی سٕتنز گنڈ تہٕ پاپان بوزِہ لوان تہٕ بیٚبیہ کرٕن تہٕ منز اَچھ نہٕ بیمہٕ نِو لام کرِ دِشس تِل امہٕ جیاژ ہِشد شور لوٗر تھ خوف نہٕ ستیٖ اور یور نظرِ آسہِ دِوان۔

سونیا تناشہ مادام شاس تہٕ بیٚبیہ زِ دابہ ژابہ نکولاے سٕتنز شِشہِ بگہٕ منز۔ کتھوٕ سٕتنز شِشہِ بگہٕ منز اوس ڈلمر، تمی سٕتنز زنانہٕ نہٕ پٹھیا۔ بافی گنڈن گرٕی آسے بیٚبین دوہ ان شِشہِ بگیتھ منز بتھہٕا وِتہٕ۔

"زِہار۔ ژہیرِ برٕ ونِتھ۔" نکولاین دِتہٕ مالی سٕندس کوچوانس کرکھ گیٖنٕز زن شہ وَنہِ تمس بیتہٕ نژاو پنج کوشش ہیکہٕ کرِتھ۔ کتھوٕ سٕتنز شِشہِ بگی دژابہِ ڈلمر بینزِ ہیتھ بڑونتھ بڑونتھ

اِشارٕ کرٕنۍ بِلکُل ضروٗری۔ اکہ پھیرِ وُچھ تمہِ شہزادٕ آندرےٚ کُنی زٕ وٕنا۔ تمہِ ژٕل موقس فایدٕ تہٕ لوگُن اُمِس سٟتۍ دربار کِتھ چلیے یہِ عام طور انسانی جذبانٕن ہٕنزٕ تہٕ خاص کٔرِتھ تِمن سٟتۍ ہینزِ ہٕنز۔ شہزادٕ آندرے ییٚس آسۍ سوٗ عقلمند زنانہ۔ امہِ کِنۍ سوٗ پزِ تمہِ زٕ اُمِس سٟتۍ پزٕ ہیٚے سارے سیاسی چالاکی وٕرتاوٕنۍ۔ پیلہ پیٚیرِ ییمن نِش ووت تمہِ وُچھ ویرا کھُلہٕ ڈولہٕ پٔنٕنِ مزاز کنہٕ کران۔ شہزادٕ آندرے اوس باسان باشعور مُت بیہٕ تِمِس عوٗکو مٕن یاد پٮ۪ے اوس۔ ——

"شہزادٕ، چون کیا خیال چھُ؟" ویرایہٕ پٔرٕٹھ الوس ہیوٗ وُکھٕ ٹھ گُمار کٔرِتھ۔

"شہزادٕ! ژٕ ہیٚے چھےٚ نظر تیز تہٕ ژٕ چھکھ لُکن ہٕنٛد چال چلن یکدم بٕرِتھ نوان۔ ناتالی ہیٚنٛڈ کیا چھےٚ چانٛی رائے۔ سوٗ ہٕکیا ہینٛہ نٮ۪ن دوستن مِنز اکی ڈٕنجہِ روزنہٕ تھ۔ تِمِس نِگیا ہیٚنٛدِن زنانن ہٕنٛدی پاٹھۍ مطلب اوسُس میٛتھانٛی یا اکھِ) کانٛسہِ مردس سٟتۍ اکہ پھیرِ مُحبتھ کٔرِتھ پتہٕ وُمبرِ وُمران تِمِس وفادار روٗزِتھ ییتھانٛی کِنۍ گوٗ تٕسے پوٗرٕ محبتھ۔ شہزادٕ چانٛی رائے کیا چھےٚ؟"

"یہٕ زانٕن چانٛی ہیٚنٛدِ سٟٹھہے کم" شہزادٕ آندرے ییٚن دٕپیت طنزٕ ہوٚت تبسم کٔرِتھ جواب تہٕ امہِ اَسن ترایہٕ سٟتۍ اوس شہ پٔننی باشعور گھٹنی بٕرٕ ھان "یتھس نوٗزکھ ماملس ہیٚنٛڈ کیا فاصلہٕ ہیٚکہ یہٕ دِتھ۔ توٗ پتہٕ، ہیٚے چھ وُچھمت زنانہٕ ییٚژ کم رشتہٕ وٕنۍ آسہِ تیٚژ آسہِ سوٗ زیادٕ وفادار۔" ہتمی وٕن تہٕ دِژٕن پیرے ییٚس کُن نظر یُس اوٗتانۍ ییمن سٟتۍ رلیوٗمُت اوس۔

"اوٚ شہزادٕ ژٕ چھُکھ پوٚزٕ۔ ییٚتہٕ زمانٕس منٛز ......" ویراگیبہٕ
ووٚنان۔ (بیٚیہ زمانٕچ کتھ کرٕن ننھٚے پاٹھی ییٚتہٕ پاٹھی ژھوٚچھ عقلہٕ
ہتہٕ دیٚن لُکن یہ کتھ کرٕنی نوسش کران چھےٚ۔ راے چھکھ آسان زِ
اَسہِ چھےٚ زمانٕچ تمژاے گڑاے سولوم کٔرہٕنژ تہٕ سمرکٔرتھ تِژادٕ منزِ
تہٕ ببیہ چھکھ خیال آسان ژٕ آدمی خصلتھ تہٕ چھےٚ وقتس سیتۍ بدلان)۔
ییٚتہٕ زمانٕس منٛز چھےٚ کوریٚن تِژا آزادی زِ بیٚلہٕ لُکھ تیمن ماے بٔران
چھہٕ۔ تیمن چھہٕ بیچھن (وفاداری ہندی) احساس ہیٚتھی گرم لگان۔ بہٕ
پیٚبہ ہاوُن ژٕ نٹالی نہٕ چھےٚ امہٕ کم زوری ہند شکار۔"

امہٕ بیٚلہٕ نتاسِتمی کتھ بیٚیہ تٕھ شہزادٕ آندرےیَن ژٕکرٕ ووڈٕ یہٕ
سیتۍ ہیتہٕ۔ تیمۍ کٔرے یہ تھوٚد ووتھنچ کوٚشش مگر ویراگیبہٕ امہٕ کھوتہٕ
لطیف وٕٹھہٕ کھجار کران ووٚنان۔

"میٚتانہٕ راتھ چھیٚہ ننھٚ پاٹھی کانسہٕ لُکہ بیٚتہٕ ییٚتہ ییٚکی ہیٚتی ییٚتہٕ پاٹھی تمس بجہٕ۔"
ویراگیبہٕ ووٚنان۔ "مگر اوٚ ژٕ نتانی ادس تہٕ کانسہٕ تمس ییٚتھ کانہہ خاص اثر
تژووُمت۔ "کتھوٹ ژٕ یےٚ ژٕ آسی تعبرٕ" تمہٕ ووٚن ہیرےبس کُن۔

"ییٚتہٕ جاپہٕ چھےٚ کتھ۔ سون لوپہٕ ووٚن پیٚتر بوٚرس تہٕ ادس لاویٚن
آمارکٕ ہندیٚن علاقن منٛز دوٗر دوٗر سیٹھا دوٗر تانی ووتمت......"
ییمو لفظو سیتۍ آس سو زِ تہٕ محبتہٕ کس نقشس کُن اشارٕ کران تہٕ
یہٕ اوس ییمن دوٚہن فاےشن بنیوٚمت۔

شہزادٕ آندرےیَن کھاج ڈیکس دِژ ہہٕ تہٕ گو دم پھٹۍ ہیوٚ۔
"مگر آخر ژٕ چھکھ بورس شُند دوس۔" ویرابہٕ ووٚننس
"آن بہٕ زانن سہٕ......"

"بتان چھُ تمۍ آسہِ نے ژٕ یٔتھے وۄنمُت زِ تمِس اوس تماشس ستی شُری لازِ پأٹھۍ عشق۔"

"اۄہ۔ تیٚمِس اوس شُری لازِ پأٹھۍ عشق" شہزادٕ آندرے ین ہیچٕ ژھ۔ نیٚ سنگاہ نہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گو تمِس وۄزُل تارہ ہیوٚ بُتھ۔

"آں۔ ژٕ یٔتھے چھےٚ خبر قریبی رشتن منز چھِ یکوٹہٕ روزنہٕ ستی عمرٕ ہِن عشق گژھان۔ قریبی رشتہٕ دار چھِ پانہٕ وأنۍ خطرناکھ ستی بٕڑ آسان۔ چھینا؟"

"آں۔ تیٚتھ کیا شکھ چھُ۔" شہزادٕ آندرے ین ووٚن۔ یکدم آو سُہ عجیب پأٹھۍ جوشہٕ تہٕ ہیوٚتُن پیٖرے ہِس ستی کُھٹہٕ مخولہٕ کرُن زِ ماسکو چھُن پیٖنزراہ ؤری شُن آشناو یاین ستی روزٕ رۍ زِ چھیسہٕ۔ کُھٹہٕ پیٖسخری کرانے ووٚتھ تھوٚد، پیٖرے ہِس کُٹہٕ ان نٔرِ تھپھ تہٕ نیوٚن اکِس اندس کُن۔

"ؤدِ لۄ کیا چھُ؟" پیٖرے ین ووٚن۔ تمۍ اوس حٲران گژھِ ہِنز دوستہٕ سٕندِ تبدیلی وُچھمٕت تہٕ یہِ تہٕ وُچھمُت زِ تمۍ ترٲو ووٚتھان وۄتھان تماشس کُن نظر۔

"مےٚ چھےٚ ژٕ یٔتھے ستی ضروٗر ؤری کتھ کرٕنۍ۔" شہزادٕ آندرے ین ووٚن۔ "ژٕ یٔتھے چھیا خبر تمہِ زنانہٕ الکھہٕ پیٖنجیچ۔" (تمۍ سٕند اشارٕ اوس تیٚتھ ؤسلِ درویشن ہندِس الکھہٕ پیٖنجس کُن یُس تمۍ ؤسِ ؤسلِ درویشس پنٕنہِ ماشوق زنانہِ دِنہٕ خٲطرٕ دِوان چھُ)

"یہٕ۔۔۔۔۔ مگر تہٕ۔۔۔۔۔۔ یتہٕ وۄنے گُژھِ دۄ ہٕ یہٕ۔۔۔۔"

اُچھن منز عجیب چمک ہیتھ تہٕ حرکژٕ وکنہٕ بیےٚ قرار پأٹھۍ گو شہزادٕ

آندرے تناشَس نِش تہٕ ہیوٚکھ تِمَس سِتنی۔ پیپرے اوس وُچھان زِ شہزادٕ آندرے یِن پٕرژھ تِمس کیا تانٕ سوال۔ یِتھ تِمہِ جواب دِتھ تہٕ یِتھ ووہ شلے بیہ۔

مگر امی وِزِ آو برگ پیپرے یِس نِش تہٕ کوٚرنس زور زِ تہٕ نتہٕ اَکھ بحث یِس منٛز حصہٕ نُیس سپینہٕ کِس مالِس بیٛٹھ جبہٕ نال تہٕ کرٕ نال یاپہٕ وایٕ کَران چھِہ۔

برگس اوس تُلا گوٚمُت تہٕ سہ اوس خوش۔ خوشی ہنٛد وُکھٕ کھار اوس نہٕ تِمس ژٕہِس تہٕ بدلان۔ سالہٕ مجلِس آس سیٹھا کامیاب روٗز مٕژ۔ بِلکُل تِمَن مجلِسَن ہنٛدی پاٹھی یِم تِمو وُچھمٕژ آسہٕ۔ پٕرتھ کانٛہہ چیز اوس بِلکُل تِتھے کُنہِ زنانہٕ ہنٛد تنہٕ زِ بیہ سان دربار، تاس، تاسہٕ بیٹہٕ جبہٕ نالہٕ سِتنہٕ کفَرِ کفَدِ کتھ باتھ، سماوار نہٕ کیک وغیرہٕ۔ اکہِ چیزٕچ آس وُنہٕ پرٕ گی یُس تِمو پٕرتھ سالہٕ مجلِسہِ منٛز وُچھمُت اوس تہٕ یِتھ سُہ نقل کرُن اوس یژھان۔ پرٕگی آس مردن ہنٛد کُنہِ سنجیدٕ عقلی مسلس پیٹھ رٕدٕ رٕدٕ گرما گرم بحث کرٕ نچ۔ جبہٕ نالن اوس ووہ نِش سُہ دربار لوگمُت تہٕ برگن نیوٚو پیپرے کتھہٕ کرِ نہٕ۔

# ۲۲

دۆیِمہِ دوہہ گو شہزادٕ آندرے روستوفہٕ ہٕنٛد کھانہٕ کھٲنٛزٕ۔
تٔمِس اوس کُنٛتوٕٹ ایلیا آندرہٕ ہیچہٕ سال کوٚرمُت۔ سُہ روٗد سارٕ ی سےٕ
دوہہ تٔمِس سیٖتھٕ شٕدی۔

گرِس منٛز ژیوٕن پتہٕ کٲنٛسہٕ زِ شہزادٕ آندرے کٔمہِ پٔنٛدہٕ موکھہٕ
چھُہ آمُت۔ اَدٕ تٔمہِ نٔ کٔرٕ دۆہہ دوہہ نتاشہٕ سٕےٕ سیٖتھٕ روزنچ کوشش۔
نتاشہٕ رٕس نٕشاہ سیٖتِس مگر خوش تہٕ بٕلکہ سیٖتِس روٗحٕس منٛز اوس اَکھ
خوفُک اِحساس تہٕ گرِ ی گٕمِس تہٕ اوس پوٚہےٕ اِحساس زِ کیاتانۍ خاص
چھُہ سپدن وول۔ شہزادٕ آندرے آسہِ ہےٕ نتاشہِ سیٖتھٕ کتھہٕ کران
تہٕ کتھٕ وٕٹِس آس غمہٕ ہٕتِرنہٕ سیٖخ سنجیدٕ اُچھو اَمِس کُنٛ وُچھان۔ اَدٕ بیٚلہِ
سۆ اوٚرٕ تہٕ نظر کٔرِہہ ہِس نتیلہِ آس منٛدہٕ چھ منٛدچھ تہٕ باشبرِ ہٕتِر تٔمِس
سیٖتھٕ موٗمٔلی کاتھہٕ کٔتھٕ تٔلنچ کوشش کران۔ سونیا آس نتاشہِ تشہٕ
وو نٕشِس کھوٗژان تہٕ اِتین۔ بٕیہِ ہٕس نہٕ آس کھوٗژان زِ ہےٕ میٲنہٕ سیٖتھٕ
ماگرِ صیکہٕ کیٛتہٕ نٕقوٗ نٕقہٕ۔ نتاشہٕ اَگہٕ ژِہِس تہٕ اَمِس نِشِ کٔنی زٕ ٕ
لگِہےٕ۔ سۆ آس بیٛرہٕ پٹھٕ سیٖتھٕ لٕبدران۔ تہٕ کیاز تٔمِس اوس
اِحساس زِ کیاتانۍ سپدِ۔ نتاشہِ اوس شہزادٕ آندرے سٕنٛدِ
کھوٗژٕ وٕڈٕ بِہ مِزاژک اثر پیوان۔ تٔمِس اوس تٕران فِکرِ نِہ یِہ چھُ ہےٕ
کیا تانۍ وٕنہٕ کٕیژھان مگر بٕتہٕ چھُسہٕ سمان۔
بیٚلہِ شہزادٕ آندرے شامس دٕتاو کتھٕ وٕٹِس گٕیہِ نتاشہِ نِش تہٕ

پژھنس وٹھوتلی۔

"دار سے؟"

"تمی میٹھر باٹی کٔرِتھ مہ پژھ ہیٚتے تامتھ کیٚنہہ۔ بہٕ ہیٚکہ نہٕ انسان وٗنی بٔنتھ۔" نتاشن وونُس۔

مگر یہ جواب دِتھ تہٕ رۄزانہٕ کالہٕ نتاشہٕ ژیرتانی ماجہِ ہیندِس بسترس مشترپاتس ہرُونٹھ کُن مُدے گٔنڈتھ گرا وہ لسان تہٕ گراتژ ہران۔ نتمہِ وۄن ماجہِ "تمی کٔرِ ہیٚتے تاریف۔ دۄ ہینم ہیٚتے چھُ جلدے ہنبر گژھُن۔ بیٚبیہِ ہژتہ ھنم تۄہہِ کیتہ چھُو رٕبتہٕ کول گزاران تہٕ بیٚبیہ پژھنم بورِس سُندٕ۔"

"مگر تُتھ کاشہ چیز... کاشہ تُتھ چیز... چھُنہٕ ہیٚتے اَزتانی محسوس گومُت۔" نتمہِ وۄن "صرف چھیےٚ اکھ کتھ۔ بہٕ چھس تمس ہرُونٹھ کنہِ کھوژان۔ تہٕ کیٚاہ مانے گو۔ نہٕ ماگو بیہاےٚ چھیےٚ اصلی کتھ؟ ممی ژےٚ بیٚبیہِ نیبنہٕ درٕ؟"

"نہ سا جگر تیا۔ بہٕ چھس تمس پانہٕ کھوژان۔" ماجہِ وۄنس "گژھ شونگ وۄنی۔"

"نہ نہ۔ ہیٚتے پُرنہٕ شونگُن۔ وانے نیبنہٕ درکٔرِتھ احمقاز چھیےٚ۔ ممی ممی۔ ہیٚتے چھُنہٕ اَزتانی زاشہ تُتھ کیٚنہہ سورمُت۔" "سو اُس بینہٕ تمن اندرین احساس ہیتھ حارتن گژھان تہٕ کھوژان۔" "آسی ہیکہٕ ہوا زاشہ جاٗنی تہٕ وُچھنہ......"

نتاشس باسیو ہیٚتے چھُ شہزادٕ آندرے بیس سنتی تمی دوہہٕ عشق گومُت بیلہ ہیٚتے سُہ گوڈنکہِ دوہہٕ اوترادوکنہٕ وُچھوسیو اُس

امہِ بدٕلے تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چہِ خوٗشی سٕتی کھوٗژان ژٕٚنس ہیٚتے نٔمی دوہہٕ ژورمُت اوس۔ (تٔمِس اٚسس پوٗرٕ پنٛژہ ژٕ بہِ اوس ہیٚتے نٔمی دوہ ہہٕ ٹارٕ کھوٚتمُت) ہیٚتے آو بیٚیہِ اَمہِ سٕمکھہٕنہِ تہٕ بیٚخہٕ کٔنی چھیٚہٕ سہٕ ہیٚتے سٕتی بےٚ غرضی تہٕ وزناوان کیٚنٛہہٕ۔

" زنتہٕ بہِ کیٚنہٕ مقصدٕ کٕنی سیدان چھُس — تٔمی سُتٕ یمہٕ نے دوہٕ ہَن منٛز یورِ یُن بیٚلہِ اٚسی تہٕ بیٚنٛتی چھِ۔ ییٚتہٕ سوٗن تٔرٕژن جلِس منٛز سٕمکھُن۔ بہِ چھُس سوٗرٕسے تقدیر۔ بہِ چھُس نوٚسے ژٕ بہِ چھُس تقدیر تہٕ نوٚسے وٕ آژ کیٚنٛہ یوٚت بیٚٹھ۔ نمہِ وزِ تہٕ بیٚلہِ ہیٚتے بہِ دُچھ ہیٚتے گوٚ ولٕس منٛز بٔدلے انٛجاس یادٕ۔"

"تُمی کیا دوٚہٕ نے ژٕ ہیٚتے؟ نٔم شارہ کیا چھِ۔ تلہٕ سا ہیٚتے بوزٕ تا وُیرٕ ...." ماجہِ دوٚن فکرٕ ن گژھتھ۔ تٔمی سُتٕ اشارٕ اوس تیٚمن شارٕ ن کُن یمِ شہزادٕ آندرٕسے یَن تٔمی سٕندِس البمس منٛز لیکھِ متی آسی۔

" ممی۔ امہِ سٕتی چھا کیٚنٛہہٕ فرق ییوان۔ تٔمِس چھُنا اکھ زنانہٕ موٗژ۔"

" ژھوٚ بہِ تناشا! خوٚدائِس منگ رٕٹ۔ بنیٚفر چھُ یوان عرشہِ پیٚٹھے اٚنٛزراونہٕ۔" تمہِ پیٚر اکھ فرآنٕچ مثال۔

" ممی! ٹاٹھی! ژٕ کاٚژا ٹاٹھ چھکھ ہیٚتے۔ بہِ کاٚژا خوش چھس۔" تناشن دِژ خوٚشی تہٕ جوشہِ سٕتی اوٚشِ تژاوان کٔرکھ۔ سوٚ اٚس ماجہِ نالہٕ مٔتی کران۔

امی وزِ اوس ہتہِ شہزادٕ آندرٕسے ییٚرے لیٚنا پیٚنہٕ عشقٕچ باوتھ کران تہٕ تناشٕنس سٕتی بنیٚفر کٔرُنک یَتھ براد باوان۔

امہِ دوہ ہہٕ شامن دِژ کٔشوٚ ہٕتس الپناوٕ سیلوناہ بہِ (ابلہِ) اکھ

استقبالٔ آئی وانٛنہٕ۔ فرانٛسی سفیرن تہٕ اوس آمُت۔ بیٚیہِ اوس شاہی خاندانُک اَکھ شہزادٕ یُس کینٛژن کالہ پیٚٹھٕ بہِہِتھ زیادٕ ے بہٕن بوان گژھان اوس رٕژمُت تہٕ بیٚیہِ واریاہ شاندار مرد تہٕ زنانہٕ۔ بیپرس تہٕ بیٚیہِ بیٚیہِ۔ سُہ بیٚیہِ کھر بیچھ کھر تہٕ سارِنے پژھن لوٗگ تمہِ پُشند اَندری آور بٔرک تہٕ فِکرٕ ن یِتھ دِنہٕ باسس۔

بیپرے یُس اوس ذہنی پریشٲنی نِشہِ دوٗرٕ بیٚیوٚمُت۔ بیٚیہِ دوٗرٕ آسہِ تِمس تِمن بیٚیٹھ بیٚیوان رٕژی ہِتھِ بینہٕ سُہ تِمن ڈانس مجلسِ مَنٛز آیو۔ سُہ اوس اَتھ مُقابلہٕ کرہٕ ہیٚچ سَخ کوٗشِش کران۔ بیپرے مَنٛز آشنہٕ اوس شاہی خاندانُک کُس شہزادٕ اوس سیٚتھ سانہٕ بازِگرٕ نہٕ بیپرے کامہٕ ہربناونومُت۔ تِمن بیٚیٹھے اوس سُہ دربارس مَنٛز اکھ قسیچ شرم تہٕ تھکُن موٗ حسوٗس کران۔ تِمن بیٚیٹھے ہیٚتِن تَس بیٚیہِ تِم خیال پھِرِ پھِرِ بینہٕ زِ یہ کینٛژھا انسانس سیٚتی واتھ تھاوان چھُ۔ تہٕ بیچھ سوٗرے خوٗصوٗل۔ بیہ اِنٛجاس تمہِ اوتہٕ بیٚیٹھ بینہٕ بیرٕوٕ دِنہٕ شہزادٕ سُنس تہٕ شہزادٕ آندرے یَس مَنٛز بٔرتھان دُچھینہِ آسہِ۔ تِمو کیٚنہٕ اوس سُہ پانس تہٕ بینہٕ نِس دوسنہٕ سِندِس حالس مُقابلہٕ کران۔ اُتی اوس وارے غوطہٕ گژھان۔ تمہِ کرٕ بینہٕ آشنہٕ مَشراو ہیٚچ تہٕ کوٗشِش۔ تہٕ تماشہِ تہٕ شہزادٕ آندرے مَشراو ہیٚچ تہٕ۔ دُبارٕ ہیٚوٚتن تَس ازلہٕ ابدس برونٛہہٕ کنہٕ بٔرتھ کاتھ چیز مُژکہٕ باسُن۔ تہٕ دُبارٕ ہیٚوٚتن تمہِ سِندِس دِماغس مَنٛز بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ سوال یُن۔ "کمہٕ خاطرٕ؟" واریاہن دۄہن تہٕ واریاہن راتن رٕژ سُہ ذٔہِل درویشی ہِشر دِیا صٔحبہٕ کران۔ دۄ میہ آسہِ امرس سیٚتی روزن بِنہِ رٕوح دوٗرٕ۔ بیپرے اوس نصیف سِیْن کٲنٛسہ

ہِندِ کمرٕ مَنٛزٕ دٕرامُت۔ سُہ اوس ہٮ۪بٕرٕ بیٚیہِ نٕس یَس ناٮ۪لو وٲلِس دٕہرٕ سٮ۪ننٕو کٔرٕ ہِنے ہِتنِس کمرٕس مَنٛزٕ سکاٹ لیٚنڈٕکین ڈٔسلِ وٕرٕو ییٚشِن ہِندی کیٚیا تانٛ زِسپھُو حساب نارانٕ بٕکُس تانٛ ژٲو تٔمی سٕنٛدِس کمرٕس مَنٛزٕ۔ یہِ اوس شہزادٕ آندرے۔

"اووہ۔ ژٕ چھکھٕ؟" پیٖیرے یَیِ وَوٕن تٔمی اندازٕ بیٖیہٕ تلہٕ تٔمی سٕنٛد اُنٛدری آوٕرٕ تہٕ بیٚہ نِلا آشِن نَنان اوس۔ "ژٕ چھیان چھکھ" یہِ چھُس کام کران۔ تٔمی وَوٕن تَتھٕ بٔہی کیٚہا تٔس کُن تیٚتھٕ کٕنہٕ نظرٕ کُرٕتھ یِتھٕ کٕنہٕ ناخوش اِنسان پنٕنہِ کامہِ ژھیان چھُہ۔ اَتھ نظرِ مَنٛزٕ چھیٚیہٕ زِندگی ہِنٛدٕ ناخوشگوار حالہٕ مَنٛزٕ ژٕلہٕ ہِنٛز خاہِش آسان۔

شہزادٕ آندرے یَس آو تہٕ اُمی سٕنٛد غمہٕ ہُوٚت یِتھٕ بوزنے۔ سُہ رُوٚد پیٖیرے یَس ہٕرٕو تھٕٹھٕ کِنہٕ تٔمی تِتھٕ تُیِس شولہٕ وُن، وٕوہ یِمہٕ آمُت تہٕ نوِ زِندگی سٕتی پٮ۪رٕتھ اوس، تہٕ خوشبار دِلہٕ چھِہ ہم ہٮ۪تھی سان کوٚرٕتس دُٹھٕ کھُچار۔

"ادساد وسنا،" تٔمی وَوٕن "مٮ۪ے ہیٚیرٕ وٕمے ژٕ یٮ۪ے راتھ وٕنٕن تہٕ ووٕنٛ آسے اَز وَنٕنہٕ۔ مٮ۪ے چھیٚنہٕ اَز تانٛ یٮ۪تھ اِیحاس زانٕنہٕ گوٚمُت۔ مٮ۪ے چھُہ عشق گوٚمُت۔"

پیٖیرے یَن تٕرٕوو یکدم اکھ زیوٚٹھ وٕوشِش تہٕ وٕتِن یِنٕ گوٚب پان شہزادٕ آندرے یَس سٕتی سوفس بیٖہِتھ دٲریتھ۔

"روستوفہٕ ہِنٛزِ نتاشِہ سٕتی ہا؟" تٔمی وَوٕنس۔

"آن آن۔ بیٚیہِ کٕس ہیٚکہِ ہے آسِتھ۔ مٮ۪ے آسہٕ تہٕ یژھ کنھہٕ بیٚیہانے مگر اَز چھُم تیٚخ پایٕمٕٹھی سٕتی گوٚمُت۔ راتھ آسہٕ مٮ۪ے کٕنھِ

گژھان، تہٕ یہٕ اوسُس عذابس مگر تتھ عذابس بدلہٕ کرٕہا نہٕ یہٕ دُنیُچ کانٛہہ دولتھ قبوٗل۔ اَز تانی چھیہٕ میٚے زندگی سرٕ مژرے تہٕ ووٚنی ہیٚکہ نہٕ بہٕ تس ورٲے زِندٕ روٗزِتھ۔ مگر سو ہیٚکیا میٚے سیتی عشق کٔرِتھ

..... یہٕ چھُس ناممکن وارِیاہ زٔبٕٹھ..... ژٕ کوٚنہٕ کتھ کران۔"

"یہٕ؟ یہٕ؟ میٚے کیا ووٚ نمے ژٕ ٹے؟" پیپرے ییٚن ووٚن سو کھۄ سو کھۄ تھوٚد ڈُکھنتھ تہٕ لوٚگ اوٚرٕ یوٚر کمرس چکرٕ دِنہٕ۔ "میٚے اوس ہمیشہٕ یی خیال.... سو ناز لیٚو خزانہٕ.... تَرِژ ھکوٚرِ چھیٚے سبٕٹھ ہے کُہم آسان.... میٚانہِ دوستہٕ یہٕ چھیٚے زارٕ پارٕ کران زیادٕ گاٹٕہ جبار مہ ورتاو۔ شکھ مہ کر۔ نیٚنہِ کرٕ نیٚبتھ..... میٚے چھُ یقین ژٕ روزکھ نیٚبوٗ تا حوشش یوٚنا یہٕ اَز تانی کانٛہہ تہٕ اوسُمت چھُ۔"

"مگر سو؟"

"سو چھیٚے ژٕ ٹے سیتی عشق کران۔"

"بکواس مہ کر....." شہزادٕ آندرے ییٚن ووٚن اَسہٕ وِنہٕ نیٚبتھِ تہٕ تراوِن پیپرے ییٚس کُن نظر۔

"سو چھیٚے ژٕ ٹے سیتی عشق کران، سیٚے چھیٚے خبر۔" پیپرے ییٚن وِژ ژُکھ سان کٔڑ کھ۔

"نہٕ، یوٚرک بوز۔" شہزادٕ آندرے ییٚن ووٚن تِمس نَرِ کٔھتھ کٔرِتھ تہٕ ٹھہرٲوِتھ۔" ژٕ ٹے چھیہٕ خبر میٚے کیا حال چھُ گوٚمُت؟ میٚے چھُ یہٕ کانٛسہِ یاوُن ضروٗری۔"

"ادسا۔ ادسا۔ ونان گژھ۔ یہٕ چھُس خوشش۔" پیپرے ییٚن ووٚن تہٕ تِمو سُند بُتھ بدلیوو۔ تِمو سنٛدِ ڈیکہٕ پیٹھٕ گٔیہٕ دزٕ غاب

تہٕ سہٕ لوٗگ خوش خوشال شہزادٕ آندرے سٕنٛزٕ کتھہٕ بوزنہٕ۔ سہٕ اوس باسان تہِ تہٕ اوس تہٕ بلکل بدلیومُت نوٚو انسان۔ تٔمِس بیوٚسہٕ دِمٲغی ٹھکاوٹھ، زندگی سٕتؠ نفرتھ تہٕ سورُے فضول باسُنک خیال اوس سہٕ کوٚرتھ سُنا اوس گوٚمُت۔ سہٕ ہیٚکہٕ ہے صرف پیٖیرے یُس نِش بوس دِنؠ تہٕ تٔمِس بوو تٔمۍ تہٕ سورُے یہ تٔمِس وِلِس منٛز اوس۔ تٔمۍ بٔناوی فورن بیٚیہٕ والین دوٗر دوٗر وہ ہَن کِتھ مصفوٗبہٕ۔ دوٚیُن بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ مٲلی سٕندِ یو وِہو خاطرٕ پنٕنؠ خوشی چھپہِ دِتھ تہٕ ہیٚتیہٕ کوٚرُن ایلان زِ یانہٕ کرن ہہٕ سول بہٕ رِشتہٕ مانش بیٹھ مجبوٗر نتہٕ منباوٕ نہٕ سہٕ۔ سہٕ اوس اَتھ زور دار ایٚحساسس بیٹھ راوان یُس تٔمِس وَلنہٕ اوس آمُت۔ کیاتانۍ بدیے، اگیے تہٕ تٔمۍ سٕندِ وۄجوٗدٕ نِشہٕ بیؠوٚن۔

" سہٕ اگر کانٛہہ وَنہٕ ہے بہٕ مانہٕ ہانہٕ ہرگز نہٕ زِ سہٕ کیاگژھ ہیہِ ہیٚتھہٕ کُنہٕ عشق۔" شہزادٕ آندرے اوس ونان " یہ چھُ تٔمۍ اوۄحساسو نِشہِ بیؠوٚن ہیم سہٕ اَز تانۍ آسی۔ میانہٕ خاطرٕ چھپہٕ دُنی یا ہُس نہٕ چھِلہٕ گنٛمژٕ۔ اکہٕ سوٗ تہٕ تتہٕ چھپہٕ خوشی، وہ مید تہٕ گاش دوٚیم ہیٚنتہٕ تہٕ سوہ چھپہٕ تہٕ تتہٕ چھپہٕ ظفلنا وہ میدی تہٕ انہٕ گوٹ......"

" انہٕ گوٹ تہٕ غم۔" پیٖیرے ییٚن ووٚن یوٚہ۔ " ٹھیکھ، ٹھیکھ یہ چھُ سہٕ فِکرِ تران۔"

" یہ چھُس مجبوٗر زِ بہٕ کہہ گاشس سٕتؠ عشق۔ تتھ منز چھِنہٕ میٚون خطاکینہٕ۔ بہٕ چھُس سیٹھا خوش۔ ژےٚ چھپہٕ مُیون تران فِکرِ۔ سہٕ چھپہٕ خبر تہٕ تہٕ چھکھ بیانہٕ خاطرٕ خوش۔"

پوٚرٕ چھیہٕ۔ بے شکھ۔" پیٖیرے ییٚن کوٚر آنکار۔ سہٕ اوس

پتہٕ تس دوستس مایہِ ہٕرِنہٕ غمگین اُچھو ژھپان۔ ییٚلہٕ تس شہزادہٕ آندرے سٕنٛز تصویر نشولانہٕ آس باسان تیٚلہٕ آس تس پٔننیٚ تصویر گٹہٕ باسان ۔

# ۲۳

نیٚنژ کرنہٕ خاطرٕ آس ٲلی سٕنٛز رضامندی حاصل کرٕنۍ تہٕ یہِ رضامندی حاصل کرنہٕ وٲژ شہزادہٕ آندرے مأرِس سمکھنہٕ۔

ٲلۍ لوٚنۍ نیٚچوی سٕنٛد کلامہٕ پتہٕ گٔیہِ اطمینانہٕ سان مگر اُندرۍ اوس تس نیٚنۍ شرارتھ۔ تمِس اوس نہٕ فکرۍ تران زِ وۄنۍ ییٚلہِ ییٚتۍ آیہِ زندگی اندٕ وانیٚنۍ چیٚن ہیٚنٛز مژ کاتہٕ کیٛاز چھُ اَتھ منٛز کیٚنہہ تبدیلی کرٕنۍ۔ با کاتہٕ نوٚو چیز اَتھ منٛز داخل کرنۍ یژھان سہٕ اوس بابہٕ سٕنٛدۍ وَنان" مے دِیۍ تَن پننہِ مرضی پٔننیٚ وۄنۍ کُٹھہٕ تہٕ پتہٕ یہِ خوش کرٕ تہٕ کٔرِ تِتھ۔ مگر نیٚچوس سٕنٛز وَرتاو تمی سٕنٛدِ سیاستھ بوسہ سہٕ مشکل حالاتن منٛز بابہٕ ناوان اوس۔ آواز قرارٕ رٔٹتھ ہیٚنٛز تمۍ اَتھ سٲری پیٚٹھ سوالس وبنز ھنیتھ سام۔

اول اوس نہٕ یہِ رشتہٕ خاندان، دولتہٕ تہٕ بڑنہٕ کہِ عابہٕ کیٛتھٕ۔ دۆیم شہزادہٕ آندرے اوس نہٕ کھسہِ وینہِ یاونہٕ۔ سہٕ اوس صحتہٕ کنۍ نوٚژ کھ (اَتھ نوکٔس ییٚتھ دُیت مُرۍ وُیادٕ مۍ شہزادن زیادٕ زوٗر) کوٗر آس سیٹھا جوان۔ ترٛیٚیم اوسی تمۍ سٕنٛد نیٚچوٕ ٔسۍ اکِس لوچہ کورِ کُتشراون افسوسس لایق اوس۔ "ژوٗرِم تہٕ آخری" ٲلی

وٚوّن نیپچوسِس کٕن طنٛزٕ سان نظر ترٛاوِتھ "چھیٚنہٕ بہٕ کیٚنہہ زِ یہ چھیٚپھیہ زارٕ پارٕ کرٛان زِ اکھ دِیہٕ ژٕ ڈُرِ یس پیتھ۔ تارٕ گژھہ یییٚہ تہٕ ژٕ گژھ ھکھ نتہٕ ٹھیکھ۔ شہزادٕ نِکولائس کیٚتھ اَنُن یَپنہٕ مرضی کانہہ حبہ مٕنٛز وتہ سٕناو۔ تمِ ییٚتہٕ اگر چوٚن محبتھ، چوٚن ہا وسِ، چوٚن ژٕ ٹھیٚنہٕ یِن بوٚتاہ مضبوط چھُہ، نتیلہِ کرٛ شیتھرٕ۔ یہ چھُ اکھ مسلس بیٹھ میٚثون ییٚنِنٛہٕم لفظ۔ بوزتھ ——— ییٚنِنٛہٕم ...." مرٛی دِیاہ می شہزادن ہوٚ کلوو یِنٛہی بیانہٕ۔ تمی سٕندِ کلامہٕ کہ آبہٕ تلہٕ اوس باسان زِ تمی سٕند فاصلہٕ ہیکہٕ نہٕ کُنہِ ستنی تہٕ بدلتھ۔

شہزادٕ آندرے یَس توٚر فِکرِ زِ میاَنِس مالی ہٕندی کنہِ یا تہٕ کھیٚپہٕ اَسہِ دوٚ یو منٛزٕ اکھا ڈُری ہہ شہد شیٚھے۔ یا گژھہِ یینٛس کاَس منٛز سہ پانہٕ ییٚتہِ عالمہٕ۔ تمی کوٚر فاصلہٕ زِ بہٕ مانہٕ اُمی سٕنٛزرا کنہہ گنڈٕ نہٕ شیٚتھرٕ ترٛاوِ دوٚ ییمِس ڈُرِ یس بیٹھ۔

روستوفن ستنی ملاقات گژھنہٕ پتہٕ ترٕٛ ہیٚتہِ ہفتہٕ آو شہزادٕ آندرے پیٹرزبرگ واپس۔

نتاشٕن یئیمہِ راژِ ماجہِ ستنی کتھ بانتھ کرے بہٕ تمہِ پگاہ روٗز سوٚ شہزادٕ آندرے یَس پہٕارنہِ۔ مگر سُہ آو نہٕ کیٚنٛہہ۔ بیٚتھے کُنہِ دوٚیمہِ دوہہ نہٕ بیٚتھے کُنہِ ترٕٛ ہیٚتمہِ دوہہ۔ پہرے تہٕ روٗد دوٗرے۔ نتاشِس آس نہٕ خبرے زِ شہزادٕ آندرے چھُ مائس پیٚژھنہِ گومٕت۔ امہِ کنہِ نوٗرنہٕ تس فِکری زِ تمی سٕندیس ہنہ ہیٚتس کیا مانے کڈٕ۔

امی حالہٕ گے ترٕٛ سے ہفتہٕ۔ نتاشہٕ دراپہٕ نہٕ گُژھنہٕ۔ سوٚ روٗز گرٛے منٛز ژھایہِ گِنٛنی گرٛان، بےٚ کارنہٕ بےٚ قرار۔ راژن آس ژٕوٚرِ ژٕوٚرِ وداں تہٕ کالہٕ حِین آس نہٕ ماجہِ نِش تہٕ گژھان کینٛہہ۔ تمِس آسی

اٰسی پھِری پھِری گمہٕ پھٹان تہٕ سوٚ آس مِزازٕ تیز ییژھ۔ تِمِس اوس باسان میٲنی ناوہٕ سیدی چھِ ہیٚژکھ کاتُسہِ فِکرِ ترانَ تہٕ ییہٕ چھُ ہیٚے بیسِٹھ اَسان تہٕ افسوس کرَان۔ اَندرٕ ژھُم چھِپو کھ اوس زورا وادہ آسی تھٕے۔ تِمی سٕندِس نازَس نیٚس چھِپو کھ اوس لوگمُت تیٖچ وٕگ آس زیادٕ ہنٛز۔

اکہِ دوہ ہیٚہ ژرابہِ سوٚ کنٛوژسہِ نِش۔ کیٛاتانۍ ہیوٚ تِنش وُنُن تہٕ سوٚ کھوٚ آس دورابہِ اوٚش وٕسِنہٕ۔ ہیٚرٕ اوٚش اوس تِمِس شُری سٕنٛد اوٚش ییٚمِس تہٕ خبرے آسہِ ہیٚے کتھ بیٚٹھ چھُ سزا میلان۔ کنٛوژسہِ گرٕ نتاشہَس تسلی دِنٕچ کوٗشِش۔ گوڈٕ گوڈٕ سٕفو تِمی ماجہِ ہشنٛزٕ کتھن کَن تہٕ بیتہٕ وُژھ مٕنٛزری:

"ہمی۔ بس۔ بیٚہ نہٕ چھَس تِمی سٕنٛد سوٗنچان نہٕ نہٕ چھُس تِمی سٕنٛد سوٗنچُن یژھان۔ سُہ کیٛازِ آو نہٕ بیتہٕ، کیٛازِ نژووُن بٕن۔ تیٛازِ نژووُن یُن . . . . ." تِمی ہشنٛزِ آوازِ آس ٹھکرٕ ٹھکرٕ۔ سوٚ آس چینٛخ دِنَس تیار۔ مگر جلدِے کوٚرُن پانَس تہٕ قٲبو تہٕ گیہ لوٗتی ؤنان:

"وہٕ نۍ چھَس نہٕ بیٚہ ہرگز تہِ تٔمِس یژھان کرُن۔ بیٚہ چھَس تِمِس کھوژان۔ مےٚ چھُ وہٕ نۍ بہِ سوٗرُے مٕشرووُمُت . . . . ."

امہِ دربارٕ بیتہٕ دوٚیمہِ دوہ ہیٚہ لوٗگ نتاشہِن سُہ پوٚشاکھ یُس تمہِ واریاہس لٹہِ صبحٲے صبحٲے لوٗگمُت اوس تہٕ اتھٕ سٕنٛز اوس تِمِس سُہ اَشِن تہٕ گیندُن یاد پیوان یُس تمہِ بہِ لاگِتھ وِزِ وِزِ کوٚرمُت اوس۔ تسلہِ پیٹھے ہیٚیر تمہِ زندگی ہنٛز سوٚ نژاے گراے یژاونۍ یوسہٕ تمہِ ڈانس مجلسہِ پیٹھٕ مٕنٛز آوٕ ژٲے اسٕس۔ صُبحٕچ چاے چیٚتھے ژابہِ سوٚ بُڈِس رووقس مٕنٛز نہٕ اَتھ بٕنِنہٕ گیوٚ پنٕنٛج مشٕق کرنہٕ۔

بہٕ رٕوٗز اوس تٔمِس امہِ کِنۍ پسند زِ یتہٕ آسہِ آواز اکھ خاص آبہٕ گرٕ بزان ۔ بیٚبلہِ تمہِ گوڈ پیٚنچ مشق سۭتۍ کلاؤ ۔ سُہ رٕوٗز کمرس منٛز باگ وٕ وُنۍ تہٕ گیوٗڈن بیٚبیہِ اکھ میضر تٔس زیادے بہن خوشش اوسُس کران ۔ سُہ گیوٗن لٔہرن ہُشد وٕ وٕنُن ، سُہ کمرٕ آورُن تہٕ بیتہٕ ہنہٕ ہنہٕ سۭتۍ کلُن وُچھان تہٕ تہٕ بیٚھوالان ، زنن بہٕ تمۍ سٕنٛدِ خاطرٕ کانٛہہ نوٚو چیز اوس ۔ یکدم گیبہٕ سُہ نیٚنح خوشش ۔ " وٕ وُنۍ کیا چھُ اکھ بیٚہٕ سو نیٚچھنے ۔ بیٚتھہٕ یاٹھو تہٕ چھہٕ سوٗرے رُت ۔" سُہ آسہِ یاوٕ پانس سٕتۍ وَنان ۔ تہٕ کمرس انٛدہٕ بیٚہٕ انٛدس تانۍ گٔژھ دِوان ۔ سُہ آسہ تہٕ وزن وٲلِس بچہٕ فرشس بیٚہٕ سیوٗدٕے کھور ترٛاوان ۔ سُہ آسہ ییٚتہٕ قدمس بیٚہٕ کھورٕ بیٚہٕ ٹینٛڈہن تانۍ کھور ترٛاوان ( تمِس اوس نوٚو کھورٕ یاہ لاگیمُت تٔس تمِس خوشش کران اوس ) تہٕ کھورٕ ہیٚنٛدِس ٹھک ٹھکس تہٕ ٹینٛڈہن ہیٚنٛدِس کرٕ کرس کن دِوان ۔ اکھ اوس تمِس تِمے مزٕ یِوان تٔس تمِس اوٗتانۍ بیٚنہٕ آواز آیوو ۔ آیہٕ کینہ یکان تہٕ اوٗ تمیر اکھ کُن نہٕ نظرا ۔ تمۍ سٕنٛدِ بتیچ باوتھ آسہ یٔژ پان وُچھتھ تہٕ نیٚتہٕ وَنان ۔ " آں ۔ بہٕ چھُس بہٕ ۔ اِدٕ زبرٕ تہٕ چھُس ، ہیٚتے چھہٕ سگانٛسہِ ہنٛز ضرور ژور تھ ۔"

اکھ نوکرٕ ماٹرٕ ہے اور کانٛہہ چیز کڈنہٕ مگر بیٚعو آسہ تہٕ کانٛسی اَتھٕ نہٕ دِوان ۔ تمہِ کوٗر دروازٕ بنٛد تہٕ کٔرِن کمرس منٛز بیٚنی گٔژھ شوٗرٕ ۔

امہِ دٕو ہہٕ آسہ سُہ بیٚبیہِ یانٕے پانس سٕتۍ عشق کرنہٕ تہٕ بانۍ پانس بیٚہٕ وٕ وٕ سرٕ بیٚنٕ لیچ ہٕشرٕ ۔ " بہٕ ثناسہٕ کانٛزا ماری منٛز چھیٚے ۔" تمہِ گرٕ پانس تاریف بیٚنہٕ کٔنۍ کانٛہہ تہٕ مردٕ وٕنہٕ ہیے ۔

" لوٚ بہٕ وُنۍ ، ہیٚٹہٕ رٕ بیچ تہٕ کھیہٕ وٕ نہٕ یاوہٕ ۔ بہٕ چھہٕ سگانٛسہِ

ٹھرِ اُمس دِی نوٚوت پاٚٹھ روزِنہٕ" مگر کوتاہ نظر کونہٕ ییہِ ہے سوٗ ووٚنِ
الگ نژاونہٕ۔ تٔمی سٕندِ خاطرٕ اوس نہٕ قرارٕ سان بیہُن مُمکنے۔ یہِ نوٗر تٔمِس
یکدم خکیہٕ۔

ووٚنٹھِ مٔنزٕ آو۔ روٗ تک دَرواژٕ مُژراونہٕ۔ کُس تاکی اوس بیٛہٕ ژھان
"گری چھاہٕ" تہٕ قدمن ہٕنز آوازٕ آس یوان۔ نناشہٕ آس اَنس مٔنزٕ یان
وُچھان۔ مگر تٔمِ وُچھ نہٕ یان۔ تٔمِ بوٗزٕ ووٚنٹھِ مٔنزٕ آوازٕ۔ بیٚیہِ تٔمہِ کٔنیُن،
نُبھ وُچھ سوٗ اَس لیٛڈر بیمرٕ۔ یہِ اوس "سُہ"، بے شکھ اوس سُے۔
کھُلہٕ درواژَس بیٚہٕ بوٗزٕ تٔمہِ یاہٕ تٔمی سٕنز آوازٕ۔

لیٛڈر بیمرٕ نہٕ تھا نھر بیمرٕ نناشہٕ ژایہِ وُچھ بیٚٹھکِ مٔنزٕ۔

"ممی! شہزادٕ آندرے چھِ آمُت"۔ تٔمہِ وَوٚن "ممی یہِ گیبہٕ جیبی۔
یہِ گو مُشکل..... یہِ چھُس نہٕ یَژھان..... عذابس لگنی۔ یہِ کیاہ کرٕ"
کنٛوٹیسہِ آیہِ نہٕ جواب دِنس فُرصتھے تہٕ کیاژِ تٔمہِ برٕو تھٕکے ژاو شہزادٕ
آندرے بیٚٹھکِ مٔنزٕ۔ سُہ اوس نُبھِ پریشان تہٕ گوٚ بِتہٕ ہیوٚہ۔ یِتھے تٔمی
نناشہِ وُچھ تٔمی سٕنْد نُبھ لوٗگ خوٗشی سٕتی شولہٕ مارنہٕ۔ تٔمی کٔرٕ کنٛوٹیسہِ تہٕ
نناشَس اَتھَن مِیٹھٕ تہٕ بیوٚ ٹھاٚژِنے سوفَس بیٚہٕ۔

"نتہٕ گو تیٛژ کال بیٛنہٕ اسہِ یہِ خوٗشی حاصِل سپید سے یہِ زِ..."
کنٛوٹیسہِ تُجے یہِ کتھ مگر شہزادٕ آندرے یَن ژُٹ تٔمی سٕنز کتھ تہٕ دِتُن
یورے تتہٕ کتھِ جواب یہِ سوٗ اوسہٕ یِژھِ ہے۔ باسان اوس سُہ
چھُ حَل حَل تہٕ وُنِتھ ژھُنُن یژھان یہِ تٔمِس وَنُن اوس۔

"یہِ آس نہٕ تو ہرِ نِش ییتِس کانسِ نہٕ کیاژِ یہِ اوسُس مآلیس نِش
گوٚمُت۔ تٔمِس سٕتی اوس مے اکھ ضوٗروٗری مشوٗرٕ کرُن۔ یہِ آس راتھے

واپس؟" تمہ وون تراوتھ نتاشس کُن نظر تہٕ ژھٕ کھنجہ زھو یہٕ کرِتھ وون۔ "کتھو ٹس! مےٚ آس ژٕ سےٚ ستی کتھ کرِنۍ"

کتھو ٹسہٕ ترٛاو اچھ بون کُن تہٕ نرٛ ووٚن ووشش۔

"بہٕ چھس حاضر" تمہ ووٚن تہ ورےٚ۔

نتاشس آس خبر مےٚ ہنزہ ہیرُن۔ مگر سو آس تہٕ ہکان وُنھی تھے۔ تس اوس باسان کیاتانی یو ہوےٚ ہٕٹی گنڈ ہیوٚ۔ تہٕ تھہندٕ بیچ فکر ترٛاوتھ ترٛاو نمہ کھل اچھو سیدٕ سیوٚد شہزادہ آندرےہ سندس بُتھس کُن نظر۔

"ووٚنی... ییٚمی وزِ... نہ تہٕ ہیکہ تہٕ سنتھ" سو آس سوچان۔ تُمہ ذتِ ییٚمہ تمِس کُن نظر۔ تہٕ تمہ نظرِ ترٛو نتاشس فکرِ زِ سو چھےٚ غلط سوچان۔ اوٚ، امی وِزِ اوس تُمہ سندِ نفذ پرک خاطر سبدٕن وول۔

"نتاشا! شیرزٕ تانی یہ کرےٚ یتہ آکو؟"

نتاشِن ترٛاو کھوژِ مٔرِ تہٕ آرٕ کرتھ دِیتمو شہزادہ آندرےس تہٕ ماجہ کُن نظر تہٕ دراہ۔

"شہزادہ آندرے بہٕ چھس ژٕ سےٚ کورِ مانگیہٕ آمُت۔" شہزادہ آندرے ین ووٚن۔

کتھو ٹسہٕ گو تتھ ووٚل نار ہیوٚ مگر ووٚنن تہٕ کینٛہہ۔

"چھون رِشتہٕ منگُن... " آخرکار لیج کتھو ٹس قرارٕ سان ونٛنہ سہٕ رُو زھو یہٕ دم کرِتھ امِس بُتھہ بُتھہ وُچھان "چھون رِشتہٕ منگُن چھیہٕ ... ... باشبرِ منز کوٚر تمہ ییٚمہ ہراس ... ...

"چھُ اسہِ قوٗبوٗل تہٕ بہٕ چھس بہِ مانان۔ بہٕ چھس اَتھ بیٚہ خوش۔ میٚون خانہٕ دار تہٕ.... ہیٚے چھیٚے تی وَنان سید... مگر اَصلی چھُ بہِ کورِ پانہٕ ہیے تانی....."

"بیبلہِ ہیٚے چھوٗن اجازت آسہِ بہٕ بہٕ ژھہٕ تِمس پانے، چھپاتیلہِ ہیٚے اجازت۔" شہزادٕ آندرے یَن وَوٚن۔

"آ"، کتشوٹسہِ دِیُت جواب تہٕ بیبلہِ شہ اُمس اتھس میوٹھ کَرَنہٕ خاطرٕ تمیٚو اَمہِ دورٕ نَس دِیہ ہندی تہٕ مایہٕ ہندی رٔلہٕ بلہٕ جذبہٕ ہیتھ ڈیکہٕ۔ سُہ آس تَس نیٚچِوِ سندی پاٹھۍ ٹوٹھ یَرِ ژھان تھاوِنی مگر پاسان اوس نَس ہیٚے کیٚنہ چھُ بہٕ وِہ پرہ تہٕ بہٕ چھس اُمس کھوژان۔

"مےٚ چھیٚے پَتہٕ میٚون خانہٕ دار مانہٕ مگر چھوٗن مول....."

"ہیٚے چھِ بٔنِنۍ معصوٗم بہٕ مأرِس ژٔنی ہیٚتِو۔ تِمو چھُ اَکھ شرط تھووُت تہٕ بٔنِنۍ گژھہِ تہٕ اَکِس وری لِیس سیدٕ ن۔ تہٕ تہٕ اوسُم ژھ سیٚتے وَنُن۔"

"بہِ چھُ پوٚز زِ تماشہِ چھیٚے سیٹھا لوکٹ مگر... تنیوٗ تا دَر ر" "اَتھ چلیٚوم تہٕ کیٚنہٕ۔" شہزادٕ آندرے یَن وَوٚن ووشن ترٛاوِتھ۔

"بہٕ سوزنے سو پوٚری۔" کتشوٹسہ وَوٚن تہٕ دراہِ تیبر۔

"خُدایہ اَسہِ بیٚٹھ کرٕ رحم، سُہ آس کورِ ژھانڈان ژھانڈان پھیری پھیری دُعا مَنگان۔

سونیایہِ وَوٚن تِمس تماشہِ چھیٚے شوٗ نگَن گژھِ۔ سُہ آس لُبدرِ توٗمت ہتھ تہٕ ہیٚو چھِہ مٔژ چھِکُرِتھ پلنگس بیٚٹھ بِہِتھ۔ سُہ آس پاک تصویرس کُن نَدَے گنٛڈِتھ تہٕ کیٚا تانی ووٚتھِ پھیرانے کران، سونچ وُچھِتھ تِنجِن وِہ کھٹِ تہٕ آبہِ تِمس نِشہِ۔

"کیاہ؟ ممی... کیاہ؟"

"گژھ۔ گژھس۔ تِمو دور ہیٚتے چانہٕ پٔتھ ھُر۔" کٔتھ ہٹیتھ ووٚن نتاشس تہٕ نتاشس باسیوو سرٕ دپاہ ٹھوونہٕ... "اہن ساگژھ۔" ماجہ ووٚن وُکھو تلی غمہٕ ہوٚت تہٕ دیہہ ہوٚت دوشش نترآوِکھ تہٕ تمہٕ سپنزِ کورِ بنیہ دو۔

نتاشہٕ ہیٚکہٕ ہیے نہٕ ژٕنی یِھتے زِ سو کیٚنھ گٔژھ واتھ ہیٚھکہٕ مُنتر۔ تیٚمِنیٚ ستی دروازٕ ژایہٕ تہٕ سہ کوٚڈُن نظرِ سو گیٚیہٕ رٔوزِتھ۔ "یہ چھا مُمکِن زِ یہ دویہٕ سنٛجزٕ چھیٚ ووٚنی میتون سورِ ے کیٚنہٕ ہنیوِمُت۔" تمہٕ پرُژھ پانہٕ ہیے تہٕ فورن دِتُن پانے جواب۔ "یہ چھیٚ وٕنی کٔنی میثانہٕ واتیجہٕ نیوو تانز دیکھ لیوٚت تہٕ ڈُنی باہک ہیتیہِ کانہہ چیز نہٕ۔" شہزادٕ آندرے پۄ کٲک اُمِس کُن اچھ بوٚن کُن نترآوِتھ۔

"ہیٚتے چھیہٕ گو ڈٔنیجی نظرِ ژٕ ہیٚتے ستی عشق گومُت۔ یہ تھاوٕ ووعید ...؟" تمو تیجہ اُمِس کُن اچھ تہٕ اُمی سٕندِ بُنھیج ومدارِ تہٕ سرٕ دباوِتھ گیس شٔنِتھ۔ تمو سٕند بُتھ اوس زٕن وَنان "یہ ژھان کیاز؟ چھکھہٕ کیاز چھکھ تتھ شکھ کرِان یہ ژٕ ہیٚتے صنوٚرُن خبر آسی۔ کتھ کٔرہ پنچ صنوٚرُن تھیے کیا چھیے یٔلہ زٕن تعطلن دِلہٕ کین انیجاسن زِلو دِنگ طاقتھے چھیہٕ۔"

سو آیہٕ تِمس نزدیکھ پٕہن تہٕ کھُرے یہِ۔ تمو روٚٹ اُمی سٕند اَتھ تہٕ کٔرُن تس سعو دٕ۔

"ژٕ ہیٚتے چھیہٕ میثون محبتھ؟"

"آں، آں" نتاشن ووٚنُن۔ تمہٕ ہیوٚت دوہ یہ لیٹِ زیو کھ قلہ۔ تمو سٕند شاہ لوگ تیز یہٕ تہٕ ہیتیو نس ودُن ہِکی لگنہٕ۔

"یہِ کیاہ ڈلیل، یہِ کیاہ ڈلیل چھےٚ؟"

"اوہ۔ بہٕ چھس تیتراخوش،" تمہِ دیُت جواب تہٕ اَتھہِ منتری کوٗرِن دُکھہٕ کُھجار۔ سہٕ آیہِ اُمِس نزدیکھ تہٕ تمیہِ یہِ۔ زِہس کھنڈ دیُس کوٗرُن سونچ زنتہٕ سونچان آسہٕ زِ انی چھایہِ پوٗنزِ یہ تہٕ کرُنس اکھس سوٗنی۔

شہزادہٕ آندرے یَن کرُنس اکھس تھَپہِ تہٕ اُچھَن کُن کرُنس نظرا تمس آدتہٕ بیہٕ تِس دیِس منترا مو پٕشدِ بڑو شٹھو مہِ عشقک اکھ ذرہ تہِ لبنہٕ۔ باسان اوس امِس آیہِ رِؤحس منتر ہشگہٕ تہٕ ہشگہٕ کیاہ تاڈ تبدیلی۔ اَکھہٕ منترِ اوس تہٕ ڈھونڈک سہٕ شاعرانہٕ تہٕ سرِساوی حود گنی۔ تمہِ بدلہٕ اوس تتہِ اُمی پٕشترن سیاہ سرتہٕ موسوم کمزوری یَن بیٹھہِ رحمک جذبہٕ، اُمی پٕشترِ تابیداری تہٕ وفاداری بیٹھہِ خونک جذبہٕ، تہٕ فرض اداکرُنک تکلیف دِہٕ دول مگر میوٗ ٹھا ایحساس تہٕ بیِچے جیزِ آسی تمَن اکھ اُکس سیتہٕ گنڈان۔ زیادٕ گوٗب تہٕ سرِ ڈن اوس اصلی ایحساس یوٗدوے سہٕ بڑو شٹھیم یوت غوشنوٗن تہٕ شاعرانہٕ اوس نہٕ۔

"میٚ وڈیہٕ نیہِ زِ یُٚس اُکس وری یَس ہیکہِ تہٕ سیدِکتہ،" شہزادہٕ آندرے یَن ووٚن۔ سہٕ اوس وُنیہِ تہِ اُمی پٕشترن اُچھَن مُدے گنڈِتھ۔

"بہِ چھیا ہےٚ۔ ہیچ (نی آسی نا میٚے ساری ونان)؟" نتاشہٕ آس سونچان۔ تتہِ چھیا ہیٚمی دمہٕ بیٹھہٕ یہِ آسِشنو، بیٹہِ تہٕ بیٚمِس غار زان، لویہٕ ونِس گاٹلِس مرد پٕشتر بیٚمِس میٚون مول تہِ قدر کران چھُ۔ بہِ چھا تیٚلِہ پوٗنزِ ہے۔ بہِ چھا تیٚلِہ پوٗنزِ زِ ووٚنی گو زندگی پٕیتھ گنڈِکن بند۔ تہٕ ووٚنی چھس بہٕ پالنچ۔ تہٕ ووٚنی چھےٚ میٚانہِ بٕتہ کنھہِ تہٕ بتھ حرکتہٕ بیٹھہٕ میٚے پیٹھہٕ کیٚہتہٕ ذمہٕ واری؟ اوہ! اُمہِ کیاہ پرزھ میٚے؟"

"نہ" تمہِ وۄن مگر تمِس اوس نہٕ تمہِ سُنٛد سوال فکری تور مُت۔

"میٚے گژھہِ مٲفی دِنۍ۔" شہزادہٕ آندرے یِن وۄن "مگر ژٕ چھکھ بیتراوۆنچ نہٕ میٚے چھُ زندگی ہُنٛد یُتا تجربہٕ۔ بہٕ چھُس چانہٕ پٔتھ گژھان۔ ژیٚے چھےٚ نہٕ پننہِ پانٕچ زان۔" نتاشہٕ رُوز دِلہٕ کنٛو کنٛو لوزان یِمہٕ زَن تَس آسہِ سنٛدین لفظن ہُنٛد مانے فکرِ نہٕ یے۔ مگر ہم لفظ تمہٕ نہٕ تمِس تکرہ۔

"بہٕ ؤری ییٚنہِ میٚے سیٹھا کٔٹھ یُو کٹہ۔ پننہٕ خوشی یُتا دوٗرہٕ راوِنۍ" شہزادہٕ آندرے گوو وَنان "تمِس کانٛہ آسی ژیٚے پانَس بیٹھ زیادٕ بروسہٕ پاد گومُت۔ بہٕ چھُسَے ژیٚے منگان زِ ؤری یَس تانی بنکھ ژٕ میٚے زندگی ہُنٛز خوشی۔ مگر ژٕ چھکھ آزاد۔ اَسی تھاوو یہِ گنٛڈتھ رازٕ ے۔ تہٕ اگر ژیٚے فکرِ تری ژیٚے چھُے نہٕ میٚیون محبتھ یا اگر ژیٚے گژھی محبتھ ...." شہزادہٕ آندرے یِن وۄن زورے وُتھہٕ کمجار کرِتھ۔

"بہٕ کیاز چھکھ ژٕ ونان؟" نتاشہٕ ژٹہ اُمی سنٛز کتھ۔ "ژیٚے چھُے خبر زِ یلہِ ژٕ اونراوۆنہٕ میٚے گوڈنچہِ لٹہِ وُچھکھ۔ تتی گو میٚے چون محبتھ۔" تمہِ وۄن۔ سو اُس پوختہٕ بیٚہنا وان زِ یہِ چھُس پوٚز وَنان۔

"ؤری یَس تانٛی ہیٚکھ ژٕ پننٕ پان زیادٕ جان پاٹھی پرزنٲوِتھ ....."

"اکھ ؤ۔ ؤ۔ ؤرہٕ ؤری" نتاشہِ ؤژ کٔڑکھ۔ تَس اوس وۄنی فکرِ تور مُت زِ اُمی سنٛد مطلب چھُ نہٕ اندر چھُ اکِس ؤری یَس پتہٕ نٔرادُن۔ مگر ؤری کیازِ؟ ....۔ اکھ ؤری کیازِ؟"

شہزادہٕ آندرے لوٚگ اُمِس امہِ زِ بیچھر دِنہٕ کی وجہہ فکرِ تارنہٕ۔

مگر سوہ اُس نہ بوزانے ۔

"اُتھ چھُنا کہیں چارٕ؟" تمہِ پرٛژھ ۔ شہزادٕ آندرےیَن دیُت نہ جواب مگر تمی سِندِ بُتھِ نِش اوس ننان زِ یہِ فٲصلہٕ ڈالُن چھُ ناممکِن ۔

"اوہ ۔ یہِ گو طوفان ۔ یہِ گو طوفان ۔" نتاشہِ وِژ بیٚیہِ کرٕکھ تہٕ ہینٛنہِ نَس بیٚییہِ وٕدن ہیکہِ لگیتھ ۔" یہٕ مرا گرہ میٚے وُری یَس پرٛارُن بیٚییہِ ۔ یہِ چھُ ناممکِن ۔ یہِ گو مُصیبتھ ۔" تمی وُچھ عاشقہٕ سِندِس بُتھِس کُن نظر تہٕ اُتھ بیٚیہہِ پیٚیہِ زنا وُن ہمدردی ہشِر ڈگ تہٕ پریشانی ۔

"نہ ۔ نہ ۔ یہِ کرِ کینٛہہ نہ ۔" تمہِ وٕدُن یکدم بیٚیہِ اوش ہیٚتھ زٕ ژٕٹھن ۔

"یہٕ چھس سیٚٹھاہ خوش ۔"

تمی سِند سوال تہٕ سوچ تاے کرِس مُنزٕ نہ کوٚرکھ ہیٚمن گٮ۪ڈتھ باژَن دوٚن مُبارکھ امیہِ دوٚہہ بیٚیہِ ہیوٚت شہزادٕ آندرےیَن نتاشہِ نِش گٮ۪ڈتی عاشقہٕ سِندی پاٹھی رُدستوفہٕ ہندین گرِ تھن ۔

## ۲۴

رسمی نِشانی آیہِ نہٕ کرنہٕ کینٛہہ تہٕ نہ آیہِ نتاشہِ تہٕ شہزادٕ آندرے سِند گنڈ پیچ شوہرتھ کرنہٕ ۔ شہزادٕ آندرےیَن اوس اُتھ بیٚیہِ سیٚتھ باند باند کوٚرمُت ۔ تمی دوٚپ زِ کھاندرٕ اُکِس وُری یَس پیٚتھ نتاشِ رُنگ ذمہ وار چھُس بہٕ تہٕ امیہِ کنہِ گژھہ امیٚک بار تہٕ بہٕ دیتراوُن ۔ بیٚییہِ دوٚپُن یہِ چھُ پانہٕ نَس لفظَس بیٚیٹھ وُمر بیٚٹھ پابند رو

مگر یہ چھِس نہ پَرٛزٕنان تناشہ گنٛڈِتھ تھاوِنۍ میانہِ طرفہٕ چھیٚے تٔمِس
پوٚرٕ آنادی۔ اگر تٔمِس ستۍ رٔژنٕے نہ باسہِ تٔمِس چھُنہٕ میٚون سترٕ بیٚیہِ تٔمِس
چھُ ہیٚکے نکار کرٕنُک پوٚر پوٚر حق۔ یہ وُنہٕ ہیٚچ چھِنہٕ ضوٗرۍ زِ یہ اوٗس
تناشن کیٚنژھ تہِ سٔپدِن مُمکِن تہٕ نہ تمی سٕندِس مٲلِس ماجہِ کیٚنہہ مگر شہزادٕ
آندرے ین کوٗرٕ یتھٕ طریقہٕ وَنناوُس بیٚٹھ زٕنہٕ سہٕ اوٚس دِۄ نیٚہ رۄشتٕھ
ہُند بیوان مگر تناشنس اوٚس نہ تیتھ کُنہٕ وۄنان بیٚہان بیٚیہِ تمِہ
باسہِ ہیٚے زِ یمن چھُکھ گوٗنڈمُت۔ سہٕ اوٚس اَکِس بیٚیے سٕندۍ پاٹھۍ
یمن ستۍ کتھ کران نہٕ میوٚٹھ اوٚسُس صرف اتھٕ کران۔ گنٛڈِتھ
دۄہہ بیٚٹھ اوٚس شہزادٕ آندرے سُند تہٕ تناشن توٗلُق بدلیوٚمُت۔ نہٕ
سہٕ اوٚس نہ تنِھِ بیٚنہ سُہ گوڈٕ گوڈٕ اوٚس۔ تِہُند توٗلُق اوٚس وۄنۍ
سادٕ نہٕ جانی۔ باسان اوٚس زِ تِم تانۍ تِم اکھ اَکِس زاناتھ آسہٕ۔
دۄ شوٚرے آسہِ یاد پاوان زِ بیٚلہِ آسہِ یاہٕ وٲنۍ کہِنہ واتہٕ ہیٚوٚ نہٕ تیٚلہِ
کیا آسہ اکھ اَکۍ سٕند سونچان۔ دۄہٕ تِہٕ اوٚس یَمٕن یَمٕن پان بلکُل
بدلیوٚمُت باسان۔ تیٚلہِ آسہِ تِم لاگِتھ نزدیٖرِتھ دۄ وۄنۍ آسہِ سادٕ نہٕ
سۄ دِلہٕ۔ گوڈٕ اوٚس شہزادٕ آندرے سٕندۍ کُنہٕ گریس منٛز اکھ
کٔشِنہ تانۍ ہیوٚہ گُزٕ ہُنک ایٚحساس۔ سُہ اوٚس کمہِ تانۍ الگ عالمُک
انسان باسان۔ تناشہ آس وارِیاہس کالس پیٚٹھٕ نِیُن گرٕ یا زٔن شہزادٕ
آندرے سمجاونچ کوٗشِش کران۔ سۄ آس فخرٕ سان اَکۍ سیٚے
اَکۍ ہیٚے وَنان زِ یہ چھُ باسانے بدل کیا تانۍ نہٕ چھُ اَکِس بیٚیے ہیٚے
ہیوٚ۔ دِیان آسکھ یہ چھِس نہٕ اَمِس کھوٗژان تہٕ بیٚیہِ کانشہ نتہٕ گُژھہِ
نہٕ اَمِس کھوٗژن کیٚنہہ دۄہ گژھتھ گیہِ سارے اَمی ہٕندِس بیٚنِس گرٕھنس

حال تہٕ وۄنۍ آسۍ تِم کُنہِ دَباوِ وَر آسے پَننہِ پَننہِ آیہٕ وۄنہٕ خان بیٹھان تہٕ اَتھ مَشترٲوِس سٕتہٕ نہٕ رلہٕ گژھان۔ تِمِس آسِس خبر کِتھۍ پٲٹھۍ اُمِس سٕتۍ کینٛہہ کٲم گژھن تِمۍ سٕندِ بن جاگیرن ہِشہِ کینٛہہ کرُن، نتاشہِس تہٕ کتھِ بیٹہ سٕتۍ تہندِ بن پلوّن ہِشہِ نہٕ سو تیارہٕ سٕتۍ تِمۍ سٕندِ اَلیچ تہٕ ایمپراڈری ہِشہِ کینٛہہ کرُن۔ روستوف آسۍ پانہٕ وۄنۍ تہٕ کُنہِ دۄنہِ شہزادٕ آندرے یِس کٲنۍ اَتھ کینٛہہ بیٹھ حارتہٕ ظاہر کران زِ یہِ کینٛہہ کینٛہہ سپُد۔ اُنۍ آسۍ تِم واقعہٕ یاد پاوان یِمو تلہٕ بڑٕ وتھے ہاسان اوس زِ یہِ چھُ سپدَن وول۔ شہزادٕ آندرے سٕندِ اوترادوٗن یُن، یِھنٛد پیپرٹرز برگ یُن، شہزادٕ آندرے سٕند تہٕ نتاشہِ اکی مزاژ آسُن یِتھٕ کُنۍ بڑٕ دایہِ اکہِ دۄہہ اِشارٕ کوٗرمُت اوس، ۱۸۰۵ ژٕ یِس مَشترآندرے تہٕ نکولاے سٕند پانہٕ وٲنۍ سمکھُن تہٕ بَیِیہِ ہیٖنۍ داریاہ واقعہٕ آسۍ اَتھ گرِس مَشتر پھیرتہٕ یِوان یِمو تلہٕ بڑٕ وتھے باسیومُت اوس زِ یہِ چھُ سپدَن وول۔ یہِ سورُے گو اوس تِتھہٕ سوٗتِس تہٕ ژھوٗپِس شاعرانہٕ بازِس ٹَل دباونہٕ آمُت یُس ہمیشہِ گنڈِتھ ٲسِتھ بٲژن کٲنۍ گرِس مَشتر آسان چھُ۔ تِم آسۍ امود یِکہٕ وٗنے آسان تہٕ بیٛرٕ کٲشہِ اوس آسان ژھوٗپہٕ دَم کرِتھ۔ باضے آسۍ سارۍ وۄنہٕ خان تہٕ گژھان پانس پانس۔ اَدٕ بیمہِ گنڈِتھ بٲژ زِ آسۍ نونہِ نتھے کینٛہہ ہوٗپ تہٕ دوٗپ کرِتھ روزان۔ حال کُنہِ وِزِ آسۍ تِم ہینہٕ نِیہٕ والِن دوہن ہِشہِ کینٛہہ کران ییم تِمن یکہٕ وٹھ کٔڑِنۍ آسۍ۔ شہزادٕ آندرے اوس یِمو کتھو سٕتۍ مَنٛد چھان تہٕ کھوژان۔ نتاشہٕ تہٕ آس تِمۍ سٕندِس اَتھ اینٛماسَس مَشتر شٔریکھ۔ یِتھہٕ کٲنۍ تِمۍ سٕندِس بیٛرتھ اینٛماسَس مَشتر سۄ ہمیشہِ شٔریکھ آس آسان، بیمہِ ژٕتر نٔس مَشتر سۄ زانٔشہٕ تہٕ ناکام آس نہٕ گژھان۔ اکہِ دۄہہ یِژ نتاشہِ

تٔمِس نیچوِ سٕند پٔرٕزھنہِ۔

شہزادٕ آندرے ووٗشلیثوو۔ یہِ حالتھ آس تٔمِس یِتھٕنۍ وقتٕچ بیٛٹھ اموب سپدان تہٕ نتاشٕنِس آس یہِ وُچھنۍ خوشی کران۔ تٔمۍ دوٗپنس میٚون نیچو رونہٕ اسہِ نِش۔

"کیاز نہٕ؟" نتاشہِ ووٚن بیٛہ بیٛٹھ ہیٛوہ گژھِتھ۔

"یہِ ہیٚکن نہٕ سہٕ بڑی بیٚس نِشہِ ژھیٛنہٕ کرِتھ۔ تِمہِ بنہٕ ......"

"واے ہیٚے کوتاہ ٹوٹھ گژھہِ ہے سہٕ۔" نتاشہِ ووٚن۔ تِمہِ اوس یکدم تٔمۍ سٕند خیال پٔیہِ تھ نیمٕت۔ "مگر میٚے چھیٚے خبر نہٕ چھیکھ سوٚنچان ژٕ کاشہِ کتھ گژھہِ نہٕ گژھنۍ یٚیتھنک اسہِ بیٛٹھ الزام ییہِ۔"

ڈٕکٕتوٗر اوس مٔنزری مٔنزری شہزادٕ آندرے نِش یِوان۔ تٔمِس میٛٹھو یِہا کران تہٕ بیٛٹھ باسٕتنہِ تالیمہِ مٔتلق یا نکولایس مٔتلق کینژہٕ مشورٕ پٕرٕزھان۔ ڈٕکٕتو نِس آس یِمن کُن وُچھان تہٕ ووشٕ نِژاوان۔ سو نیا یہِ آس اکے فِکرہِ زِ میا نہِ سٕنۍ گژھہِ نہٕ یِمن کُنہٕ وِزِ کھوٚنہٕ گژھنۍ۔ سو آس یِژنہٕ ساتہٕ یِمن یا نہٕ وآنۍ الگ ژٕ ادٕ وِنی یہا نہٕ ژٕ ھاتٕڈان آسان۔ تِمہِ وِزِ تہِ بیٛلہِ نہٕ یِمن الگ روزٕ نیچ خاہش آسہِ ہے۔ بیٛلہِ شہزادٕ آندرے کتھ آسہِ ہے کران ـــ سہٕ اوس کتھہِ جان یا ٹھو وِژٕ ھنِتھ کران ـــ نتاشہٕ آس فخرٕ سان تٔمِس کُن داران۔ بیٛلہِ سو کتھ کرِ ہے سو آس یہِ وُچھتھ بھولان تہٕ تہٕ سٕتاران تہِ زِ یہِ چھُ میٚے تھلِ تھلِ وُچھان آسان۔ سو آس باشرِ تھ یا آنۍ یانِس برٕژھان "یہِ کتھ سنا چھُ میٚے مٔنز وُنۍ دِوان؟ امہِ نظرِ کیا چھُ یہِ ژھاتڈان؟ اگر میٚے مٔنز سہٕ چیز اوٗ سے نہٕ، تیٚیس یہِ

ژھانڈان چھ نتیلہ کیا ہیو؟" منزی اَس سو یائمی خوشدلی ہنز ترٛلے رٹان تہٕ یہٕ اَس تمی سنٛز اکھ خاص ادا۔ تس اوس شہزادہ آندرےسٕند اُسن بوزن خوش کران۔ سہ اوس کیہہ اَسان۔ مگر ییلہ اسہ ہیے ہیتلہ اوس سہ تناہیٚنی سورے دوٚ جوداکھ خوشی پُشراوان تہٕ ہیوٚ اسن کھنگالو ءستی اوس سہ تناشس پانس نزدیکھ یوان باسان۔ تناشہ روزہٕ ہیے سیٹھا خوش اگر تس نکھہ وانہٕ پیٚنی خراچھکی دوہ اُچھن ہرٛ وشٹھ کُن یوان تہٕ اہر یاوان آسہٕ ہن تہٕ۔ ہمیس تہٕ بیچھے اور کُن ظوان گنڈھ ہیے۔ سہ اوس ءتران تہٕ لیٚدران۔

پیٹرز برگ ترٛاوہٕ کہٕ کالہ اوٚن شہزادہ آندرے ین پیرے تہٕ روستوفہ ہُنٛد پانس ءستی۔ سہ اوس تہٕ تمہ ڈانس مجلسہ بیٹھ اور آمتے۔ پیرے اوس روومُت تہٕ باشیر بووٚمُت باسان۔ تمی کرٕ زیاد ہیٚن کتھ بیٹھ ءستی کتھہٕ۔ تناشہ اَس سو بنیاہٕ ءستی شطرنج گِندان۔ تمہٕ کوٚرہ شہزادہ آندرے یَس آوٕ تہٕ زلیوو سہ تہٕ ہیمن ءستی۔

" ژٕ زانہٕ ہن۔ بیرزوھوف ہرٛ وشٹھ بیٹھ۔ زانہٕ ہن نا؟" تمی ہیٚرٕ ژھنس۔ " ژٕ چھے چھبہٕ پسند۔"

" آں۔ یہ چھُ بڈرُت مگر سنج بیہودہ۔"

تہٕ سو لج امی سنٛدتی وننہٕ یہ ساری کتھ وناں آسی۔ امی سنٛدہٕ یوولہ ہیوٚ آسنکی افسانہٕ، تمہ افسانہٕ ہمہ کُو اَمس لاگی لاگی آسی کھادی میتی۔

" ژٕ چھبہٕ خبر سے چھُ ہیٚن راز اَمس بوومُت" شہزادہ آندرے ین دوٚن۔ " یہ زانہ یہ لو کچار بیٹھ۔ اَمس چھُ سو تہٕ ہُنٛد دِل۔ تناہی۔ ہیتون چھے اکھ عرض۔" تمی ووٚن ہنگہ تہٕ منگہ سنٛجدہ ہیوٚ

گژھِنہٕ۔ "مےٚ چھُ ییٚزُن۔ خدا زانہِ کیا آسہِ سپدان وول۔ بنان چھُ ژٕ ہَیکہ۔۔
۔۔۔۔ اوہ۔ مےٚ چھےٚ خبر مےٚ ہیٚزہ ہیٚ ہٕ یہِ وَنُن۔ صرف اَکھ کتھ۔ اگر ژٕ مےٚ
مبادا غارِ حاضری منٛز کیٛنہہ تہِ پیش ییی۔۔۔۔"

"کیا گژھہم؟"

"اگر کیٛنہہ تکلیف بُتھہِ ییی۔" شہزادہٕ آندرےٚ گوٚو وَنان مادام سوفی!
اگر کیٛنہہ سپدِ، ژٕ آسِو زِ مشورٕ اُمۍ ہیٚ بوت ہیوان۔ یہِ چھےٚ سیٹھاہ
بوڈ لہٕ تہٕ اَکہٕ آیل شہژٕ مگر یہِ چھُ سیٹھاہ ہیٚ دِلہٕ شوڈ۔

تماشس یِہ امہِ جُدائی سٟتی ییٚنۍ تیٚمبک اندازٕ نہٕ ہیکہِ ہیٚ
تمۍ سُند مول موج کرِتھ نہٕ سونیا تہٕ نہٕ شہزادٕ آندرےٚ۔ تمہِ سارۍ ہیٚ
دوہس روزس ووہ شلبٕ ژٕ تہٕ تبلیغٕ مکانس اوٚرِ یور گٔنتھ دِوان۔ تٔمۍ اوس
اَوشس تہٕ ہوٚ کھمت۔ سو آس سیٹھاہ ہیٚ سومولی چیزن سٟتی پان آوُر
تھاوان زَنتہٕ اندازٕ ہیٚ اوسُس نہٕ زِ بُتھہِ کیا چھُ سپدن وول۔ تمہِ
ووٚدنہٕ تمہِ وِژنہٕ ییلہِ آخرۍ رٕ حقیقت ہیٚنہٕ وِژِ تمۍ ہیوٚکھ کرِنہٕ خاطرٕ
انتہٕ دورنس۔

تمہِ ووٚن صرف۔ "متہٕ گژھِنہٕ۔" یہِ ووٚنُن تمہِ ہٹہٕ زِ سٕ گوٚو غوطن
مےٚ ماپٕرٕ روزنے تہٕ یہِ رٕوٚد ییتہٕ تٔس سیٹھا کالس یاد۔ تمہِ ووٚدنہٕ
تمۍ سُند ییٚرنہٕ ییتہٕ تہٕ۔ مگر واریاہن دوہن رٕوٚ ژگتھ نژٕوٚ یہِ تھ۔
وِدان آس نہٕ مگر کُنہِ سٟتی اوسُس نہٕ دِل لگان۔ صرف آس ییٚرِ
پھیرِ وَنان۔ "ہاے سُہ کیاژٕ گوٚو۔ تمۍ سُند گژھِنہٕ ییتہٕ بٔچھی کھنڈرۍ
گےٚ تمس اَندۍ ہٕکۍ سارۍ حارٕ نٕن ییلہِ تمس یہِ رٕوٚ حاجی آزار یورٕ یا تھٕو
بلیٛو۔ صرف آس تمۍ سُندس اخلاقی خالہٕ خطس منٛز تہنا تبدیلی آمٕژ

ییٚنہٕ کُنہٕ شُر ین زٕ ییٚچھ بیمار یہ تہٕ گژھان چھُ۔

# ۲۵

تمہِ وٕری یہٕ ییلہِ مُری دیٛادٕ می شہزادس یُنٛن نیٚچو تزاآوِنہٕ زوٚل۔
سُہ گو صحتہٕ کِنہٕ تہٕ ہیمتہٕ کِنہٕ ییٚتھ۔ سُہ گو وارے تیٚتھلی تہٕ تمہِ سِندی ٹلٕو ولنگ
باراوس زیٛادٕ ییٚہن شہزادٕ مُری یایہِ ٹُلن ییوان۔ باسان اوس زَن سُہ
تمہِ سِندِ دلہٕ چہ سارِوٕے کھوتہٕ آدِ جہ تارِ ژھاآنڈی ژھاآنڈی کڈان چھُ
تِیٚچھ سُہ تیمَن زیٛادٕ کھوتہٕ زیٛادٕ سَنہٕ چھوکھ ہیکِ ہیے دِتھ۔ شہزادِ مُری یایہ
آسی نہٕ ہیے طماہ تہٕ امی حسابہٕ آسِس نہٕ ہیے خوٚشی حاصِل۔ اکھ یا بیٚتھر
بکولِنکاتہٕ بٹینیہِ مذہب۔ ییمَن دوہ شوٕ نی اوس مُری دیٛادٕ می شہزادٕ
حملہٕ کرِی کرِی ژُسنہٕ کران تہٕ مزٕتلان۔ کیتھ کو یہٕ آسہِ ہیے کیٛنہٕ تہٕ عیلان سُہ
واتناوِ ہیے یہِ یڈٕ انہرِی شن ہندین توہماتن تا نی یا سشرین ہندِس
خانہٕ ماحیرنس تہٕ تیٛہشتر خانہٕ بربادی تانی۔ سُہ اوس تیمِس ونان۔ "ژٕ
چھہَن ییٚژھان یہٕ بکولشکاتہٕ تیٚتھ ہیے انہرشی بڈ بناوُن ییٚژھ ژٕ یانہٕ
چھکھ۔ شہزادٕ آندرے ییس چھُ نیٚچو بکار۔ انہرشی بڈ یہٕ۔" یا اوس
سُہ منیڈ مازبل یورپہٕ سیتی کتھ کران تہٕ تمِس شہزادِ مُری یایہ بژونتھٕ
کنہٕ ییٚژھان زِ ساؔنی گامہٕ یادری یا پاک تصویرہٕ کرِتھ لیسند چھے نہٕ سِے
تہٕ امی بہانہٕ ییمَن ژُسنہٕ کران۔ ۔ ۔ ۔
سُہ اوس شہزادِ مُری یایہٕ ہندی اَیجاسس یار بار چھیوہ کِہ لد

کرٛان مگر کۄرٕ اَسہِ یَدٕ سہل پاٹھۍ سوٗرٕ بنچان۔" یہِ سۄ ہیٚے ستنی کران چھُ یہِ چھانٛہِ تمی سُند قوٗت صوٗر۔ میٚون مۄل بنیمس بہر حال یہِ ٹاٹھ چھس، ہتکیاٚ بےٚ انصاف اَسیتھ؟ تمہِ بیٚنہِ انصاف کیا چھُ؟" شہزادی مرٛی یاٚ اَسہ یہِ اکھ مغروٗر لفظ "انصافس" بیٹھ زانٛہہ نہٕ سوٚنچان۔ تمِس کیٚنہہ آسہِ انسانی ہیٚتکو سارٕ ویٚہ ہلی قوٗنوٗن اکی بےٚ صاف تہٕ ساد قوٗنوٗنس منتر شری مِتی۔ سۄ گوٚ مُختک نہٕ یان آلہٕ وٚنک سۄ قوٗنوٗن یُس تمۍ جایو ہنوٗ دِشت چھُ ہموٚ باہٕ خوٗد آسیتھ انسانی ہیٚتکہِ محبتہٕ اِذا نٕل۔ تمِس اوس نہٕ ہیٚتیٚن لکِن ہندِس انصافس تہٕ بےٚ انصافی ستنی کانٛہہ غرض۔ تمی ستنہ کام آس صرف اِذا نٕلن تہٕ محبتہٕ کرٕنۍ۔ اِدبی آس سوٚہ کران۔

وندس منتر اوس شہزادہٕ آندرے بلیک ہلتہٕ آمُت۔ مرٛی باہ باسیوٚو سۄ تنبیتہٕ خوشش مابہٕ ہوٚت تہٕ شریف تیجہٕ اوٚتانی سۄ وٚرییہِ وادن زانٛہہ نہٕ اوسمُت اوس۔ تمِس توٚرٕ فِکرِ زٕ اَسہ چھِٹے کیاٚ تانی دٔلیل مگر تمی کرہٕ نہٕ ہٹبنہِ ستنی ہیٚنہِ عشقچ کنٛہے کتھ۔ ہنیرٕ تہٕ بٹروٹھ۔ کوٚرٕ شہزادہٕ آندرے ہیٚن ماٚلس ستنی اکھ زیوٗٹھ بحث تہٕ شہزادِ مرٛی باہٕ ژیوٗن نہٕ ہنیرن وٚنہِ آسی تِم مالی بیٚقرا اکھ اَکِس ناراض۔

شہزادہٕ آندرے نیرِکہ تھٕے پیچھ شہزادِ مرٛی باہ پنٛنہِ وٚتہِ جوٗلی گرٛاگنہٕ چیٹھ بیوٚ سۄ تمہِ نعاٚی منتری پنٛنی باٚے کاکنہِ آس ہنا وٚشرٕ ییتھ کنٛہو گوٚرا موب نماب وٚچھان چھِٹے۔ ہیٚمن دہ ہیٚن اوس تمِس اَکِس باٚے سُند حاتم یُس نرکی منتر ماسہٕ اوس آمُت۔

"میٚانی ٹاٹھہٕ تہٕ مابہِ ہتری وٚتیسی۔ جوٗلی! باسان چھُ غم چھُ اَسہِ دۄہ شوٗنی ہُند سرٕ وٚد نصیبہٕ۔

یُون صدمہٕ چھُ تیوٗ تا سخ زِ میٲنۍ نٔش چھُ اَتھ اکھُے مانے۔ بہٕ چھُس تُس خۄدایہٕ سِنٛز مہربٲنی ہُنٛد اکھ نشانہٕ یُس جانہٕ محبتہٕ کِنۍ زٕ ہیٚے تہٕ جانہٕ ہیٚے مِثال ماجہِ دِل چھُ ہیٚرھان پاک کرُن۔

"آہ مٲجۍ ٹاٹھۍ! مذہب تہٕ مذہبی یوت ہیٚکہِ تسلا دِنتھ نے، تۄنہٕ نادوٗ میٚد گنٕ ہتہٕ نشہٕ رٕ چھینہٕ۔ مذہبی یوٗت ہیٚکہِ نہٕ فِکرِ تارِتھ بیہ تہٕ امہِ ورآے انسانس عقلہِ مَنٛز یِتھ ہیٚکہِ۔ یہِ کیٛاسنا، تِم ہیٚم پایہِ بُڈۍ آسان چھِ۔ ہیٚم زندگی مَنٛز پانہٕ نہٕ خۄشی بیہ آوِتھ ہیکان چھِ تہٕ ہیٚبین نہٕ اِذا دوان چھیٚنہٕ۔ اَکھُنے چھُ تِہُنٛد وۄجود ہیٚمَن ہُنٛدِ خۄشی روزنہٕ خاطرٕ ضۄرۄری آسان۔ تِمہٕ نے چھُ خۄدایَس نِش ناد دِوان۔ اَتھ مقابلہٕ ہیٚم یِچھ آسان چھِ، بیٚسوٗد آسان چھِ تِم یِتھ یِتھ روزان۔ گۄڈنیکہِ مرگ یُس میٲنۍ ڈُچھ تہٕ یُس میٲنۍ زانہٕ نہٕ منشرہٕ۔ سُہ اوس مٲجۍ ٹاٹھ بٲے کاکنہٕ ہُنٛد موت۔ تِمس سیٚتۍ نہٕ گیٚیس بہٕ اَکھۍ خیالس۔ یِتھہٕ کِنۍ زٕ تقدیرس شکوٕ کران چھکھ زِ یُون شریف بوے کیازِ گوٚ زٕ مرُن۔ نتھکے کِنۍ آسیس بہٕ تہٕ راوان زلزا کیازِ گژھہٕ مرُن۔ لِتا ہیٚمہِ کاتِس موٗلوی کھوٗ تہٕ موٗلوی اِذا تہٕ دشمنت اوس نہٕ۔ ہیٚمی سِنٛدس دِلس مَنٛز قطن کانہٕ تہٕ خیال آسُت اوس نہٕ یُس نہٕ شفیق تہٕ مہربان آسہِ ہے۔ مگر مٲجۍ ٹاٹھۍ! ووٗنِگے تِتھٕ پانژ ہوٗری تہٕ میٲنۍ ہِش کم عقل تہٕ چھیٚنہٕ ووٗنۍ داپہٕ پاٹھۍ زانِتھ ہیکان زِ تِمی سُنٛد مرُن کیازِ اوس ضۄرۄری، تہٕ سُہ موت کِتھہٕ کِنۍ اوس یاد کرُن والِس بڈس خۄدایہٕ سِنٛزِ بے آنتھ مہربٲنی ہُنٛد اکھ عکس۔ اَسہِ مِنہٕ تری تَن فِکرِ۔ مگر یہِ کینٛژھا سہ باری تعالیٰ کرِ تہٕ چھُ دوٚیدِ ہُنٛدِ حقہٕ تِمی سِنٛدِ بے آنتھ محبتک

ظہور آسان۔ یہ چھس گژھان وِزہ سوچان۔ زِ سو آسہ تتھٕ ملاۓ یکھ بہشتس موصوم
زِ سو ہیکہِ ہے نہٕ اَکس ماجہِ ہندی فرض ادا کرِتھ پنٕنس ہیکنہٕ کرِتھ۔ اکھ جوان
باژہ آسنہٕ کرِ عشقہٕ بیتہٕ آسمانہٕ سو گژھہِ رنگہ کیتھ کڈنس لایق۔ مگر شاید
ہیکہِ ہے نہٕ سو تژِ چھے جان موج بننہِ۔ وۄنی چھینہٕ تمہِ اسہ نہٕ خاص کرِ
شہزادٕ آندرِ نس صرف سیٹھا پاک یاد نہٕ تمہ بچ ہتی۔ یہ نہٕ چھ سیٹھا
ممکن زِ تمس آسہِ ننہٕ تژہ جاے میچھر بنیچ مِتے پننہٕ خاطر وۄمید
کرِ تیچ ہمتھ چھینہٕ۔ تمی سنزِ ے چھینہٕ کتھ۔ تمی بے وقتکی نہٕ خوفناکھ
مرگن چھ غم الگ تژ آوِتھ ہے نہٕ بیتہٕ اَتس بانس بیچھ سیٹھا بابرکت اثر
تژو ومُت۔ تمہِ وِزِ تمی سندِ مرن وِزِ ہیکہِ ہن نہٕ بیچھ خیال بیتہٕ اتس
دِلس متر پیژ۔ تمہِ وِزِ زلہ ہابہ بیترٕ ہیٹھ وم گژتہِ ھتھ بیچھو خیالو تشہِ
دوُر مگر وۄنی چھ ستے یہِ صاف نہٕ یقینی باسان تہِ ٹاکھی ویسی! یہ
سورے چھے یہ زِ ستے دینی کتابن ہندس پرزِ عکرہِ بارہ نہٕ خاطر
لیکھان تس بیتہٕ زندگی ہندا اصول بنیومُت چھ زِ: تمی سنزِ
مرضی ورآے ہیکہِ نہٕ سون اکھ مس وال تہِ ہیر تھ۔ تمی سندِ شُشک
اگر چھ ساہِ خاطر تمی سندا آنتھہ روس محبتھ۔ امہِ کنہ یہ کینژھا اسہ
پیش یہ تہِ سورے چھ ساہِ فائد خاطر۔

"تہٕ چھکہ بنہٕ تژھان زِیوٚن وندِ چھا اسہ ماسکو گزارن۔ مے
چھ چانہِ ملاقاتک سخ شوق مگر تونہٕ نہ چھے مے تور پنیچ وۄمید
نہٕ چھم طمع۔ تہٕ گژھکھ یہ یوٚنہِ تھ عارآن زِ امہِ خاطر چھ بونا باٹ
زِمہ وار۔ یہ وۄنے کیچھہ گنہِ بیتہٕ اتس ماَلس چھ صحتھ سیٹھا خراب۔
سہ چھینہٕ کانہہ اختلاف تہٕ آلیتھ ہیکان تہٕ زبری چھ وولان۔ تہٕ یوتہ

زِیادٕ جلد چھُ سُہ سیاسی مالن بیٹھ شوران۔ سُہ چھُنہٕ یہِ بوزُن تہٕ بَرٕداش زِ بونا پارٹ چھُ یورپہٕ کین سارِنے شہنشاہَن سٕتی برابری کران۔ بَتیہِ تہٕ سائنِس عظیم شہنشاہَس کیتھ اینہٕ ہندِ سس زِرِس سٕتی۔ ژٕ یِیہِ چھے خبر یہٕ ماچھِس سیاستَس مُتعلق کاشہٕ دلچسپی تِوان۔ مگر مالی ہنٛدِ کنہِ تہٕ بِہِم بحث سُہ، مہیل اوانو وِچِس سٕتی کران چھُ تِتھو کُنہ چھیہٕ ہیے سارے خبرٕ زِ دُنیاہس مُتعلق کِیا سپدان چھُ۔ ہیے چھُ تِمن سارِنے ایزازن ہُنٛد تہٕ بوزمُت بِہِم بونا پارٹس دِنہٕ آے۔ ہیے چھُ باسان دُنیاکِس نقشس بیٹھ چھیے صرف بلیک ہلز اکھ جاے بِیِتہٕ سُہ بوڈ موہنیوُ تہٕ مانِتہٕ چھُنہٕ یِوان۔ فرانسُک شہنشاہ مانُنگ چھُنہٕ سواے۔ میٛون مول چھُنہٕ بِہِم حالاتہٕ ژالِتھ ہیکان، ہیے چھُ باسان میٛون مول چھُ ماسکو گژھنہٕ کِس مالس مُتعلق بے غرضی ہاوان۔ زِیادٕ بِہِن امہِ کتھ زِ تِمی ہنٛدی سیاسی خیال چھِ بیوٚن تہٕ تِمی ہنٛدِ خاطر چھُنہٕ یہِ تہٕ مُمکِن زِ سُہ کیا رونہٕ بَنِتھ خیال کھُلہٕ ڈلہٕ باوِنہٕ نِشِ بَتھ تہٕ اکھ مُتعلق کیا کرِ سُہ کانہٕ ہُنٛد بر وا ے۔ یہِ تہٕ چھِس خبر زِ امہِ سٕتی بن ہیے کرہ۔ بچھر بُتھہِ۔ ڈاکٹری بلا جرِ سٕتی یہِ سُہ ماسکو ہیہٕ زِ بنہٕ نہٕ ہارِ سُہ بونا پارٹس بیٹھ مجبوٗرن بحث کئی کرِ ی۔ خاطرٕ۔ یہِ مالہٕ سپد جلدے طے۔

"ساٛنی گرٕ کلی زندگی چھیے پَتہٕ بِراںے آیہٕ یکان۔ فرق چھیے صرف یہِ زِ میٛون بوے آندرے چھُنہٕ بینترٕ۔ ژٕ یِیے چھیے ییے ثروتھ تہٕ لیوٚکھمت زِ تِمس گو کینہٕ کالا سیٹھا بدبیتنس۔ تِہِس چھیٖن تِمس کینژھ کالہٕ بیٹھ سُہ دہ کھ مِنّشِن ہیوٚ تمُت۔ ہیے باسان سُہ چھُ بَتیہِ نِنھ بِنوٗمت بِتھ یہِ سُہ ثروتھ زانہٕ ہتن۔ رَت، مایہٕ ہوٚت تہٕ

ننیٖتھ دِلہٕ وول تُھنھ ہیٚتھ بنٛبہٕ کانہہ دُھیمُت تُھچھٕ ۔ میٚیانی کنہِ چھُ وونی تٔس
فِکرہٕ نٔران زِ میٚیانی دوہ چھِہٕ بیوٗرسے ہیٚتھ گیٚمٕژ ۔ مگر مزاجس چھ اکھ تبدیلی
سپنمٕژ چھےٚ صحتہٕ کنہِ سیٚٹھاہ کم زور گوٚمُت ۔ سُہ چھُ سیٚٹھاہ شُشس گوٚمُت ۔
تہٕ جَل جَل چھُ شوران ۔ میٚے چھےٚ تٔمی سٕنٛز فِکرٕ تہٕ بہٕ سوٗچان چھس
خوٚش زِ سُہ چھُ ننبر گژھِ ہَن وول ۔ ڈاکٹر اوس بہٕ تٔمس واریاہ نٔرِ دُنیٹھ
تجویز کوٚرمُت ۔ میٚے چھےٚ دوہ میدانس ستھٕ گژھِ سُہ ٹھیکھ ۔ تٔمی
چھےٚ لیوکھمُت زِ ماسکوہس چھُ سُہ سیٚٹھاہ ہے قٲبِل، تہذیب یافتہ
تہٕ عقلمند جوان مانہٕ یوان ۔ خاندٲنی غوٗر ئر گژھِ ہیٚم باف کرٕن ــــــ
اَکھ اوس بہٕ میٚے زانہٕ شکھ ۔ بیٚیتہٕ ہیٚم ہار تٔمی لُکن کٔری، کاشتکارن
کیو اَشرافن تہِ مَن چھُنہٕ حِسابے ۔ بییہِ سُہ ہیٹرِ برگ ووت تٔمس
آوسُہ بیرٕ تہٕ کرنہٕ تٔمس شوٗبہٕ ہے ۔ بہٕ چھُس عاران پیٹرن برگہٕ چہ
خبر کیتھہٕ کٔنی چھےٚ ڈُوان وڈان ماسکو واتان ۔ بییہِ تہٕ بیٚتھ زَنگو
ورأے افواہہٕ زِ میٚیانِس بٲیس کیا چھُکھ روسنوف ہیٚترٕ لو کیچہ ہیٚترٕ
کوٗر سپنمٕژ گوٚنڈمُت ۔ بہٕ چھس تہٕ سو گُھچھتے ہیکان زِ آندرے
کیاکرِ کانہہ سپنہٕ نہ خاندر، تٔمس سپنہٕ کُرِ ننک چھُنہٕ سوا ہے ۔ بہٕ ونے
کیازِ ۔ گوڈ تیٚمِس بُڈوے زَن سُہ بیتہٕ مرحوم آشنہٕ ہُنٛز کیتھ گاہ
بیگانہ ہے کران چھُ، تٔمی سٕندی عٔمن چھہٕ تٔمی سٕندِس دٕلی مَنٛز
شٲدی مول دی ہیتی تہٕ سُہ ہیکہٕ نہ زانتہٕ تہٕ تٔمی سٕنٛز جاے بیٚیس دِتھ
بیوٗسہٕ پہ شیانس لوکتس موکتس ملاکیس ووہ موج بنہٕ ۔ دوٚ ہیٚم
لوٗتانی میٚے مولوم ہیوٚ کمُت چھُ کٔرِ ہنز سہ چھیٚینہٕ تنژھ کوٗر یوسہٕ
میٚیانِس بٲیس آندرے تٔس طارٕ ہیکہٕ کٔھسِتھ ۔ میٚے چھُنہٕ بیٚتھان

آندرے یَن چھپے سۆ آشنی بناونہٕ خاطرٕ تیار مژ۔ بہٕ ووٚنے دِل مژر ییتھ زِ یہٕ یژھ ہٕنہٕ زانہٕ نہٕ سیدُن۔ مگر بہٕ نہٕ گییس لیکھان تہٕ دوٚیم ورق ہیوٚن موکلُن اوسا الوِدا!.. میانی ٹاٹھی وینیہ! خدا تھاوی نے ییٚن پاک تہٕ مضبوط سایہٕ۔ میانی ٹاٹھی سٕنٛز باجیٚن سیدِ مازٕ پل بوٚزیٚن چھپے میٹھی سوزان"

مری"

---

# ۲۶

مَنٛز رێتہٕ کالہٕ واتژ شہزادٕ مری یا بہٕ سوئیزرلینڈ بیٚٹھ شہزادٕ آندرے سٕنٛز چیٹھی۔ نہٕ بہٕ وُچھتھ گییہٕ سۆ حیران۔ اَتھ مَنٛز آسہٕ تمی عجیب تہٕ حیرتَن کرِ وِنہٕ خبر لیچھ مژ۔ تمی اوس بێنہِ لیوٚکھمُت زِ سیٚے چھ روستوفہٕ ہٕنٛزِ لوٚکچہِ ہێشہِ کورِ سٕنٛز گوٚنڈمُت۔ اَتھ سارے چیٹھِ مَنٛز اوس گنڈنی باتہٕ سُند جوشہِ ہوٚت مجبتھ تہٕ بێنہِ ہٕندِ خاطرٕ لوٚو تہٕ بیر آچھ بول ئیرِتھ۔ تمی اوس لیوٚکھمُت سیٚے چھنہٕ زانہٕ تیتھہٕ آگھی عشق کوٚرمُت ییتھہٕ کنی بہٕ اَز کران چھس تہٕ وونی چھ سیٚے زندگی ہُند پوٚر پوٚرہٕ مانے فکرِ تَران تہٕ اَمِچ قدر ییوان۔ تمی آس بێنہِ مٲنی مَنٛجہِ زِ یتھی میٚہ پیٚمہ بیٚلہِ بہٕ بلیک ہلنہٕ آسس۔ ژٕ نے وونہٕ مے سیٚے بہٕ حالانکہِ سیٚے کرٕ مٲلِس سٕتی بہٕ کتھ۔ سیٚے دوٚپ ژٕ نے گوژھے نہٕ میانہِ بدلہٕ مٲلِس سٕنٛز ناراض کرُن ییوٚن۔ اِجازتھ دِیہ نہٕ سہٕ کینہٕ۔ ئیلہِ گژھِ ہے سہٕ ناراض تہٕ ژٕ نے ہێیہِ ہی مٲلی سٕنٛزِ

نارازگی ہُند بہٕ گوٚب بوٚر وہتراوُن۔ بێیہٕ اوس ہۄ بہٕ مالہٕ تۄنٛا نی ہیٚتھ پوٚرہٕ پاٹھی ہلے کوٚرمُت ییٚتھہٕ کٔنہ یہٕ دوہ نی چھُ۔ تمہِ دوہ ہیٚتہٕ ووٚن ہیٚتھ تمی اَکھ وُری گژھہ فُرصتھ کرٕنی۔ دوہ نی گٔے تمہِ مۄتۄر شۄشٕنے رٕہنہٕ۔ تسیٚف دَق ہیٚوہ کلیٚتُو و۔ تہٕ بہٕ چھُس از نہٕ تتھے پاٹھی یتہٕ نِس ییرادس ییٚتھہٕ قآیم ییٚتھہٕ کٔتی تمہِ دوہ ہیٚتہٕ اوسُس۔ اگر ڈاکٹر ہیٚتے زوٗرہٕ بێیتہٕ سمندرس مۄتۄر روزنُس ییٚتھہٕ مجبوٗر کرٕہٕن نہٕ۔ بہٕ آسہٕ ہارٕوٗس والیس توٚرمُت۔ مگر حالاتو کٔنی بێیہٕ ہیٚتے بێیہٕ تریٚن رێٚنن پوٚری روزٕن۔ ژہٕ زانکھ ہیٚتے تہٕ ژٕیٚے چھیے تِیٚتر ہیٚتے کیٚتھو توٚنُن چھِ مٲلِس سۭتی۔ بہٕ چھُس تہٕ نِس کیٚتھہٕ نہٕ مۄنگان۔ بہٕ چھُس ہمیشہ آزاد رُودمُت تہٕ روزہٕ نہٕ۔ مگر تمی سۭتۄر مرضی خلاف یکُن تہٕ تمی سۭتۄر نارازگی ہلہ ہیٚتہٕ سۭتی گژھہِ ہیے میٲنی خوشی رآسی۔ بێیہٕ تہٕ دوہ نی بێیلہٕ شہ اسہٕ سۭتی پوٚژھے چھُ۔ بہٕ لیکھہٕ تمس تہِ چیٚٹھو نہٕ ژٕ دیٚرہٕ یہٕ مۄہرِ ہٲی ہکِرتھ مُناسب وقتس ییٚتھہٕ تمس نۄ ہیٚتے لیکھو تہِ اَتھ سآری ہیے مالُس ییٚتھہٕ کٔبا چھیٚے تمی سۭتۄر رایے۔ نہٕ شہ ماگژھہِ کٔنہٕ پاٹھی اَتھ وُری نِس تۄشہ سیٚتے رَنتھ کم کرنُس ییٚتھہٕ ستاہ۔

سِیٚتھا وابہِ ہٕری ژٕری شُکہ کرٕی کرٕی تہٕ دُعا مۄنگی مۄنگو دِژ شہزادمرِی پاہٕ مٲلِس یہٕ چیٚٹھہِ۔ دۆیمہِ دوہ ہیٚتہٕ ووٚن مرِی دیا دِمی شہزادن ژٕیس قرارہٕ سان۔

" پاتیس لیکھمر نہٕ تمس یہِ میٲنِس مرنس ناوٕ پٔرارن ... تیس ... بێیہٕ پٔرتہٕ یاد پٔرارُن۔ یہٕ کرٕن شہ جلدے آزاد۔"

شہزادِ کرِ ہے یہٕ کٔتھ کر نیٚچ کوشش مگر مٲلی دِتتس نہٕ آس مُنٛزاوٕنہٕ ہیٚتھ گو ژٕھہِ کھو تہٕ ژٕھہِ بٕڈِ بٕڈِ ونال " کٔرِن نیٚنھر۔ کٔرِن

نیتھر... تمس ٹاچھ ستی۔ زبردستۍ چھُس... چالاکھ۔ اُہ۔ اُمیر
آہ۔ آسن نکولِشکاہس بنہِ سو جان ووہر موج۔ ییکھِس ژہٕ ہیکہ یگاہ نیتھر
کرِتھ۔ نکولشکاہس بنہِ سو ووہر موج تہٕ بہٕ کرہٕ تہِ پورینہٕ ستی نیتھر۔
ہاہاہا۔ تِتھے گژھ بنہِ تمس (شہزادِ آندرسے ییس) تہِ ووہر موج صرف
چھےٚ اکھ گژھ۔ یہٕ ہیکَن نہٕ بنہٕ ژس گرسس مشر بیٚیہ کانٛہہ زنانہٕ زرِتھ۔
سُہ ہیکہِ نیتھر کرِتھ تہٕ پننہِ مرضی لسِتھ بسِتھ۔ بنان چھُہ ژہٕ تہِ ماگر ژھکھ
تہٕ روزکھ تمہ سِتی۔ سُہ چھیوہ شہزادِ مرِی یابہٕ کُن۔ ژہ ہےٚ تہِ چھیکھ
آزادی تہٕ خوداے کرِتھ نے رُت۔"

امہِ وولہٕ بیتہٕ کوٚرہٕ شہزادن اکھ موضوعس کُن زانٛہہ تہِ
اِشارہ۔ نیٚچوِ شندِ امہِ دِل ہارنہٕ یوسہٕ ژکھ اُمس کھُرُ سو ژآین۔ مگر
کورِ ستی تِس سوٚلوٚک کران اوس تتہ مشر آس سو ژکھ پھٹھ ژھٹھ
نیران۔ کورِ یامہِ دِنہٕ جین تہٕ جبراِنہٕ جین کنھن مشر ہرسے بہ یتیمہ اکھ
کتھ ___ ووہہ ماجہ کُن اِشارہ تہٕ سبُڈ مازل بورینہ کُن ماے
"بہ کونہٕ کرہٕ اُمس ستی نیتھر۔" سُہ اوس کورِ ونان۔ "بہ بنہِ شاندار
شہزادی۔" بیتہٕ گیہِ شہزادی مرِی یابہٕ دُچھتھ حالان زِ سُہ اوس ٹیٚٹھی
کینٛہہ اُمس فراشی زنانہِ زِیادٕ نٛز دیکھ یوان۔ شہزادِ مرِی یابہِ لیوکھ یہِ
حال بآیس۔ مگر ستی کوٚرِ تس دِل تسلا زِ وارٕ وارٕ بیہٕ سُہ یاتے منہٕ وِنہٕ۔

شہزادِ مرِی یابہٕ ہیٚنز خوٚشی تہٕ سوٚکوان اوس نکولشکا تہٕ تمی ستر
ناٹیم، یہنٛ بوے شہزادٕ آندرے تہٕ مذہب۔ مگر انسانس گژھہِ
ضوٚروٚر کانٛہہ ذاتی ووہ سید آسنہ۔ تنہٕ شہزادِ مرِی یابہِ تہِ اوس
ییموٚ جیٚنزِ علاوٕ دِلہِ کینہہ اُندہِ من سرِ سادی تنہن مشر اکھ خاب تہٕ اکھ

وۄ میٚد ژھیٚپھ تہٕ اوس تٔمۍ سٕنٛز زندگی ہٕنٛد سارۍ وے کھوتہٕ بۄڈ نسلا۔
یہٕ دِلِ نسلا وول خاب تہٕ اٰسِتھ اٰس تٔمِس "خۄدایٖ لُکو وِزمہٕ۔ ییم اٰسی
تِم کراماژ کرن وٲلۍ تہٕ زبارتن بھیٖرن وٲلۍ مٔتی۔ ییم اُمِس نِش یوان گژھان
اٰسی یشہزادس اٰس نہٕ یہِنٛز خبرے۔ یوٗتانشہزادی مرییا دِہٕ وِہ
کڈان تہٕ یوٗتا تٔمِس زندگی ہٕنٛد تجربہٕ تہٕ مُشاہدٕ ہُران اوس تینیوٗتا
اٰس سُو لُکن ہٕنٛز ژھوٚچہٕ نظرِ بیٛٹھ راوان ییم یِتھ ڈُنیاہس مَنٛز خوٗشی
ژھانڈان چھِ تہٕ سُو نامُمکِن خیالی تہٕ گۄنہگار خوٗشی لیٚہ خاطرٕ چھِ
زٕوجان ژٕٹان، اِذا تُلان، دوٗر کران تہٕ اَکھ اَکِس زٕکھ وَاتناوان،
شہزادٕ آندرے یِس اٰس ٹاٹھ آسِتھ۔ سُو مۄ یہٕ تٔمۍ سٕنٛز گۄنہٕ شہ
سیٖر۔ سُہ چھُ یِتہٕ ھان بیٖنس زنانہٕ سٕنٛزِ بان گینڈُن۔ تٔمۍ سٕنٛد سول
چھُنہٕ اَتھ الیقرار کران۔ نہٕ کیانٕزِ سُہ چھُ یِتہٕ ھان تٔمِس امہٕ کھوتہٕ آسَن واجِنہٕ
تہٕ ناوواد آسِتھ انِنہٕ۔ ییم ساری چھِ وۄ یتھ ژھانڈ کران، اِذا تُلان،
عذابس لگان تہٕ پننہٕ پوشہٕ وِذ رۄح داغدار کران۔ کمہٕ خاطرٕ۔ اَکھ
خوٗشی حاصِل کرنہٕ مۄ کھہٕ یوٗسہٕ اَکِس ژٕہس پوشہٕ۔ یہٕ چھُنہٕ اَسہٕ یانے
یوت فِکرِ توٗرمُت۔ خۄدایہٕ سُنٛد تیٚچھ عیبا آد یِتھ زمینہٕ بیٛٹھ تہٕ
دوٗپن یہٕ زندگی چھوٚ اَکھ ژٕبہٕ، اَکھ اِذا آبِش۔ اٰسی چھِ روزان اَتھ لٲرِ
تہٕ اَتھ مَنٛز ژھانڈان چھِ خوٗشی۔ "یہٕ کیا ڈلیل یہٕ گۄنہٕ کانسہِ زوٗنمُت۔"
شہزادی مرییا اٰس راوان۔ "صرف چھِ ییم 'خۄدایٖ لُکھ'، ییمَن لُکھ
نفرَتھ کران چھِ۔ ییم نکھن بیٛٹھ بستہٕ ہیتھ میٚنۍ نِش یِنہٕ مہٕ ہیٚر
کھسان چھِ تہٕ کھوژان چھِ، شہزادٕ ماکڈِ نظرِ۔ کھوژان چھِنہٕ سُہ دِیہٕ
اِذا، کھوژان چھِ سانہٕ سٕنٛزِ گژھہٕ سُہ (شرانٛگ) گۄناہ کرِ نَس

بیٹھ مأیِل ۔ یَینِن گرٕ تَرٛاوُن، وطن ترٛاوُن، بیٛمہِ بتھ کُنہِ دُنیاہچ رٮ۪ژنُک خیال ترٛاوُن ۔ کُنہِ تہٕ لوب روزَن ۔ گرِ ووٚلۍ ہیٚنۍ بِلولاگی لاگِنا و بدلاوِتھ جایہِ جایہِ پھیٖرِن ۔ لیکن تہٕ اِذا دِیُن ، اکھ ٹێتس تہٕ دِہ یہِ تہٕ خاطرٕ کرُن ییٚس اور وکہٕ وِ یہِ نَس تہٕ ییٚس اتھہِ روٗٹ کرِ ۔ امہِ ہٕیژٕ تہٕ امہِ زندگی کھوتہٕ آسہِ نہٕ کانٛہہ بیٚنہِ نہٕ کانٛہہ زندگی کھسِتھ ۔“

اکھ ژٲیہِ زنانہٕ ٲس فِدوٗسِشکا نأوۍ، ژھوٚپ ، وٲنٛسہِ وٕری پٮ۪نٛژاہہِ مَرِ تہٕ شٔتلی ہٮ۪نٛسرِ ۔ ٲمِس ٲسۍ وٕری ترٛٮ۪ہ ... مرِ گٔژھتی ہٮ۪نٛز واریہِ ژَنجوٚرِ لاگِتھ پھیٖران ۔ شہزادِ مٔری یابہِ اوس ٲمی شُند زیادے یہن ۔ اکرِ دِہہ آسہِ ژہم ٲکِس اندِ گٔنٛڈ کٔمرِس مَنٛز بیہِتھ ۔ اندِ اوس صرف اکھ ژُونگ پاک تصویرن بٕرو نٛتھ کُنہِ دزان ۔ فِدوٗسِشکایہِ وُنۍ ٲمِس زندگی ہندی حالاتھ ۔ شہزادِ مٔری یابہِ کوٚر سَنٛج یٲژِھ محسوٗس زِ فِدوٗسِشکا ہیے چھیٚے اکھ سوٗ اِنسان ییٚمہِ زندگی مَنٛز سٕبنٛز رٕتھ لٔبمٕژ چھیٚے ۔ ٲتی کوٚر امہِ یاہٕ تہٕ زبارتس بیٚرٛنک فاصلہٕ ۔ فِدوٗسِشکا شوٗنج تہٕ شہزادی مٔری یارٕ ژہیٚرتانٛی اکھ بیٚچھ سوٗنچان ۔ آخرٕ کوٚرُن فاصلہٕ زِ یہِ ٲسۍ ژُن کوٗتاہ تہٕ عجیب مگر یہِ بیٚرٛ زیارتس ضروٗر ۔ تٔمہِ ووٚن نہٕ ییٚنِن یہِ سیٖر ٲکِس پادرِس اکنٕفی تس ورٲیہِ کانٛسہِ نہٕ ۔ ٲمی پادری کوٚر ٲمی سُند سُس اکھ بیرٲدٕس تائید ۔ شہزادِ مٔری یابہِ کوٚر بہانہٕ زِ یہِ چھس ہیٚمِن ژٲیرٕن کٕژٕ ڈالِہ سوٗمبراوان تہٕ امی بہانہٕ کٔرِ نۍ تٔمہِ ساری چیٖز جمع ییٚم زیارتس بیٚرٕ نٕہ خاطرٕ تٔمِس ضروٗرتھ بہہن، لوٗچھ، پلہور، پوٚرسکاٹہٕ ووٚل کوٗسٹھ تہٕ کٔرٕ ہیٚنۍ رُمال ۔ سوٗ ٲس مَنٛزری مَنٛزری نٮ۪تھ المارِ نِش گرٕ ھالی یٮ۪تھ مَنٛز تٔمہِ ییٚم چیٖز تھٲوی ہیتھ ٲسۍ ۔ سوٗنچان ٲس ہیٚیاہٕ بیٚرٛنک وقف ووتا کیٚژھ نہٕ ۔

